# مُلاقاتھ

(اَفسانہٕ سوٗمبرن)



اومکار کول

ترجمہٕ کار

پیارے ہَتاش

# مُلاقاتھ

(اَفسانہٕ سۆمبرن)



اومکار کول

ترجمہٕ کار

پیارے ہَتاش

| | | |
|---|---|---|
| کِتاب | : | مُلاقاتھ (Mulakat) |
| ترجمہٕ کار | : | پیارے ہَتاشؔ |
| چھپن وٕری | : | 2003 عیسوی |
| تعداد | : | پاُنژھ ہتھ |
| مول | : | 150/ روپیہِ |
| پریس | : | جے۔ کے۔ آفسیٹ پریس دہلی۔6 |
| کمپیوٗٹر کمپوزِنگ | : | رِنکوٗ کول |
| میلنگ پتاہ | : | ستی سَر (رجسٹرڈ) |

1- دوٗردرشن گیٹ لین، اولڈ جانی پوٗر، جموٗں۔7

2- کِتاب گھر ایم۔اے روٗڈ سری نگر کشمیر۔

3- کِتاب گھر، کنال روٗڈ جموٗں۔

# زان

ناو :- پیارے ہتاش

مالِک سُند ناو :- روگھناتھ ہنڈوٗ

زینہٕ جاے :- اننت ناگ کشمیر

تألیم :- بی۔اے (آنرس)

ایم۔اے (ہِندی + اُردوٗ)

بی۔ای۔سی، بی ایڈ

پوسٹ گریجویٹ ڈپلوما اِن جرنل اِزم اینڈ ماس کمیونیکیشن

ادیب کامل (آنرس اُردو)

پربھاکر (آنرس ہِندی)

سنگیت بھوشن

کووِدھ (پرو فیشنسی اِن سنسکرت)

پتاہ :- ستی سَر (رجسرڈ)

1- دوٗردرشن گیٹ لین، اولڈ جانی پوٗر، جموٗں۔ 180007

2- کِتاب گھر ایم۔اے روڈ سری نگر کشمیر۔

3- کِتاب گھر، کنال روڈ جموٗں۔

# ڈاکٹر اومکار کول

ڈاکٹر اومکار کول چھِ انڈین انسٹچوٹ آف لینگویجز سٹیڈیز ک چیرمین۔ یم آسی سینٹرل اِنسٹیچوٹ آف انڈین لینگویجز (گورنمنٹ آف اِنڈیا) منز ڈایرکٹر (2000-1999)۔ اَمہِ بڑونہہ آسی اَتھی اِدارس منز پرٛوفیسر تہٕ ڈپٹی۔ ڈایرکٹر (1999-1994)۔ یم آسی لال بہادر شاستری نیشنل اکادمی آف ایڈمنسٹریشنس منز پروفیسر تہٕ لینگویجز فیکلٹی ہندی سربراہ (1994-1987) تہٕ تمہِ بروٗنہہ آسی ناردرن ریجنل لینگویجز سینٹر پٹیالہ کی پرنسپل (1987-1971)۔

یمو چھےٚ جموں وکشمیر یونیورسٹی، آگرا یونیورسٹی تہٕ یونیورسٹی آف الہ ناے (USA) پیٹھ تعلیم حاصل کرمٕژ۔

ڈاکٹر کوٗلن چھےٚ لِسانیات، زبانن ہنٛزِ تعلیم، زبان تہٕ رسائیل تہٕ ادب کین موضوعن پیٹھ 45 کِتابہٕ چھاپہٕ ہٕژ۔ یمن منز چھےٚ کینٛہہ کِتابہٕ یمو ترتیب دِژمٕژ۔ کِتابو علاوٕ چھِ یمو وارِیاہ رِسرچ مقالہٕ لیکھی متی یِم زَن ہندوستان تہٕ بیروٗن مُلکن منز تہٕ چھےٚ چھاپ سپدی متی۔ یِم چھِ اَکھ سوتھ ایشین لینگویج رِوو جرنل تہٕ اڈِٹ کران۔

یِم چھِ کاشرِ تہٕ ہِندی زبانن منز افسانہٕ تہٕ اِسے تہٕ لیکھان۔ یمو چھےٚ وارِیاہن کاشرین اَفسانن تہٕ باقی زبانن منز ترجمہٕ کورمُت۔



# کأشُر ترجمہٕ کیٛازِ؟

دُنی یہس منز چھنہٕ زبانن شُمار۔ بیٛون بیٛون زبانن ہندی چھِ بیٛون بیٛون لِکھاری، اُدیب تہٕ شاعر۔ پزتھ زبٲنی ہندِس اَدبس منز چھِ ماری مُندی خیال تہٕ بیٛون بیٛون کلچرن ہنز ترجمانی موجود۔ اُدیبن تہٕ شاعرن ہندی موللی تخلیقی تجربہ تہٕ کارنامہٕ۔ یِمے تجربات تہٕ تخلیقی شاہپارٕ پنہٕ نین پرن والین تام واتناونہٕ خاطرٕ چھُ ترجمے اکھ ذریعہ تہٕ اکھ صورت۔ ترجمن ہنز کام چھےٚ پننس اَدبس منز اکھ خاص ہُربرتہٕ برٛزر کرنہٕ خاطرٕ سبٹھاہ فأیدمند۔

پننس کأشرِس اَدبس خدمتھ کرنکِہ اَمی غرضہٕ ووت مے وارِیاہ کالہٕ پتھٕ پننہٕ تخلیقی کامہٕ ستی ترجمہٕ تہٕ گران۔ 1991 منز کور مے برج بھاشاہٕ ٹھیٹھ ہیٛندی کِتابہٕ "سیارام شرن گپت ہنز حیات تہٕ شاعری" ہُند کأشُر ترجمہٕ ساہتیہٕ اکادمی ہنزِ یِژھایہٕ کِنۍ۔ 1992 منز کرِ مے ساہتیہٕ اکادمی بیاکھ اکھ اَنگریزی کِتاب "ڈاکٹر رادھا کرشنن حیات تہٕ کارنامہٕ (سأبقہٕ راشٹرپتی) کأشرِس منز پھِرنچ کأم تفویض۔ اَتھ کِتابہٕ منز آسی ڈاکٹر رادھا کرشنن ہندی کارنامہٕ تہٕ قومی خدمات وچھناونہٕ آمژ۔ 1993 منز سپدس بہٕ جموں کشمیر کلچرل اکادمی ہنز سفارِشہٕ پتھٕ ساہتیہٕ اکادمی ڈیکو لکتہ تہٕ شانتی نکیتن گژھتھ تیتیک سفرنامہٕ تحریر کرنہٕ خاطرٕ منتخب۔ اَدِ مے واتناوپنہٕ میٚجِنتہٕ تہٕ مقدورٕ بہٕ تفویض شُدٕ کأم اَند۔ مگر پننس شوقس کیٛاہ کری زِ۔ اَتھ سفرس دوران میوٚل مے بہلہٕ پایہٕ بنگالی اُدیبن تہٕ شاعرن ستی ملاقاتُک موقعہٕ۔ بہٕ رُوٗدُس بنگالی زبٲنی ہنز مشہور نظمہٕ سونبران تہٕ کأشرِس منز پھِران۔ یِمہٕ گیہٕ اکھ ہتھ نظمہٕ جماہ تہٕ یِمہٕ چھےٚ کأشرِس منز پھِرتھ۔ عنقریب یِیہٕ میٲنی یہ کامہٕ ہنٛ تہٕ تہُند بن اَتھن منز کِتأبی صورژ منز پیش۔ خأر ترجمہٕ رُوٗدُس بہٕ گران تہٕ اَز چھےٚ تہُند بن اَتھن منز کأشرِ زبٲنی ہندِس ژُکدار تہٕ شوربُرژ یافتہٕ اُدیب ڈاکٹر اومکار کول ہنزن ہیٛندی کہانین ہندِ کأشُر ترجُچ کِتاب "مُلاقاتھ"۔ ژٕ کیہٕ چھُ مے تہٕ کأشرِ زبٲنی ہُند ژُک تہٕ ستی چھم ترجمُک سبٹھاہ شوق تہٕ۔ یِمک یہ ٹاکارٕ ثبوتھ چھُ۔ داد دِنُن چھےٚ تہنز کأم۔

پیارے ہتاش

# زٕ لفظ

اَفسانہٕ چھُس بہٕ کالجس منٛز پرنہٕ کِہو دوہہٕ پیٹھے لیکھان۔ 1963ہٕ تام لیکھی متی وارِیاہ افسانہٕ گیہِ 1990ہٕ منٛز میأنِس آبأیی گامس (بوگام کولگام کشمیر) منٛز باقی کِتابن تہٕ کاغذن سٟتی نارٕ بزٕ۔

اَکتوبر 1963ہٕ منٛز ایم۔اے کٔرِتھ آس بہٕ کشیرِ پیٹھ دِلہِ۔ میون گوڈنیُک افسانہٕ "ٹھوٗشُن" چھپیو یِتہِ کِس أکِس ادبی رِسالس منٛز 1964ہٕ منٛز۔ آگراہَس منٛز رِہایٔش دوران (1964-1967) یِیلہِ بہٕ رِسرچ کران اوسُس لیکھی مے کینٛہہ افسانہٕ یِمو منٛز چھپیہِ کینٛہہ یِیتہِ کِس أکِس ادبی رِسالس منٛز تہٕ باقی گیہِ ظایہ۔

اَمریکہِ ہَس منٛز (1969-1971) تہٕ ہندوستان واپس یِتھ پٹیالہِ ہَس منٛز رِہایٔش دوران (1971-1987) روٗدُس بہٕ لِسانیٲتی تہٕ تدریسی موضوعن سٟتی وابس۔ رِسرچ گرنِس، پرناونس تہٕ دفترچن ذِمہٕ وأرِبن منٛز زیادٕ آوٗ رروزنہٕ سبہٕ لیکھِ نہٕ مے زیادٕ افسانہٕ کینٛہہ۔

مسوٗری منٛز رِہایٔش دوران (1987-1994) گیہِ مے بییہِ افسانہٕ لیکھنس منٛز دِلچسپی۔ شاید پھر میأنی دِلچسپی مسوٗری ہندِ بوقودرتی نظاروتہٕ پہاڑی ماحولَن اور کُن۔

میسوٗرس منٛز رِہایٔش دوران (1999-2000) روٗزیہِ دِلچسپی قایِم۔ مگر وِچ

روز سبٹھاہ قلت ۔

پنہٕ نین اَفسانن مُتلق کینٛہہ تہٕ وُنن چھُ سبٹھاہ مُشکل ۔ بییہ تہٕ تِمن افسانن مُتلِق یِم زَن کینٛژَن ژٕہنن واقہٕ ہَن تہٕ کردارن ستۍ وابس آسن ۔ بہٕ چھس کاشرِ تہٕ ہینٛدی زبانَن منٛز افسانہٕ لیکھان ۔ یتھ سوٗمبرنہِ منٛز چھِ پتۍ مس ڈٕہلس منٛز لیکھۍ متۍ کینٛہہ افسانہٕ درج ۔ یمن منٛز چھِ وارِیاہ تِتھۍ افسانہٕ یِم زَن کُنہِ تہٕ رِوایتی افسانن ہنٛز درجہٕ بندی منٛز چھِنہٕ یوان ۔ یِم افسانہٕ چھِ الگ الگ حادثن ، کرِدارن تہٕ تجرُبن ستۍ وابس ۔ کینٛہہ افسانہٕ چھِ لوٗکٕٹۍ یِم زَن شاید "مِنی افسانہٕ "چہِ درج بندی منٛز پوٗرٕ پأٹھۍ ہکو کھ نہٕ تھٲوِتھ ۔ میٲنس خیالس منٛز چھُ افسانہٕ نہٕ بوٚڈ آسان تہٕ نہٕ لوکٹ ۔ افسانہٕ چھُ موضوعس تہٕ نِے الفاظن منٛز بیان گران یتھن الفاظن ہنٛز ضرورتھ چھےٚ آسان ۔ یِمن افسانن منٛز چھُ باوٕژ تہٕ اوسلوٗبہٕ لحاظٕ کأفی ویٚنبر لبنہٕ یِوان ۔

یِم افسانہٕ پنا پرن والین پسند کِنہٕ نہٕ ، یہِ وُنن چھُ سبٹھاہ مُشکِل ۔ مےٚ رُوٗزِ پرن والین ہنٛز راے زانہٕ نِک اِنتظار ۔

بہٕ چھس تِمن سارِنےٚ دوستن ہُنٛد مشکوٗر ییمو میٲنۍ کینٛہہ افسانہٕ پٕرِتہٕ پٔنٛز راے دِژ کھ ۔ یِمن منٛز چھُ ڈاکٹر ریکھا شرما ، ڈاکٹر سدھیر ماتھر ، ڈاکٹر تِمن سِنگھ ، ڈاکٹر الکا گُلکرنی تہٕ شأمِل ۔

اَخرس چھس بہٕ شرٕژی پیارے ہَتاشٕ سُندتہٕ منموٗن ییمو ہینٛدی زبانٕ منٛز لیکھۍ متۍ اَفسانہٕ کاشرِس منٛز پھرِی ۔ بہٕ چھس رِنکوٗ کولن تہٕ مشکوٗر ییمو یِمن افسانن ہنٛز ڈی ۔ ٹی ۔ پی کأم انجام دِژ ۔

اومکار کول

# اَکھ زِ کتھ

کُنہ زبٲنی ہُند تخلیقی اَدب یانے فِکشن یا شاعری بیٚیِس زبٲنی منٛز پھِرُنک عمل چھُ پتھ کالہٕ پیٹھ اَز تام کم یا زیادٕ برابر قایم روٗدمُت تہٕ اَتھ مُتعلق مختلف تہٕ مُتفاد رایہِ ترٲیہِ تہٕ تھیوریز پیش سپدنہٕ، تہٕ گاہے گاہے یہِ وننہٕ باوجوٗد زِ تخلیقی اَدب ہیکہِ نہٕ ترجمک مُتحمل سپدِتھ، چھےٚ ترجمہٕ کٲری عالمی اَدبس ہور برکران روٗزمٕژ۔ ترجمہٕ کرنکی زٕ طریقہٕ چھِ عموماً عملاونہٕ آمتی، اَکھ اصل متن موضوٗع (content) قرار دِتھ، موضوع بیٚیِس زبٲنی منٛز منتقل کرُن۔ یہِ طریقہٕ چھُ ننہٕ وانہٕ اصل متنٛک لفظی ترجمہٕ کرُنس برابر تہٕ یتھ نتیجس پیٹھ واتُن چھُنہٕ مُشکِل زِ ترجمک یہِ طریقہٕ چھُ اصل فن پارُک وجوٗد تہٕ اَمیک تخلیقی تجرُبہٕ گال کھاتس تراوُنس برابر۔ اَمہٕ ستی چھُ اصل فن پارٕ بجایہِ اَکھ بیا کھرٕژی چیز بڑونٛتھ کُن یِوان۔ دوییم طریقہٕ چھُ تخلیقی ترجمہٕ کٲری ہُند، یہِ چھُ اصل فن پارُک تخلیقی وجوٗد بدِ کڈِتھ دوٗیمِ زبٲنی منٛز پھِرُنک عمل۔ یہِ چھُ ژکہِ فن پارُک وجوٗد اَمہِ کِس لِسٲنی ساختس منٛز ڈٲری یاف گرٕنک مہمٲتی عمل۔ یہِ چھُ لفظ تہٕ لفظن ہُند بو اَنسلا کا توستی اَکھ فرضی تجربہٕ وونہِ لاونک طریقہٕ۔ اَمہِ موجوٗب چھےٚ اصل فن پارکین لفظن ہوی لفظٕ ڈٕرتاوِنی۔ تہٕ گو ناگریزہٕ کہِ متبادل لفظ پننہٕ نبو اِنسلا کٲتی حیا توستی ترتیب

دِنی ۔ لِہاذا گوٚژھِ ترجمہٕ کَرنُس دوشہ وٕنی زبانَن پٹھ ہیوٚے دَست رس آسُن۔

پیارے ہتاش چھنہٕ کُنہِ تعارفُک محتاج۔ تِم چھِ کشیرِ ہِندی مقبوٗل تہٕ مشہوٗر شاعر تہٕ اَدیب تہٕ بیٚیہِ یہِ ذٲژ زِ تہٕ اَدبُک فلہٕ وٲے۔ تِمو چھُ ترجمہٕ کٲری مَنٛز تہِ ناولو بمَت۔ یہِ چھےٚ خوشی ہِنٛز کَتھ زِ تِمو چھُ ہیٚندی زبٲنی ہِندی نامآور افسانہٕ نِگار ڈاکٹر اومکار کولنَن موٚخصر افسانَن ہُند کٲشرِس مَنٛز ترجمہٕ کوٚرمُت۔ اومکار کول چھِ عالمی شوہرتُک ماہرِ لسانیات اَماپوٚز افسانہٕ نِگٲری تہِ چھُ تِہُند میدان۔

پیارے ہتاشن چھِ اَکِسی افسانہٕ نِگارٕ ہِندی مُنتخب افسانہٕ ہیٚندی پٹھٕ کٲشرِس مَنٛز منتقل کَری مَتی۔ اَمہِ سٟتی تہٕ صِرف ہیکہِ افسانہٕ نِگارٕ ہِندِ تھزُک اَنداز کَرُن مُمکن سَپدتھ، بَلکہٕ چھُ کٲشرِس اَدبَس تہِ ہور بر گوٚمُت۔ پیارے ہتاشن چھُ یہِ ترجمہٕ بڑٕ ژُوکہِ سان تہٕ ترجمہٕ کٲری ہِندبو تقاضو مُطابق کوٚرمُت تہٕ دوشہٕ وٕنی زبانَن یانے ہیٚندی تہِ کٲشرِس پٹھ پَنہٕ قوبو آسنُک باس دیشمُت۔ ترجمہٕ پران پران چھُ باسان زَن تہِ یِم افسانہٕ کٲشرِس مَنٛز ہے لیکھنہٕ آمتی۔ اَمہِ کھوتہٕ کیاہ ہیکہِ ترجمہٕ چہٕ کامیابی ہُند ثبوت اَستھ؟

حامدی کاشمیری

جوٚم۔ 5۔ جنوری ۔ 2003

# پیش کلام

ڈاکٹر اومکار کول چھُ کاشرِ زبأنی ہُند سبٕتھاہ بوٗڈ تہٕ معتبر سُکالر شِناس تہٕ بھاشا گیأنی۔ تِمو کوٗر پننہِ اعلیٰ سطحس پیٹھ گذارمژ علمی زِندگی منٛز اَمہِ زِچھہِ تہٕ زِندہِ زبأنی ہُند کونگہٕ مشک پھہلاوُنس تہٕ وُتشاوُنس منٛز، اَمہِ کِبن زآوی جارن ہنٛز زان کرناوُنس منٛز تہٕ اَتھ ہندوستانی زبأنبن ہِندِس پریوارس منٛز ہیوٗ رُگن جاے شیرناوُنس منٛز اکھ اہم حِصہٕ ادا۔ بوزوٗے تہٕ تِمو تھووپکن یہِ خوٗبصورت آور بر عالمی پیمانس پیٹھ تہِ جأری۔ تِہندی کنٛز ووت سانہِ زبأنی ہُند وبٕزار وبلاس عالمس تہٕ عجمس۔ تِم رٕوٗدی یہِ توسہٕ پن وبٕزہٕ ناوُنس تہٕ واہرارنس منٛز دھننہٕ پننہٕ لِگتھ تہٕ اَز چھُ توے تِہُند ناو تِہنٛز ماجہِ کٔشیرِ کھوتہٕ وبلایتن منٛزے زیادٕ نون تہٕ نموٗ دار۔ تِہنٛزٕ درجنہٕ واد کِتابو چھُ پٔزی کنٛز کاشُر لوٗکہٕ اَدب تہٕ علمی تھزر زنٛزراوُنس تہٕ نیشناوُنس منٛز سبٕتھاہ زبر حصہٕ اداکوٗرمُت۔

علم و فضل تہٕ گیان دھیان موچھِ منٛز تھأوِتھ چھُ تِمن تخلیقی ادبُک ہوش تہٕ بوش تہٕ تِچ چھِ تسُند بن ہم وطنن کہے پہن خبر۔ تِہنٛز زیرِ نظر افسانہٕ سوٗمبرن چھِ ہیٚندی پأٹھی لیکھنہٕ آمٕژ۔ مگر یہِ چھُ تِہنٛز وو پزاوُ وُزنہٕ ہُند پے دِوان۔ ہیٚندی چھ سبٕتھاہ وِشال بھاشا۔ یہِ ہیکہِ نہٕ وٕنتھ زِتھ منٛز کاژاہ گنجأیش نیرِ یِمہِ کِتابہٕ ہِندِ خأطرٕ۔ البتہٕ کأشرِس کرِ چھِ یہِ واریاہ لوٗبہٕ وِنی۔ کأشرِس منٛز چھُ

افسانوی ادب ورتو حسابہٕ کہِ پہن مگر اَمِچ قدرتہٕ تیہہ چھِ بڈٕہم تہٕ شولہٕ وِنی۔ تیٚوٗت کُرِتھ سامہٕ یہٕ سومبرن اَتھ منٛز پَنٛنی جاے۔

یِم افسانہٕ چھِ زن تہٕ دوٚہہٕ دِش چہِ زِندگی ہِنٛز تمہٕ قاشہٕ تہٕ کالہٕ، یِم سائنس زِگتس یِوٗت دِلچسپ سرٕ سازی تہٕ ہے بنگہٕ کرن وول بناوان چھِ۔ یِمن ہُنٛد زلہٕ وُن زلہٕ وُن اِظہار چھُ یِمن نوٚہنہٕ تہٕ لایقِ توجہ بناوان۔ اکثر افسانن ہُنٛد اند چھُ زَن تہٕ گھنٹایہٕ ہُنٛد سُوٗتھنی ہیٚو، یُس عظیم کاشُرس سوندریہ شاستری آچاریہٕ آنندوردھن ہنٛز کتھ زن تہٕ دُھنی ہٕندی پاٗٹھی زیٚوٗٹھ واپسی گربز چھُ پادٕ کران تہٕ واریاہہٕ کالی اصل کتھِ واتناوان۔ واریاہن افسانچن چھُ ذاتی، تجربن ہنٛز موہرہش۔ مےٚ زن آیہٕ پنٕہ نِس اَندی پکھس منٛز یِمن افسانن ہِندی واریاہ کردار وَنہٕ۔ رِندان دڑوکان، ژدیہٕ کران تہٕ ٹوٚٹھ میٚوٗٹھ ژھانڈان۔ یِم افسانہٕ چھِنہٕ کشیر منٛز لیکھنہٕ آمتی۔ مگر کردار چھ بہرحال اِنسان تہٕ اِنسان سنٛزن خوین خصلژن۔ ژھومبن تہٕ ژھیپہٕ ژھاربن گتہٕ گیربن تہٕ ترٛاین گراین ہنٛز ترجمانی کران۔ اِنسانی جذبن تہٕ یٚژھن ہِندی رنگ تہٕ رس پیش کران۔ گون چھُکھ یہٕ زِ کول صاٗبن چھُ ساد زبانی تہٕ لفظن ہُنٛد کمال کِفایتہٕ سان ورتومُت۔ تہٕ توے چھُ خالے کانٛہہ لفظ ژوٗریا فضوٗل باسان۔ افسانچ کیٚژن اَکِس ژھوٚٹ ژھوٚٹے مگر تاثیر تہٕ تاپر چھُکھ سولبہٕ سولبہٕ تہٕ گتل۔ کول صاٗبن چھِ کتھِ لارِتھاروِ آے اَسہٕ وِنہٕ ہونٛجہ یعنی اکھ مزہ دار Sense of Humour رژھر اَوِتھ بادِمژ۔ توے چھ تجھٕن تلان

ٹلان تہٕ رنٛز ناوان، بہ کرٕ سمبنٛد، تحفہٕ، نوکری، ہیوٚن افسانٛچن ہُنٛد خاص ذِکر۔
کینٛژٕن جاین چھُ بیان تیوٗت شوٗبہٕ دار بنان زِ راسہٕ پاٹھی چھُ کشیرِ ہُنٛد
سونکُت گرٕ ھان۔ بس اکے مِثال۔

"بہٕ کیاہ منگہٕ ہَس؟ میہ کیاہ گرٕ ھِہٕ؟ سُہ کیاہ سوزیاہ میہ میژ پارسل
گٔرِتھ؟ سُہ سوزیاہ جوین ہُنٛد آب یا ٹھنٛڈٕ ہوا؟ سُہ سوزیاہ کلین ہُنٛد بامُن؟
خوشِیوٗن پوشہِ زار یا بوٚنین ہُنٛد شہُل۔"

یہِ کِتاب چھِ میأنی ٹاٹھی عزیز پیارے ہَتاشن کأشرِس منٛز پھیرمٕژ۔
تَمہِ روأنی سان زَن تہِ یہِ کأشرِ پاٹھی لیکھنہٕ آمٕژ چھِ۔ ہَتاش چھُ کأشرِس
خدمت کَران۔ دوان دوران۔ لیکھان تہٕ تلاش کران۔ یہِ اوسُس گوٚرہ
وٕژُنے۔ لہٰذا اچھن ترجمہٕ وارَے قلم دٔرہ راوِتھ کوٚرمُت۔ کُنہِ کُنہِ ہیکہِ ہوس
ٹھاکھ تہِ گٔرِتھ۔ مِثالے کأشرِس منٛز چھُ پوشہ زارٕ کھوتہٕ پوشہِ پینٛڈ وُن زیادٕ
پژیہ وُن باسان۔ مگر یہِ گوآہرِی بانس منٛز زن تہِ اکھ اوڈ مُوٹھی پھولاہ ہیو۔

میہ چھِ آش زِ یہِ کِتاب سپدٕ کأشرِس منٛز سبٹھاہ لوٗکہٕ ساوی تہٕ نِصابہٕ
وألی چوکی دٔر تہِ دارن اَتھ زیوٗٹھ ہلمَ۔

محمد یوسف ٹینگ

وزارت روڈ۔ جموں

27/مارچ 2003

# ترتیب

# خبر اَتر

تَس اَس پننہٕ ننن حَق ہمسایَن ہٕنز پۆر خبر اَتر روزان۔ کُس کیٛاہ چھُ گران؟۔ کہٕنٛدِس گرس منٛز کیٛاہ چھُ رننہٕ پاکوٕنہٕ یِوان؟ کُس کُسنٛد گرٕ چھُ یِوان گوٛھان؟۔ کسنٛدٕ ی شُری بأژ کیٛاہ چھِ گران؟۔ اَتھ لوکٕٹس مَحلس منٛز کیٛاہ چھُ سپدان؟۔ تمیٛک پےٚ پَتاہ میلہِ ہے تۄہہِ مسز شرمایہِ نِشی۔ تسُنٛد روبہٕ داب اوس یۆت یُتھ سأری محلہٕ وألی أسی تَس کھوژان۔ گرٕ گلی مامَلن منٛز تہِ أسس سأری صَلاح مَشورٕ ہیوان۔ زنانہٕ تہِ مردتہِ۔ شُری أسی اِمو کھٕ کھوژان زِہرگاہ تہنٛدِ ذٕس کانٛہہ غلطی سپدِ ہے تَتھ پٮ۪ٹھ أس شکایت سَپدان تہِ تِمن اوس شلکھ گرنہٕ یِوان۔ سو أس لوکٕٹن تہِ بَڈٮ۪ن ہٕنز شرما آنٹیماننہٕ یِوان۔

یُتےٚ یوت نہٕ پانہٕ شرِ ماجی تہِ اوس تَس کھوژان۔ تَس اوس پننہٕ نہِ دفترٕ پٮ۪ٹھٕ ینگ وق تہِ مُقرر۔ سُہ ہیکہِ ہے نہٕ پانٛژھ دٕہ منٹ تہِ ژٕپرٕ ی تھ۔ سُہ اوس حأران زِتہٕنٛدِ دَفترٕچہِ کیٛنٛہہ گٕتھٕ أس سوا کٕژ تمِس بڑ وٕتھےٚ زانان۔ کیٛژٕن سرٕ گتھن ہُنٛد تہِ اوس تَس پَے لگان۔ یہِ چھےٚ وَکھرٕ گتھ زِ شرماجیس آسہٕ دَفترٕچہِ سارےٚ گتھٕ گرِ بوزناونہِ یِوان۔ اَز کیٛاہ ڈاک اوس دَفتر ووتمت؟۔ کم کم أسی دَفتر آمٕتی تہِ کم

مُلازِم اُسی نہٕ۔ بڑٕ افسرن کُس کُس بُلوو پٔتّن دَفترہٕ کُس ہتی کیاہ کتھ سپد ییہٕ۔ شریمتی شرمایہِ آسہٕ یمہٕ کتھِ بوزنہٕ پَسند یوان۔ شرماجی اوس نہٕ پَننہٕ آشینہٕ نِش کانْہہ تہٕ کتھ کھٔٹِتھ ہیکان تھٔوِتھ۔ دراصل اوس نہٕ تَس کہنی پوٗشید روزان۔

شرماجی اوس کُنہِ کُنہِ سونچان زِ ہرگاہ تٔسند بدلہٕ تسٕنزِ زنانہٕ نوکری کران آسہِ ہے تَس کٲژاہ کامیٲبی ہیکہِ ہے میلتھ۔ خبر اَتھ تہٕ پے پَتاہ تھونس منٛز اُس سو ماہِر تہٕ سوٗ اُس یہِ شیٛچھ خبرتہٕ جان پٲٹھی پیش ہیکان کٔرِتھ۔ صحافتکس مٲدانس منٛز تہٕ روزِ ہے سو کامیاب۔ وونی گو تَس اُس اَکھ کمزوری زِ سوٗ اُس نہٕ پٔرِتھ لیچھتھ ہُو۔ سوٗ اُس باربارِی وَنان زِ تتھ منٛز چھِنہٕ تَس کانْہہ راہ۔ سوٗ اُس نوٕ یمی جمٲژ پران زِ مٲلی ماجہِ کوٚرُس کھانٛدر۔ کھانٛدرٕ پتےٚ زالیس شُری۔ ذِمہ وٲری بڑیس تہٕ اَمہِ کِنہٕ ہیچِنہٕ سوٗ پٔنٛز تٲلیم جٲری تھٔوِتھ۔ اَماپوٗز تَس کیاہ اوس ڈِگری یَن کرُن۔ سوٗ اُس محلہٕ چِن سارِنے پرَموٗن لیچھِتھ ہوٗن زنانن کھوتہٕ سمجھدار تہٕ ہُشیار۔ سارِنے اُس تَس بزٕونْہہ کُنہِ کوٚرِ گوٚہان۔

تٔسند زیٹھ نیچو اوس ہای سکولُک اِمتحان پاس کٔری تھے کتھ تام دوٚیمس شہرس منٛز روزان۔ مجلس منٛز اوس نہٕ کانٛسہِ پے زِ سُہ کیاہ چھُ کران۔ پتی میٚن دون وٕری بن منٛز اوس سُہ صرف اکھِ دوٚیہِ لٹہِ گرٕ آمُت۔ تسٕنزلوٗکٹ کوٗر رَما اُس کالیج گوٚہان۔

اَز آوا اَکھ عجیب دولابہٕ بُتھِ ۔ وَیسے اُسۍ راتھ اۆترٕ پیٹھے مَحلٕہ وألۍ پانہٕ وأنۍ ژۆرِ ژۆرِ کیٛاہ تام کَتھہٕ کتھ گران ۔ لُکھ اُسۍ پَننہِ پننہِ آیہِ کَتھہٕ گران ۔ رَما اُس نہٕ پُتۍ موٗدو یو دو ہَو پیٹھ گرٕ آمُت ۔ اَز اُس اَخبارَس منٛز اَکھ لوکٕٹ موکٕٹ خبر چھپیمٕژ زِ سو چھےٚ کَس تام رمیشس سٕتۍ ژٕجمٕژ ۔ سٕتۍ چھُن گرٕ منٛزٕ پوٗنسہٕ ٹۆنک تہِ نیوٗمُت ۔ رَمیش اوس رمایہِ گرٕ پَرناوان ۔ سُہ اوس پۆر مُت لیۆکھمُت بے روزگار نوجوان ۔ نکھے اَکہِ مَحلُک روزَن وول ۔ کأنسہِ اُس نہٕ یہِ کَتھ بیٛہان ۔

شرما جی اوس پننہِ آشنہِ بار بار یہے کتھ وَنان زِ چانہِ حاضرِی منٛز ۔ کتھہٕ سپَد یہِ واقہٕ ۔ ژےٚ روٗ دُے ناپننہٕ گرُک پَتہٕ یوتام ژأ نگج نی ہے کَڈِتھ ۔ شرٛیمتی شرمایہِ ہیٚتۍ بالکونی پیٹھ کھٔستھ بڈِ بڈِ بارَ ودِ نۍ زِ یہِ خبر چھےٚ سَراسَر غلط ۔ یہِ ہیکہِ نہٕ سپدِ تھے ۔



# اِنٹر وِیوٗ

تمِن چھےٚ پَنٕنۍ اَکھ خاص پزٕ زنتھ۔ بٔڈۍ بٔڈۍ تاۓلیمی اَدارٕ چھِ تمِن اکثر انٹرِ ویوٗ پیٚنلہِ منٛز بَحیثیت خاص ماہرِ بُلاوان۔ وَننہٕ چھُ یِوان زِ تمِن چھُ پَنہٕ نِس مضموٗنس پیٹھ پوٗرٕ پوٗرٕ محارَتھ حاصِل۔ تم چھِ موخصر سوال گران۔ وومیدوارن چھِ اپرِ ی پیرِ ی والان۔

اَتھ تاۓلیمی ادَارس منٛز آسی تم گوڈٕنچہِ لٹہِ ماہرِ بٔنتھِ آمتۍ۔ پانٛژن آیگھ نہٕ بَرابَری۔ آخرس پیٹھ آوا اَکھ وومیدوار۔ اندرٕ اَژی تھے کوٚرٕتمۍ تمِن باظابطہٕ پزٕ نام تہٕ دوٚیمین میمبرَن کوٚرُن اَسہٕ وُنہِ پونجہِ گُلۍ گنٛڈِتھ نمسکار۔ بورڈٕکۍ صدرَن ووٚن مضموٗنکس ماہرِس سَوال پزٕ ژھنہٕ باپتھ۔ اَماپوٚز تسُنٛد سیٚو دجَواب اوس زِ اُمس پزٕ ژھۍ توَ توٚ ہی سوال۔ یہِ چھُ میٚون شاگرِد تہٕ بہٕ کیاہ ہیکہٕ اُمس پزٕ ژھتھ۔ بورڈٕکۍ باقۍ میمبرَ تہِ گم سوال ہیکہٕ ہن اُمس پزٕ ژھِتھ۔ سُہ دژ اوسارِنۍ شُکرِیہِ ادا کرِتھ اَسان اَسان کمرٕ منٛزٕ نبرَ۔ سۓ سپُد مُنتخب۔



# سمبنٛد

تِم دوشوے اَسی اکی ہے دفترس منٛز کٲم کران ۔ چھٹیوٚ پتہٕ واریاہہ کٲلی
پھیوٚر سُبھاش پنٕنہِ شہر پیٹھ واپس ۔ تَس وآ ژ سرِ تایہِ ہنٛد کھاندر چ شیچھ ۔ تمُ وُچھ
دوٚرِ سرِ تا شوخ گُلٲبی دوتہِ منٛز ۔ تَس آوگلس یوٚہے گیوٚ رہیوٚ ۔ تسُند گرِ اوس نکھے ۔
کلرکس وٕنتھ دژ اوسہ لنٛچہ بڑونٛتھے گرِ گُن ۔

سرِ تا آیہِ کاجس تسُند گرِ ۔ اَسِنہاہ گرتھ کوٚرن سُبھاشس نمسکار ۔ ییٚہ ہتھ
تہِ زوٚرنہٕ تمی اَسن ۔ سہ گوٚ پنٕنہِ نِس ببڈ روٗمس منٛز ۔ بون گُن بتھس اتھہٕ زِ دِتھ ہیوٚتُن
پشُن ۔ سرِ تا آیس بڑونہہ گن تہٕ ہیٹھ پلنٛگس پیٹھ تہٕ لٔج تہِنٛدِس کلس تہٕ شانن پھش
پھش دِنہِ ۔ صیحیح شیچھ خبر پڑ زٕہنس ۔ سُبھاشن دیُت لرِ پھرِن ۔ تَس وُچھتھ لوٚگ
سہ بڈِ بڈ ودنہِ ۔ تَس اوس سورُے بتھ اشہِ ستی سری گومُت ۔ سرِ تایہِ ووتھر وو تسُند
سورُے اوٚش پنٕنہِ نہِ رُمالہِ ستی ۔ تمہِ روٚٹ سُبھاش پنٕنہِ نِس وچھس ستی ۔ سُبھاش
ہنٛد بوٚ أشی قطرو ستی ہیوٚتُن سرِ تایہِ بلاوٕ زأدرن ۔ سرِ تایہِ تہِ آیہِ اشی بکہِ ۔

کینٛژن منٹن روٗدی تم اکھاکس منٛز لیٖن تہٕ آورِ ۔ ییلہِ تم ہوشہِ آیہِ
تہٕ سرِ تایہِ ووٚننس ۔ "مے کوٚر سرِ یشس ستی کھاندر" ۔ کھاندر تہِ اوس اکہِ نتہٕ

اَکہِ دوہُہ کَرِ نُے ۔اَماپوٚ زموحبَتھ چھُس بہٕ ژیِے ٖستی گران"۔

سُبھاشن ہیٚتی پٔنٕنی پلوٗ ٹھیکھ کرٕنی ۔سَرِ تا گیہِ باتھ روٗمس منٛز پَتہٕ بنأوتمہِ چوگس منٛز چاے۔ دوشوٕیَو چیٚیہِ ڈرائینگ روٗمس منٛز چاے۔ دَفترچہِ چھُٹی ہُنٛد وَقت اوس سپُد مُت ۔تمہِ ہیٚوٚت نیرُن ۔ نیران نیران پُرٛ ژھنَس ۔"ووٕنی گرگرکھ ژٕ اَسہِ دوشوٕنی سال؟" مےٚ چھِ سُریشَس نِش چأنی سَنٛخ تأرِیف کٔرِمٕتی ۔سُہ ییٚژھی ژےٚ سمکھُن ۔



# مُلاقاتھ

آکاش تہٕ اروِند اَسۍ اَکس تأنٛلیمی وٕرکشاپس منٛز سمکھے ٲتۍ۔ دوشوٕنی سپٕز پانہٕ وأنۍ زان پچھان۔ کینٛہہ دوہ گوٚژھتھ گوٚ آکاش کٔمہِ تام کامہِ باپتھ دِلہِ۔ ارو‍ِندس سمکھٕنہِ گوٚ تٔسند دَفتر۔ تِمس وُچھِتھ سپُد ارو‍ِند سبٹھاہ خوش۔ تِمۍ اَنہٕ ناو چاے۔ دوشوٕے اَسۍ اورٕچہٕ یورٕچہٕ گٔتھ کٔرنس منٛز مشغول۔ تِتھے ژایہِ اَکھ رَنگٕہ ژٕرہش سوٚندر زنانہ اَتھ کمرس منٛز۔ تَس آسہٕ بادام چٔشمہٕ تہٕ نستہِ خٔنجر۔ مستس اوٚسُس گٹ گٔرتھ۔ سوٕ اَس جلدی منٛزٕ ے۔ سوٕ آیہِ سیوٚدُے ارو‍ِند ہٕندِس ٹیبلس نکھہٕ۔ ارو‍ِندس کوٚرُن اَکھ لِفافہٕ حوالہٕ تہٕ دٕژایہٕ پوٚت کھورِ واپس۔ تِتھُے سوٕ آیہِ۔ سأرِے کمرس منٛز پھہلیوٚ وسبٹک مُشکِ ادَفر۔ آکاشس ژوٚل ہکہٕ نیرتھ۔

واہ! کیٛاہ چیز! یہِ کوٚسہٕ چھےٚ؟

ارو‍ِندن دیُت نس جلدٕ جَواب۔

"یہِ چھےٚ میأنۍ آشِنٛز۔"



# راتہٕ موغُل

اَکاڈمی منٛز اُس ہیمالیہِ آرٹچ ، تمہٕ نٛچ تہٕ جانورن ہیٚتر ہنٛز نُمایٔش لٔجمٕژ۔ ژوپأری اُس ووسہٕ دژوسہٕ۔ خاص کٔرِتھ تمِن منٛز یم اَمی شوہکی چھِ تہٕ پانٛس مأہرِ وبند ان چھِ۔ اَوٕ کنٛی اوس پرٛدیپ نُمأیِشہِ منٛز تھونہٕ آمٕتین چیزن منٛز دِلچسپی نوان۔ پرٛدیپس ستی سپٕز نُمأیِشہِ منٛز تھونہٕ آمٕتین چیزن پٮ۪ٹھ کتھ باتھ۔

اَنکُر :- توہہِ وُچھو نانُمأیِشہِ منٛز پہأڈی راتہٕ موغُل؟

پرٛدیپ :- اَہنساوُچھم۔

اَنکُر :- راتہٕ موغلن تہٕ وُچھِوتوہی؟

پرٛدیپ :- اَوٕ وُچھِنس۔

اَنکُر :- پرٛزناوی نواہ؟

پردیپن دیٚتس نہٕ جواب۔ اَنکرس روٗد مأہرِ ہندِ جوابُک اِنتظار۔



# تبَصرٕ

تِہنز ِکتابہِ پٮ۪ٹھ اوس نہٕ تبَصرٕ اَوٕ موکھ جان تِکیاز ِتبصرٕ نِگار یُس زَن
تِہنٛدِ ی مضموٗنک ماہرِ اوس، اوس تھٕدِس عوہدٕس پٮ۪ٹھ تاٛینات ۔ کِتابہِ پٮ۪ٹھ تبصرٕ
وُچھِتھ گیہِ تم ہے بنگہٕ ۔ تِمو اٰنٛژ پٔننٛزٕ ترٛ ییٛشوٗ ے شاگرِ دگرٕ چایہِ پٮ۪ٹھ سال گرِتھ ۔ کِتابہِ
ہِنٛدِس تبَصرس پٮ۪ٹھ آیہِ بوز شوز کرنہٕ ۔ پَنہٕ نوٗ شاگرِ دوٚ وٗسی تبصرٕ نِگارس بدٕ ردونہٕ
کِنٛز گوَ تِہنٛد غوصہٕ رَژ ھا ٹھَنٛڈٕ ۔

تِہنٛدِس مَنس منٛز آو اَکھ خیال ۔ تِموَ وۄن ترٛ ییٛشوٗنی شاگرِدَن کتابہِ پٮ۪ٹھ
بیٚون بیٚون تبَصرٕ لیکھنہٕ باپتھ ۔ ترٛ ییٛشوٗ ے لٔگ اَکھ اَکس کُن تھلہِ تھلہِ وُچھنہِ ۔ نہَ
اُسی تم مضموٗن زانان تہٕ نہَ اوسُکھ لیکھنُک باش ۔ تِمو ژیٚون تہٕ دِتکھ ترٛ ییٛشوٗنی
شاگرِدن اَکہِ اَکہِ کِتابہٕ ہِنٛدِس تبَصرَس پٮ۪ٹھ اِملا ۔ ترٛبن رِسالن ہِنٛدبن مُدیرَن
آیہِ اَلگ اَلگ تم ترٛ ییٛشوٗ ے تبَصرٕ سوزنہٕ ۔

تبَصرٕ چھپے یہِ ۔ کِتابہٕ متلِق اوس دوٚنی اَکُے تبَصُرٕ ناکارٕ ۔ باقٕے ترٛ ے اُسی
تأرٕیفو برِتھ ۔ تِمن سارنٕے شاگرِدن سَپُد کأفی اِطمینان حأصل ۔ اَوٕ موکھ زِ تِہنٛدٕ ی
تبَصرٕ چھپنہٕ کِنٛز سَپُد تِہنٛد بن چھاپ سپدٕ وِنن مقالن ہِنٛد بن فرِصتن منٛز ہُر بر ۔



# جبرٕوٗت

سُہ اوس لوکچارِ پیٹھے مَنٛد چھِ بُڑ۔ کورٕن ہِتی گتھ گرنس اوس پَتھ روزان۔ أنٛدری أنٛدری اوس ضوٚرۄ ریٚژھان زِتَس تہِ گوژھ کأنٛسہِ کورِ ہِتی دوستانہٕ سَپدُن۔ وارِیاہ موقٕہٕ گَیِس اَتھہِ۔ اکثر أس تَس کأنٛسہِ کورِ ہِتی گتھ گرنہٕ وِزِ زیوٚ گلان ہِش تہٕ دِلس أسس دُبرائے ہِش گژھان۔

وَق بَدلیوٚ۔ سُہ لوٚگ نوکری۔ دَفترَس منٛزٕ تہِ اوس نہٕ سُہ سارِنٕے ہِتی خاص گرزنانَن ہِتی وَژھِ وأنٛجہِ گتھ گرِتھ ہیکان۔ لۆکھ أسی تِمَس اَکثر بُلہٕ چورِ وَنان۔

سُہ اوس بَدلُن یژھان اماپوٚز رَتھٕ پأٹھی؟ سُہ اوس پَنہٕ نہِ دفترِکین دوٚیمین مُلأزِمن، یِمن منٛز زَنانہٕ تہِ آسہٕ، پانہٕ وأنی کھُلہٕ ڈُلہٕ اَسان تہٕ گتھٕ گران وُچھان، تَس تہِ آس وُٹھن پیٹھ اَسن گژائے ہِش یِوان مگر سُہ اوس تَتھ گھٹنٕج کوٗشِش گران۔

زانہِ دَے سُشمایہِ پیٹھ رَتھٕ اوس تَس بوٚ رۄسہٕ ہیوٚ۔ تِکیازِ سوے أژ أس وأحِد اَکھ کوٗریو سٕہ نہٕ تَس ہبڑان أس۔ تِمَس ہِتی أس سو بڈٕ احترامہٕ سان گتھ گران۔ سُشما أس حال حالے اَتھ دفترس منٛز نوکری لٔجمٕژ۔

اَکہِ دوہہ آیہِ لنٛجہِ وَقتہٕ سُشما تہٕندس کمرَس منٛز۔ آلوکن ووٚن تِمَس بیٛہنہٕ

باپتھ ۔ سُشمایہِ وۄننس ۔ "پکو کنٹینس منز چموَ چاے"۔

آلوکن کٔڈ یہے ووٚتھ ہش تہٕ سۭپد تیار۔ دوشوے ژایہِ کینٹینس منز۔ اَتہِ
اُس واریاہ ہیر بارٕ ے۔ اَکھ ٹیبل وُچھکھ خٲلی۔ سُشمایہِ ٔتی بیٚہنا ٔوِتھ گوٚ آلوک پانہٕ
کوَنٹرس پیٹھ چاے اَننہِ ۔ ییٚلہِ سُہ کونٹرٕ پیٹھ چالیس زٕ پیالہٕ ٹرٕ ییہٕ منز ہیتھ واپس
یِوان اوس ، تمۍ وُچھ دوٗری تہندِس ٹیبلس پیٹھ سُشمایہِ نِش بیٚٹھ کھ ساتھی رمیش
ہیتھ ۔ دوٚنوے اُسی گتھ تام گتھِ پیٹھ ٹھاہ ٹھاہ گرِتھ اَسان ۔ آلوکس ڈٕلی پٔنی ۔ تمۍ تھوٚ
کوٗنٹرس نکھے اَکِس خٲلی ٹیبلس پیٹھ چایہِ ٹرٕ ے تہٕ سارِنٕے ہنٛز نظر بچاوِتھ دژاو
کنٹینہٕ پیٹھٕ نبرَ ۔ تَس تیزیہِ اچانک دِلچ دُبرا ے۔



# پڑٛ آتی

بَتہٕ کھیتھ ژاس بہٕ آرام کَرنہٕ باپتھ أندرِمس کُمرس منٛز۔ تَتہِ اوس نہٕ کِنٛہہ۔ اَکھ تکٕیہِ شانٛد دِتھ ترٛاوٕم فرشس پیٹھ لَر۔ رَژھ کھنٛڈ گُژھتھ آیہِ سو کُمرس منٛز۔ کھونہِ منٛز اَسس ستہٕ اُٹھ ماس کورِہن۔ أکِس اَتھس منٛز اَسس دودٕ بوتل۔ مےٚ ہیوٚت دوٗنی بہُن ہیوٗ۔ سو آس نہٕ مےٚ اَمہِ برٛونٛہہ زانٛہہ تہِ وُچھمٕژ۔ سوٚم قدَ تہٕ خوشیوٗن بُتھ۔ بُتھِس اوُسس کَم کاسہٕ میک اَپ کُرِتھ۔ کوٗنکلی مَس اوُسس ڈیکس پیٹھ واٚہرِتھ۔ دٕیچھِ سورمہٕ چشمہٕ۔ تَس اوس کامہِ دار ہلکہٕ ووزُل سوٗٹ لاگِتھ۔ کینٛہہ وَننہٕ وَراٚیی آیہِ سو دارِنکھٕ۔ اَکہِ بیگہٕ منٛز کوٚڈُن اَکھ دودٕ ڈَبہٕ۔ دودُک پوڈر رَلوٗوُن پاٚن بوتلہِ منٛز۔ پَتہٕ بیٹھ میےٚ نگھٕ أکِس کوٗنس منٛز تہٕ لوگُن بچس دود چاوُن۔ اوٚت تانی ژایہِ پیچنٛز اَندر۔ سو آس میانہِ باپتھ اَکھ چایہِ کپ ہتھ آمٕژ۔ چایہِ کپ تھوٚوُن فرشس پیٹھ۔ بہٕ اوُسس نہٕ کُنےٚ زوٚن چاے چوٚن یژھان۔ تَمہِ ژاہِنٛز میاٚنی بےچینی تہٕ ووٚنُن۔ "توٚہۍ چیٚیِو چاے"۔ مگر توٚہۍ؟۔ اَتھی دوران ووٚن پیٚچھنہِ۔ "بہٕ اَنہٕ پڑٛاتی ہنٛدِ باپتھ تہِ"۔ رَژِ کھنٛڈی اوٚن تَمہٕ بیاکھ چایہِ کپ تہٕ تھوٚوُن پڑٛاتی برٛونٛہہ کنہِ۔ یتِھ ہے کالس شوٚنٛج بوتلہٕ ستیٚ دود چوان۔ مےٚ

وۄنمس ۔"بچ چھےٚ شوٗنچمژ"۔"آ"، یہِ چھےٚ نیٚنڈ رِمنز تہٕ دود چوان۔

تمہِ سأونکھے فرشس پٮ۪ٹھ یہِ کورِہن۔ اچھا یہِ چھےٚ پژہتی۔ کوسہٕ پژہتی؟۔بہٕ رۄدُس أتھی سونچس۔تَس آیہِ کوسہٕ تام کٔر دروازس پٮ۪ٹھ آلو گرنہٕ۔

تَمہِ تھوٚو أمِس کورِ بچہ سُند دُرن شیرِ تھ تہٕ ؤژھ۔مےٚ وۄنُس۔"گابرِ ومہٕ بہٕ چھُس یٮ۪تی۔"یٮ۪لہِ یہِ ہُشیار گژھ لاگہِ مُچلہٕ"۔تَمہِ وۄن۔

"کانٛہہ فِکرِ چھےٚ نہٕ، بہٕ ہیکَن یہِ سنٛبألتھ"۔یہِ بۄزِتھ گر تمہِ اَسنہنا تہٕ دژ ایہِ۔تسنزٕ ن أچھن منز اُس موصوٗمیت پشیمان۔ژورِ پانژہ مِنٹہِ پتہٕ آیہِ سو یٮ۪یہِ دَروازس پٮ۪ٹھ تہٕ وُچھن مےٚ گُن۔مےٚ ہووُس اَتھہٕ ستی اِشارٕ زِ کورِ بچہِ چھےٚ شوٚنگِتھ۔تَمہِ گر بٮ۪یہِ اَسنہنا تہٕ دژ ایہِ درواز پٮ۪ٹھے واپس۔

پٮ۪چنی آیہِ کمرس منز تہٕ پُرژھمس۔"یہِ پژہتی کوسہٕ چھےٚ؟""اوہو۔ژٕ چھِہن نازانان مےٚ گٔیہِ زان گرناوِنی مُشتھے۔یہِ چھےٚ رمیشہِ سنٛز زنان۔۔۔"

"رمیشہِ سنٛز"؟۔مےٚ وۄن حأرأنی سان۔

آ۔کیٛاہ دٔلیل؟

"رکھنہٕ۔۔۔جان چھےٚ۔۔۔"مےٚ ترٛاو اَسنہنا۔

"آ۔ سبٹھاہ جان چھےٚ"۔پٮ۪چنہٕ وۄن شرارتہٕ سان۔

رمیش چھُ سانہِ گامُک اَکھ ہمسأےلڑکہٕ۔سُہ چھُ گَتھ تام بنکس منز کأم

گران۔ اَز کل چھُ ہریانہٕ کِس گتھ تام شہرس منز کأم گران۔ بہٕ اوسُس رمیشس مُتلِق سوٗنچان۔ پیٚتی ہے کالس منز گیہِ یہِ بچی یکدم ہُشیار۔ تمیٚ ہنٛدِ وَدنہٕ بٕز ونٛتھے تَمیٚ سوکھونہِ منز تہٕ دڑاس گمرٕ نبرَ۔ مےٚ وُچھ باقے دون ٹرن کمرن منز تہٕ اماپوٗز پرٛتی اُس نہٕ کُنی۔ بہٕ دڑاس یہِ کورِ ہن ہیتھ گرٕ نیٚبرَ تہٕ سوأس اَڑان۔ مےٚ وُچھتھ مَند چھیٚیہِ ہِش۔ مےٚ گرس کورِ ہن حوالہٕ تہٕ ووٚنمس۔ "کأژاہ سوندر کورِ ہن چھےٚ یہِ "۔!۔۔۔ پرٛتی آیہِ کورِ ہن ہیتھ مےٚ پَتہٕ پتے تُتھی کمرس منز تہٕ ہیٚرٕن دوٗدِ بوتل ٹھیک گرٕنی۔

مےٚ پرٛژھمس۔

"رَمیش جی چھاوارے؟"

"ٹھیکھے آسَن۔ واریاہ کال ووتھ یِنہٕ ہے۔"

"مطلب !۔ ربتس منز گوٗ لۍہِ چھِ یوان؟۔"

"ربتس منز! دوٚیہِ ترٛییہِ ریٚتی چھِ اکہِ پھِرِ یوان سُہ تہٕ اَ کِس دون دوہن۔"

"تِلکیا زِ؟ تۄہیٚ کیا زِ چھوٗنہٕ تور گژھان؟۔"

مٔی چھےٚ نہٕ سو جاے پسند۔ میانہِ دوشوے زأم چھےٚ یتھی شہرس منز۔ میوٗن زیٹھ ڈرُے چھُ زنانہٕ ہیتھ دِلہِ۔

" مگر پننہِ ہشہِ باپتھ چھکھاڑ۔۔۔۔؟"

"سو کتھ پاٹھی ہیکہِ ییٚتہِ کُنی ژٔنی روٗزِتھ؟۔ تمہِ ووٚن یتھے اسوٗنہِ ہوٗنجہِ۔"

رمیش تہٕ پڑ ہتی ہُند کھاندر اوس زٕ ؤری بڑ وُنٹھ سپُد مُت ۔ سالہٕ کاڈ اوس مےٚ تہٕ ووتمُت ۔ رمیشُن منول اوس اچانک گُزرِ ہو مُت ۔ ۔ ۔

بہ رؤدُس واریاہس کالس پڑ ہتی مُتلِق سوٗنچان ۔ تہنٛدِ باپتھ میانٛز کُشش سپز ہمدردی منٛز تبدیل ۔ دوٚیمہِ دوہہ دژایہِ بَرات ۔ بہ بیوٗٹھُس بسہٕ منٛز ۔ بس دژایہِ تہٕ میانہِ سیٹہِ پتہٕ گٔژ گیہِ اَکھ ہلکہٕ اَسہٕ نچ آواز ۔ پتہٕ گُن نظر دِتھ وُچھم پڑ ہتی گس تام بیٚیس زنانہِ سِتہٕ بہتھ ۔ تمہِ اٗس اَز سونہٲری رَنٛگُچ ریشمی دوٗتی لٲگمٕژ ۔ تہنٛدِس بُتھِس اوس ہلکہٕ میک اَپ ۔ تمہِ کوٚر اسہٕ ہونٛجہِ نمسکار ۔ تسنٛد بُتھ اوس شادمان ۔ مےٚ پُرٕژھمس ۔

" شویتا کتہٕ چھےٚ ؟ "

" ممی نِش چھےٚ ؟ "

تَس گُن وُچھِتھ اوسنہٕ یہِ محسوس سپدان زِ سو کیاہ چھےٚ نہٕ خوش ۔ تَس نِش اوس خوٚشین ہُند بَنڈار یُس سوبٲگرُن زانان اٗس ۔



# یکُت

تمہٕ آسہٕ ژور بیٚنہٕ ۔ پرٛتھ کانٛہہ اٮ۪س اَکھاٮ۪ کہِ سٕندِ کھوتہٕ مزازِ کنٛی ترٛوٚش۔ تہٕنٛز مائج تہِ اٮ۪س یژٕ ژھے۔ کھانٛدرٕ پتہٕ تہِ اٮ۪س تہٕنٛزٕ ے چلنی ۔ تہٕنٛدِ ی برتھاتہِ اٮ۪سی تمن برٛ وٚنہہ گنہِ گژِھی روزان۔ تمن اوس نہٕ زنانن برٛ وٚنہہ کنہِ چیٖن تہِ پھوران۔ سارِنے بیٚنٛین زاٮ۪ہِ کورِ تہِ تہٕ گبرتہِ۔ دٮ۪ہِ گت چھےٚ یہِ زِکورِ آسہٕ ماجن ہشہِ تہٕ نیچوی مالِین ہوی۔

وَق گذُر یوٚو۔ ژوشوٕ ے بیٚنوٕ اَنہِ نٕو نوشہِ۔ نوشہِ تہِ ژھانٛجکھ تمہٕ ییم نہٕ ہشن برٛ وٚنہہ گنہِ دِ ٮ۪تھ روزٕ ہن۔ کانٛہہ نوش رٕو زنہٕ دِ ٮ۪تھ۔ کیٚنژٕ کالی آیہِ تمہٕ ہشن نشہِ تنگ۔ تمہٕ آسہٕ نہٕ ہشن ستی روزُن یژھان۔ زٕ گیہِ بیوٚن نیرٕنس منٛز کامیاب۔ نوشہِ روزٕ اَکثر پانہٕ وٲنی سمکھان۔ سارِیےٚ آسہٕ پرٮ۪شان۔ سارِنے اٮ۪س گُنی پریشانٛی۔ تمن رٕو زنہٕ گُنی گژھ۔ سارِیےٚ آسہٕ پانہٕ وٲنی سمجوتہٕ گرنہٕ باپتھ مجبوٗر۔ تمن اوس نہٕ اَکھاٮ۪ کہِ سُندٕ صلاح مشورٕ تہِ وبژان، تِکیازِ پرٛتھ کانٛہہ اٮ۪س بیٚنِس کھوتہٕ پانس گاٹُج زانان۔ ہشہِ روزٕ تمن منٛز یہے باونا وہ براونس منٛز کامیاب یُتھ زَن تہٕنٛزٕ نوشہِ پانہٕ وٲنی صلاح مشورٕ گرِتھ ہبکن نہٕ تہٕ بیٚہہِ روزَن اَکھاٮ۪ کس نشہِ دوٗرٕ ے۔

نوشہِ تہِ آسہٕ مجبوٗر۔ تمہٕ روزٕ پَتہٕ پَتہٕ آیہٕ مُقابلہٕ کران۔ تموٚ منٛزٕ اُس اَکھ بار باریٖ وَنان۔ " کاش اَسہِ نوشن منٛز آسہِ ہے سُمت تہٕ اَسہِ آسہٕ ہَن یمہٕ ہَشہٕ گر تام ہَرٕ دِ وار واتہٕ ناوِمژٕ "۔ کٔمۍ تام پرٛژھ۔ " گنگایہِ منٛز آیِنہٕ گنٛگایہِ بُٹھس پیٹھ؟"۔ تمہٕ ووٚ نس بَڑٕ اطمینانہٕ سان۔

"بس بُٹھس پیٹھ ـــــ تمہٕ چھا کیٛنٛہہ بے شرم زِ ــــــ"

☆☆☆

# پرٛ زنَتھ

تَس اٲس پرٛتھ وِزِ یہے فِکرِ روزان زِ تَس گژھ پَنٕنہِ ناوٕچ پرٛ زنَتھ قاےٚم روزٕنۍ۔ تَس اوس یتھ گَتھِ پیٹھ تہِ ناز زِ تَس چھُ سُشما ناو۔ یێلہِ سو شُرۍ لاٗزۍ مَنٛزٕ ے اٲس۔ تَس اوس نہٕ "مُنی" یا "چُٹکی" وَنُن جان باسان۔ تَس اٲس یہِ بوٗزِتھٕ ژٕ کھِ گھسان زِ تَس کیاژِ چھُ کانٛہہ مُنی یا چُٹکی وَنان۔ یێلہِ زِ ن تسُنٛد سوٗندرَ ناوِ سُشما اوس۔ تَس اٲس پَنٕنۍ اکھ پرٛ زنَتھ۔

لوکچارس مَنٛز اٲس تَس ڈرٛاینٛگ کرنَس ستۍ سبٹھاہ لوے خوے۔ تَس یێلہِ تہِ وَق پاتھان اوس سو اٲس کاغذس پیٹھ رٕ کھ دِوان روزان۔ کێنٛہہ ہجہِ گجہِ شکلہٕ تہِ اٲس بناوان روزان۔ مَنٛزۍ مَنٛزۍ اٲس ماڈَل تہِ بناوان، یِمن تلہٕ گنہِ پنٛنٕ دسخط کرٕ ن اوسُس نہٕ زانٛہہ تہِ مُشِتھ گژھان۔ سو اٲس نہٕ گُمنام روزٕن یژھان۔ سو اٲس شارتہِ وَنان۔ سکوٗل تہٕ کالجکین میگزینن مَنٛز تہِ آسہٕ تسنٛزٕ نظمہٕ چھپان۔

یتھٕ پاٹھۍ اوس ژٕ وپاٲرۍ سُشمایہِ ہُنٛد اثر پیوٗمُت۔ سو یێلہِ تہِ کانٛہہ چِٹھۍ پٕترلیکھِ ہے تمہ ستۍ اٲس ضوٗرٕ ر کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ خاکہٕ بناوان۔ پرٛتھ کُنہِ چِٹھِ مَنٛز آسہٕ تسنٛزٕن نظمن ہنٛزٕ مِثالہٕ تہِ آسان۔ تسنٛزٕ چِٹھِ تہِ آسہٕ اَلگے اَنٛد ازٕ چہِ آسان۔ تمہِ

اوس بالہٕ پانٕے پَنٕن ناو نیشنا وِنک تھٕیہٕ کوٚرمُت ۔ یہ وُچھتھ اُس تسنٕد بن زانٕی کارَن دٕ زِنی ہِش پاٚدٕ گرٛھان ۔ تمہِ پوٚ رایم ۔ اے ۔ ہَس تام ۔ سو بنے یہ ماشٹر بابے ۔ تہنز خط کِتابَت تہٕ ہُرے یہ ۔ مےٚ آسہٕ تہنز چِھہ لگا تار واتان ۔ تسنزن چِھٹھین منٛز اُسی خاکہٕ تہٕ آسان تہٕ نظمن ہنز مِثالہٕ تہٕ ۔ تَس سپُد کھاندر ۔ تمہِ بدلووٕنہٕ پَنٕن ناو ۔ تَس اوس یقین زِ تَس چھےٚ پَنٕنی اَکھ پٕرزنتھ ۔ سو اُس نہٕ پانَس مِنز یا شرِیمتی وَنہٕ ناوُن یژھان ۔ سو اُس سُشماتہٕ فقط سُشما ۔ سو لٕج پنہٕ نٕمن ہَم پیشن تہٕ لِی وَننہِ ۔

کینٛہہ وٕری گٔندرے یہ ۔ تسنز خطہٕ کِتابَت سپٕز بَنٛد ۔ بہٕ آس یٚیمہٕ لٹہٕ کٔمہٕ تام کامہِ باپتھ تسُند شہر ۔ بہٕ اوسُس تَس سمکھُن یژھان ۔ تَسُند سکوٗل گرٛھتھ نَنیوٗم زِ سو چھےٚ نکھے کتھ تام مُحلس منٛز روزان ۔ تو ت واتھ پرٕژھوم واریاہن لوٗکن تسنٛدِ گرٕک پے مگر میوٗل نہٕ کینٛہہ ۔ اَمہِ پتہٕ ووٚن کٔمی تام بےٚ شوٗنٛکی پاٹھی زِ کوسہٕ تام "ماسٹر بابے" چھےٚ اُتی تھے کتھ تام مکانس منٛز روزان ۔ بہٕ ووٚتُس تَتھ مکانس تام ۔ مالِک مکان دٕراو نیبر ۔ مےٚ پرٕژھمس:

"سُشما میڈم چھا یتی روزان؟"

"پوٚہنز ماج چھےٚ یتی روزان؟"

تمی دیُت آلو ۔ "پوٚہنز ماجی!" ۔ تو بہٕ چھُس تام سمکھنہٕ آمُت" ۔ کینٛہہ وَ ژِھہو پتے دٕراو پوٚہنز ماج یانے سُشما نیبر ۔ پوٚتہٕ اوسُس بتہٕ ۔ وونی اُس نہٕ تَس پَنٕنی کانٛہہ تہٕ پٕرزنتھ ۔



# چھِہ

اَتھ کمپس أندی پھکی پھیران پھیران رُکیہٕ تٕہنٛدی قدم أ رکس ٹنٹس نِش۔ ٹنٹس نکھے گیہِ اَکھ زأنی کار صوٗرتھ ہِش نظرِ۔ تٔمی کٔر سو پرٛزناوٕنچ کوٗشِش۔ سُہ اوس یہِ سوٗنچانے زِ تَمہِ کوٗر اَسہِ نہٕ ہونٛجہِ تَس نمسکار۔ نمسکارُک جَواب دِنہٕ باوٕجوٗد تہِ ہیوٚک نہٕ سُہ تَس یکدم پرٛزٕناوِتھ۔ تَمہِ ژیوٚن تٔمی سُنٛد یہِ دُژیوٚت تہٕ ووٚننس۔ پرٛزٕناوتھس نا۔ پرٛزٕناوَکھ تہٕ گتہِ؟۔ بہٕ چھس ووما۔

ووما!۔۔۔اوہ! مأفی دِزِم۔۔۔ ژٕ گتہِ یور۔؟

تٔمی ہیوٚت تٕہنٛدِ موکھ پتٕھ سُہ موکھ ژھارُن یُس وٕری وادو بٕرٛ ونٛہہ کمسن تہٕ معصوٗم اوس۔ تَس اوس کھوورِ بُتھی لَبہِ پٮ۟ٹھ گرٕہُن لکھچُن برقرار۔ تہٕنٛزن وَچھن تہٕ وچھبن أچھن منٛز أس اَز تہِ سوے کٔشِش۔ تہٕنٛز کتھ تُلہٕ تٔراو تہِ أس عأن تہٕ غأن تٕژھے۔ آ۔ تُسنٛد زیوٗٹھ زیوٗٹھ مَس اوس تہٕنٛدِس ڈٔکس پٮ۟ٹھ آسان، مگر ووٚنی چھُ پأرِتھ۔ مستگ رنگ اوس نہٕ قودرتی باسان۔ تِمن منٛز أس مَس رنٛگچ چمک۔ تہٕنٛدِس زُوزبہِ وأرِس شہرس منٛز اوس اَز سُہ پرٛون اوٚ کانٛمل شہر پرلٔبن مُشکِل۔ کیٛشون ژیٛہن رؤدسُہ ییٚمنٕے خیالن منٛز تہٕ ووماہِ ووٚننس۔

وٲلو ۔ اندر ژٲو ۔ یہ چھُ گوسون گرٕ۔

تمہٕ ہُرٕوو ٹیبلک اَڈ وٚٹھ پَرٕ دٲوک طرف تہٕ ژایہِ اَندر ۔ اتہِ اوس اَکھ ڈبل بیڈ تہٕ زٕ کُرسیہِ ۔ سُہ ژاو اندر تہٕ بیوٚٹھ اَکِس کُرسِیہِ پیٹھ ۔ وو ما بیٹھ بیڈس پیٹھ ۔ اَتُل ہٕندِس منس منٛز ووتلییہ وارِیاہ سوال ۔ سارِوٕے کھوتہٕ اہم سوال اوس۔

"چاٲنس پَرٕ وارس منٛز کُس کُس چھُ؟"

"زٕ بچہٕ، اَکھ نیچُو تہٕ اَکھ کوٗر ۔ لٔڑکہٕ چھُ ہُمہِ جماژ پَران تہٕ کوٗر ژٕ ہمہِ۔"

"تہٕ تہٕندمول؟"

"سُہ چھُنہٕ ووٚنی یتھ سمسارس منٛز۔"

"اَمہِ کتھِ ہُند چھُمے افسوٗس ۔ کیاہ سپُد؟"

"سُہ گُزریوٚ وپانژ ھؤری بُر وٕنِتھ ۔ تمن سپُد حادثہٕ۔"

"اَفسوٗس اَدٕ مے نَے یہِ ہُیوٚ زمُتُے چھُ۔"

"توہہِ کتہِ لگہِ ہے پَے ۔ توٚہی آسی وٕنا وبلایتس منٛز۔"

"ژےٚ ۔۔۔ توہہِ کتہِ لوٗگ پَے زِ بہٕ اوسُس وبلایتھ۔"

"مے چھُ سوٗرُے پَے ۔ بہٕ چھُس تہٕندِ گرِچ پُرتھ کانٛہہ کتھ زانان۔"

"کیاہ چھکھ زانان؟"

یِ زِ توہہِ چھِوٕ کھاندر سپُد مُت تہٕ زٕ بچہٕ چھِوٕ ۔ توٚہی آسِو وبلایتھ ۔ واپس

یتھ چھِو گتھ تام تھزٕ گرسی پیٹھ ۔ اَز کل چھِو توہی کوسہٕ تام فِلم بنا وِنی یِوھان ۔

"اماپوٚ زژے، کتھٕ پچھے مولوٗم؟"

"اخبارس منٛز چھُ چھپیوٗ مُت ۔ خاٗرتژ اَ وِ یمہٕ گتھٕ ۔ بہٕ بناوٕ چاے ۔"

"بہٕ چمہٕ نہٕ چاے ۔"

"کیٛاز نہٕ؟ ۔ یایہٕ زِاَسی چھِ سفید پوش ۔"

"نہٕ سو گتھ پچھے نہٕ ۔ بہٕ چھُس چاے سبٹھاہ گم چوان ۔ اَچھا بنا وِ و ۔"

وو مایہٕ زول ستوو تہٕ لاٗ جن چاے ۔ اَتلس اوس نہٕ بیٛہانے تسنٛزن اَچھن

بزٕ وتھہ گنہٕ اوس وُہ وٗری بزٕ وتھم سورُے منظر ۔

سُہ اوس ایم ۔ اے ۔ گران تہٕ رہتہٕ کالجن چھٹین منٛز اوس پنُن گام آمُت ۔

وو ماأس پننہٕ بجہٕ بینہٕ نش تورآمٕتی یسُند کھاندر تتھی گامس منٛز اوس سپدمُت ۔ سو اُس

سبٹھاہ نٹ کھٹ ۔ اَتل ہیوٚک نہٕ تَس ستی راأبطہٕ قایم گرِتھ ۔ سو آیہٕ واریاہہٕ پھِرِ

اَتلہٕ سنٛزِ لوکچہٕ بینہٕ ستی تسُند گرِ تہٕ ۔ اَکہٕ لٹہٕ گیہٕ یہٕ گتھ زِ ہیرِ وسان رُکییہٕ یم دوشوے

یکدم ۔ اَتلن اوس ژوٗرِ جگرِ گرِتھ تسنٛزِ نرِ تھِھ گرِہو ۔ وو مایہٕ دیٛتُ نرِ گنٛنے وژسہٕ تہٕ

وٗژھ تیز تیز ہیرِ بون ۔ اَتلس آو یہٕ وُزٕ ملی سمکھُن سبٹھاہ خوش ۔ اَمہٕ پتہٕ آونہٕ اَتلس

تہٕ وو مایہٕ پانہٕ وأنی الگ سمکھنُک کانٛہہ تہٕ موقہٕ ۔ دوشوے اَسی اَکھاَ رکس دوٗرِ

دوٗرِ وُچھان تہٕ اَسنٛہنا گران روزان تہٕ بس یہے اُس تہنٛز زان ۔

چھٹِیہِ موکلیہِ ۔ اَتُل دژ او شہرٕ کُن ۔ شےٚ ربتھ گژھتھ یِیلہِ سُہ گرٕ آو، تَس لۆگ پَے زِ وومایہِ چھُ کھانٛدر سپُد مُت ۔ اَتُلس پیوٚ وومایہِ ہُنٛد سُہ موصوٗم موکھ گرٕ گرٕ یاد ۔ وَکھ گوٚ سوران ۔ وارٕ وارٕ مُٹھ تَس وومایہِ ۔ تاٗلیٖم سپُز مُکمل ۔ سُہ ووت وٕلایتھ ۔ واپس یِتھ میوٚج تَس بٔنٛیس ریاسژ منٛز نوکری ۔ تَس کوٚر رُکھ کھانٛدر ۔ شُری وول سپُد ۔

کٔشیرِ منٛز گیہِ حالات خراب ۔ کٔشیرِ پیٹھ ژٔلی ساسہٕ بٔدی کاٗشرٕ تہٕ بٔنیہِ جمِس تہٕ باقٕے شہرن منٛز شرنارتھی ۔ اَتُل ہٕندِس مَنس منٛز آو یِمن شرنارتھین پیٹھ فِلم بناونٕک خیال ۔ جمِکِس اَکِس شرنارتھی کیمپس منٛز اوس سُہ فِلم بناونہٕ خاطرٕ مسوٗدٕ تیار کرٕنکہِ غرضہٕ دورٕ گران ۔ تَس اوس نہٕ خابہٕ خیالس منٛز زِ تَتھ منٛز ملاقاتھ سپدِ تَتہِ وومایہِ ستی ۔

سُہ اوس یِمنے خیالن منٛز گرکھ زِ وومایہِ دیٚتُ تَس چایہِ گپ ۔ چایہِ گپ رَٹان رَٹان سپُد تَس وومایہِ ہٕندِ اَتھٕ کہِ سپرشُک باس ۔ اَتُلن روٚٹ وومایہِ ہُنٛد اَتھٕ پننہٕ نِس اَتھس منٛز ۔ اَمہِ پھرٕ دیٚتُ نہٕ وومایہِ پننہٕ نِس اَتھس دژ سہٕ ۔ اَتُلن تُج نظر تھوٚ دتہٕ دوشوے اَچھ آسہٕ نَم ۔



# ژینہٕ وَن

تسنٛز زان آیہِ یتھِ پاٹھی کَرناونہٕ ۔ " فِکرِ وَنِشہِ مُچھِ ، گِنٛدنس دژ وکنس تہٕ سأل کَرنک دِلدار بێیہِ گَم بولَن وول ۔ ہمیشہِ چھُ لیٛو ژہیوٗ باسان مگر گژھ نہٕ زانٛہہ تہِ کمزور مانُن " ۔

زان کرٕناوَنہٕ پَتہٕ ترٛ أو سارِوے اَسٕنہنا ۔ ٹرینِنگ ہنٛد ہن کلاسن منٛز رٗد سُہ پَزی گَم بولان ۔ چایہِ وِزِتہِ اوس سُہ ییٚرِ بارنٛش اَلگےٚ روزان ۔ خبر لوٗکھ کیٛاہ أسی سمجھان ۔ پَتہٕ آیہِ یکوٹہٕ کأم کرنٛچ وأری ۔ اَکہِ بیٹھکہِ ہنٛز پرٛیکٹسہِ ہُنٛد ریہرسَل ۔ تَس میوٗل بیٹھکہِ ہنٛدِ صدرٕ سُنٛد رول ۔ مایایہِ میوٗل وٗرکِنگ مینیجرٕ سُنٛد تہٕ راجی پرٛوگرام صلاح کارٕ سُنٛد رول ۔ بیٹھک سپٕز شۆرٗ ۔ مایایہِ مانٛنہٕ نأوی پَننہٕ نہِ سارێے تجویزٕ تہٕ پَننہٕ نس حقس منٛز دِٕنوٗن فأصلہٕ ۔ خبر راجی کیٛازِ ڈٕزہش ۔ تَس گٔیہِ یتھ گَتھِ پیٹھ دۄشوے أچھ شرارتہٕ ستی نارٕ ژأنگی ہشہِ زِ صدر رٗد پرٛتھ گَتھِ پیٹھ وٗرکِنگ مینیجرٕ سے مَشورٕ ہیوان ۔ اَتھ بیٹھکہِ ہنٛدس طریقِ کارس پیٹھ سپٕز نوکتہٕ چینی ۔ راجی ڈٕرٕ رأو بار بار ییہَے گَتھ ۔ کلاسہٕ نبرَ تہِ رٗز سوٗیی دَلان ۔ تَس سپُد یقین زِ صدرٕ سُنٛد رول کۆرنہٕ أکی لۆزٕ باسن وألی نفرن کێنٛہہ ٹٗرکہِ أکی چالاک نفرن ۔ اَمہِ ژۄیہِ ہُنٛز أس بژ وٗنٛھے ژینہٕ وَن تہِ دِنہٕ آہٕژ ۔

راجی تھوٚنہٕ پَنہٕ نہٕ مَنٛز کانٛہہ کتھ کھۄٹتھ ۔ مایایہِ ووٚنُن ۔ "خبر ژے مَنٛز کُس چھُ یُتھ گوٚن زِ کمل تژ ووتھن یکدم چندس ۔" مایایہِ آسہٕ راجی ہنٛزٕ یمہٕ کتھہٕ فوٚضوٗل ہشہٕ باسان ۔ تَس کھۄژ نہٕ تمی ہنٛزن کتھن پیٹھ زانٛہہ تہٕ ژَکھ ۔ سورُے زباقین لوٚکن ہندی پاٹھی کملس ستی تہِ بولان چالان ۔ راجی بڑ وٚنٛتھہٕ گنہٕ اُس تَس ستی زیادے پہَن میٹھان ۔

تمہِ دوہہٕ شامَس اوس اِلوِ داعی سال ۔ سال اوس نبرٕ گنہِ لانس مَنٛز ۔ کینٛہہ بیٚیہِ تہِ میہمان اُسی آمتی ۔ اَندرٕ اُس اَکِس کمرس مَنٛز کاک ٹیل پارٹی ۔ سارِنے بڑ وٚنٛتھہٕ گنہِ اُسی جام بَری بَری ۔ کمل اوس اَتہِ تہِ بدوٗنے لبنہٕ یِوان ۔ راجی تہٕ مایا بیچھِ تَس بڑ وٚنٛتھہٕ گنہِ صوفس پیٹھ ۔ اورٕ چ یورٕچ کتھا باتھا اُس سپدان ۔ اگر وال اوس تمن کُستام ٹھَس بوزٕ ناوان ۔ سارِی اُسی ٹھاہ ٹھاہ کرِتھ اَسان ۔ ووٚنی اوس راجی ہُند کژوٗ دہَنا ہمیٚو مُت ۔

سبٹھاہ ژیر اوس گومُت ۔ دوٚیمہِ دوہہٕ اوس اَتہِ سارِنے روٚخصَتھ سپدن ۔ سارِی اُسی اَکھ اَکِس ستی ڈیسی بۄسی گران ۔

مایا اُس اَزٕ صُبحٕ ژٕ ینہِ مَنٛز نیرن واجنی ۔ سو اُس سارِنے روٚخصتھ ہوان ۔ راجی اُس نہٕ پننہٕ نِس کمرس مَنٛز ۔ مایایہِ کوٚر کملہٕ ہنٛدِس دَروازَس ٹھُک ٹھُک ۔ رَژِ کھۄنٛڈی مُژ روو کملن دَروازٕ ۔ مایا گییہِ کملہٕ ہنٛدِس کمرس مَنٛز راجی وُچھِتھ حاُران ۔ تمہِ ہیٚوت دوشوٗنی روٚخصَتھ ۔ کملہٕ ہنٛدِس بٕتھِس پیٹھ اُس سوے بَرٕ دبأری تہٕ راجی اوس سِیے اَسہٕ وُن موکھ ۔



# خَشمہٕ

وآنسہِ کِنۍ سارِوٕے کھوتہٕ بوٚڈ آسنہٕ سَبہٕ اُسی اَمہِ اَدارٕکۍ سارِے لۆکھ تَس یَزتہٕ سان " دادا " وَنان ۔ اوس تہٕ سُہ پانٛژھ ؤری برٛونٛٹھے نوکری نِشہِ رٹایَر سپُد مُت ۔ سُہ لۆگ نِوِ سَرٕ اَتھ اَدارس منٛز نوکری ۔ سُہ اوس لگ بگ پانٛژہ ہاٹھ وُہر ۔ تسُنٛد مُضموٗن اوس توٲریخ ۔ اَتھ اَدارس منٛز ہَر گاہ کُنہِ تہِ محفلہِ ہُنٛد سَنٛز سپَد ان اوس، تَتھ منٛز پَنُن بجرتہٕ مہارت ہاوُن اوس سُہ پَنُن دھرم مانان تہٕ کُنہِ تہِ مضموٗنس پیٹھ اوس صَلاح مَشورٕ تہِ دِوان ۔ کُنہِ تہِ مضموٗنچ کتھ ؤتھی زِ ہے سو کیٛاہ زِ آسہِ ہے نہٕ قونوٗن ، اِنتظامیہ ، ایٚہتمام ، توٲریخ ، سماجِیات ، سیاسیات ، زبانداٲنی تہٕ سَنسکرٕتی وَغاٲرٕ ۔ کانٛہہ تہِ بیٹھک اُس نہٕ تَسنٛدی وِچار بوزنہٕ وَراٲے مُکمل مانَنہٕ یِوان ۔ سو چھےٚ دوٚیِم کتھ زِ تَسنٛد بن خیالاتن پیٹھ اُس نہٕ ہمیشہٕ عمل سپدان ۔ کانٛہہ تہِ خاص مُحفل اُسی زِ ہے سُہ اوس نہٕ پَتھ روزان ۔ تَس پزٕ ژھی زِ ہے کانٛہہ یامَتہٕ پزٕ ژھی زِ ہے ۔ سُہ اوس ہمیشہٕ پَنُن مشورٕ دِنہٕ باپتھ تیار روزان ۔

اَتھ اَدارس منٛز اُس اَکھ تمدُنی محفِل سپدن واجنۍ ۔ تَتھ منٛز اُسی طاٲلب عِلم اَکھ خاص ناچ پیش کرُن یژھان ۔ لڑکین اُس اَکھ ماٲہرِ ووستاٲنۍ نژُن ہیچھناوان ۔ دادا ووت پزٕ ژھنہٕ گرنہٕ وراٲیی ریہَرسَل وُچھنہِ ہالس منٛز ۔ تمۍ وُچھ

ریٚہر سل ۔ تہٕ عادتہٕ نشہِ مجبوٗر آسنہٕ کنہٕ ہیوٚتمُ اَتھ ناچس مُتلق راے دِنۍ ۔ مأہرِ ووستأنۍ اُس نیبر پیٹھ آمُت ۔ سو اُس پننہٕ نہٕ مضموٗنچ اکسپرٹ ۔ تَس باسیوٚ دادا سُنٛد مشورٕ اُسن لایق ۔ تَمہِ ووٚنُس بڑٕ نرمی سان ۔ ہَر گاہ توٚہۍ نیوٗن ہیچھناوُتھ ہیکیوٚ تیلہِ گَتھ اُس مےٚ یور دعوت دِنچ ضروٗرتھ ۔

دادا سُنٛد مشورٕ اوس گوڈنچہِ لٹہِ نامنظوٗر کرنہٕ آمُت ۔ سُہ گوٚ نارو نار ۔ ہالہٕ منٛز ژراو نبرَ ۔ تِمس باسیوٚ پَنُن پان بےٚ یزتھ گوٚمُت ہان ۔ تمۍ کوٚر سکبہٕ زِبہٕ ہیچھناوُن یہِ سَبق ۔ اُدار کیوٚ بڈیو بڈیو افسرو گُر تَس سٟتۍ ہمدردی ظأہِر کرنچ کوٗشش ۔ سارِنے ہٕنٛز راے اُس یِی زِ نیوٗن ہیچھناوُن واجنہِ پزِ ہےٚ نہٕ دادا بےٚ یزتھ کرُن ۔ فأصلہٕ سپُد یِی زِ نیوٗن ہیچھناوُن واجنۍ گژھہ واپس کرنہٕ ینۍ ۔ دادا سپُد یہِ بوٗزِتھ خوش تہٕ ترٛاوُن اَسنہٕ ۔ مگر سٟتۍ آس یکدم کیاہ تام خیال ووٚتھمُت ۔ نہٕ تَس دِیو نیوٗن ہیچھناونہٕ ۔ مےٚ چھےٚ پتاہ کیاہ گوٚژھہ کرُن ۔

تمدُنی پرٛوگرام پیش کرنک وَق ووت ۔ اَمیک اوس سارِنے بے صبرٕی سان اِنتظار ۔ ہال اوس وُچھن والیو سٟتۍ کھچا کھچ برِتھ ۔ دادا اوس گوڈنچہِ لأنہِ منٛز تشریف فرماں ۔ وار یاہ ایٹم سپدۍ ۔ وُچھن وألۍ آسۍ داد دِوان ۔ تِمن منٛز اوس داداتہٕ شأمِل ۔ ییلہِ نیوٗن ہاونک عألان سپُد تہٕ تِتھےٚ ژراو دادا ہالہٕ منٛز یکدم نبرَ ۔ سُہ ژاو ہالس تَمہِ وِزِ واپس ییلہِ نیوٗن ختم سپُد ۔ ژرٕٛپوٗپ گرنچ گرٛزِ سوٚتےٚ یہِ ۔ دادا ژاو ہالس منٛز اَسان اَسان ۔ تٟہنٛدِس ڈبکس اوس خود اتیمأدی ہُنٛد رنگ لبنہٕ یوان ۔ تمۍ اوس نہٕ نیوٗنس پیٹھ ژرٕٛپوٗپ کوٚر مُت ۔



# شکھ

سُنیل ییلہِ پَنُن دَفتر ووت تہٕ پَنہٕ نِس کمرس منٛز نِشاوُ چھِتھ گوٚ حأران۔ تمۍ سوٗنچ زِ ضوٗروٗر چھےٚ کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ گژھ۔ سو اُس اُمِس برٛونٛٹھےٚ دَفتر وأژمُت۔ نِشایہِ ہٕنٛدِس میزس پیٹھ اوس کاغذ انبار چھکرنہٕ آمُت۔ سو اُس کیٛاہ تام لیکھان۔ نِشایہِ وُچھِتھ گوٚ تَس یقین زِ اَز چھےٚ کانٛہہ خاص گژھ سپزٕمُت۔ باسان اوس زَنتہِ اُس نِشانیٚنٛد رِوٲژ تھےٚ دَفتر آمُت یا کانٛسہِ ستۍ لڑاے جگرٕ کٔرِتھ۔ تَس اُس مَستس پیٚہ لِتھٕ گُھر ہِش گٔمٕژ۔ بُتھِس اوس نہٕ میک اَپُک نیب نِشانےٚ نوٚن۔ دوٗتی تہِ آسس سیٚوٗ دساد ےلاٗ گژھ۔

سُنیل تُتھے اَند رژاو تہٕ نِشاۓ ژھ تھوٚد۔ وارٕ وارٕ کوٚرنس نمسکار۔ نمسکارَس جَواب دِتھ پُرٕژھس سُنیلَن۔

"کیٛاہ دٕلیل؟ یُوٗت سُلی دَفتر؟"

"بس کینٛہہ کأم اٲسم۔"

نِشایہِ ہٕنٛز آواز اُس اَز ہَنا گوٚبٕے پہَن۔ سُنیل اوس نہٕ گژھِ طوٗل دیُن یژھان۔ سُہ ژاو پنہٕ نِس کمرس منٛز۔ تَس آو خیال یمن آسہِ بأژن دون مُژکری گأمژ۔ اوکنۍ اوس نہٕ تِہنٛدِس اندروٗنی مأملس منٛز دَخل دیُن یژھان۔

گَمٕے کأٖلۍ ژایہِ نِشا سُنٖیل ہِنٛدِس کمرس منٛز تہٕ لوتی پٮ۪ٹھ تمِس برٛ ونٛتھٕ گنہِ گرسی پٮ۪ٹھ۔ سُنٖیلن پرٛژھنس۔

"سَپدٕ ییا کأم؟"

"آ۔۔۔سَپدٕ ییہ۔ یہِ رٕلو۔"

تمیٚ تھوٚو اَکھ کاغذ سُنٖیلس برٛ ونٛہہ گنہِ۔ سُنٖیل گوٚو پرِتھ حأران۔ یہِ اوس نِشایہِ ہُنٛد اِستفا۔

"أخر یہِ کیاز؟ بس یتھے۔"

"کیاہ مطلب؟۔۔۔ ییرٕ سنٛجید گتھٕ گتھ پٮ۪ٹھ یوٚت جلد فأصلہِ!"

نِشایہِ ووٚن نہٕ کِنٛہہیں تہٕ ووٚ دُن باکہِ۔ سُنٖیلس اوس نہٕ کُنٛہیں فِکر تران۔

"ییہِ چھےٚ نا کُنٛہہ وَتھ؟"

"آچھےٚ، مگر کِڈٕر۔"

"کِڈٕر کرِتھ؟"

"یٮ۪تہِ پٮ۪ٹھ تُہنٛز تبدیلی۔"

"میٲنٛی تبدیلی؟"

"سُنٖیلس ہیوٚتُن رَژھ کھنٛڈ فِکرِ ترُن۔ سُنٖیلن ترٕ اَ واَسنہنا تہٕ ووٚنُن۔"

"ہَر گاہ ژےٚ امی گتھِ ستۍ خوشی میلی، تیلہِ گرِ ناوِ بہٕ پننٛی تبدیلی۔

"ژمہ دِ اسِتفا۔"

سُنٖیل اوس پرٛ ژھن یَوھان زِ أخرِ گتھ، کتھ وأ ژا اور پٮ۪ٹھ۔ مگر پرٛژھِتھ

ہیوٚک نہٕ۔ نِشایہِ اَس اَشِس دار لٔجمُت۔ تَمہِ ژٕ ینٛز سُنیل ہٕنٛدِ دِلچ کیفیت۔ تَمہِ وۄن زِ رمیشس چھُنہٕ کانٛہہ قۄصور۔ اصلی چھےٚ کُسُم فسادٕ پھُٹَرٕ۔

" کُسُم۔ چاۓ زام۔"

" آپٔتِ مہٕ رہتہٕ اوس رمیش کتھ تام سرکاری کامہِ باپتھ دِلہِ گومُت۔ صِرف ترٛن دوہن ہٕنٛدِ خاطرٕ۔ کُسُم اَس کالیج گژھان۔ سو آیہِ نہٕ اَکِس راتھ گرٕ۔ بہٕ گٔیس سخت پریشان۔ مےٚ کٔرتس پرٛژھ گارُ سو رۄز حیلہٕ بہانہٕ کران تہٕ کتھِ وَلہٕ گٔژھن دِوان۔"

"بہٕ گٔیس اَمہِ کتھِ سخ پریشانٕ۔ییلہِ رمیش دِلہِ پیٹھٕ واپس آو۔ مےٚ کۄر تَس نِش اَمہِ کتھِ ہُنٛد ذِکر۔ رمیشس گٔژھ سخ ژکھ۔ سُہ گَو کُسمہِ وُلٹہٕ پٔٹھی اَگادِ۔"

"تَنہٕ پیٹھٕ ترٛاو کُسمہِ مےٚ سٟتی کتھے کرٕنی۔ سو رۄز کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ بہانہٕ ژھانڈنہٕ کَس گوٚس۔ پٔتمہٕ ہفتہٕ ییلہِ بہٕ اَکہِ دوہہٕ توٚہہِ سٟتی دفترٕ پیٹھٕ ژیری گرٕ وَاتٕس تہٕ پتہٕ مَتہٕ بوٗزی توٚ۔ تَمہِ کۄر رمیشس بۄ دِناش۔ رمیشس لۄگ اورٕ چہٕ یورچہِ کتھِ بوزناونہِ۔ بہٕ آسیس یوٗت تنگ زِنوکری ترٛاونس پیٹھٕ چھُس مجبوٗر۔"

سُنیلس ہٕنٛدِ ریوٚ وسخ دِل۔ تٔمی اوس نہٕ خابس منٛز تہٕ سوٗنچمُت زِ نِشایہِ سٟتی ہمدردی ہُنٛد سمبنٛد ییہِ شکلہِ چونظروٕسٟتی وُچھنہٕ۔ بٔیہِ تہٕ تِسنٛد بوے گرٕکو بٔ ژوٚیسی۔

سُنیلن ژوٚٹ رَسے نِشایہِ ہُنٛد اِستِفا۔ تٔمی ہٕنز تبدیلی ہیکہِ ہے نہٕ یوٗت جلد سپدِتھ۔ فِلحال دِژ تٔمی طویل مُدتی چھُٹی خاطرٕ عرضی۔



# اِمتحان

سوچھےٚ نہٕ پانہٕ پٔرمو پچھمو۔ تِمس چھُ پنہٕ نِمن زُربن پُتربن ہنٛزِ قابلِیژ پٮ۪ٹھ پوٗرٕ پوٚزروسہٕ۔ سو چھےٚ تِمن ہمیشہٕ پرٛان لیکھان وُچھان۔ تِمن چھےٚ نہٕ پنہٕ نِہ نانہٕ نِش جان جان گتھ بوٗزنٕچ تہٕ فُرصتھ۔ یِیلہِ سو لوکٹ اُس تمہٕ وِزٕ اُس اَلگ گتھ۔ ووٚنی بدلیو گتہِ کورُ وکھ۔ ووٚنی چھہٕ بچہ لوکٹی سکوٗل سوٗزنہٕ یِوان۔ تِمن چھےٚ نہٕ سکوٗلس منٛزٕ اوت ٹٮ۪کہِ گرِتہِ کام (ہوم وٗرک) گرٕنی پیوان۔ تِمن چھُنہٕ گندنہٕ دژوکنہٕ باپتھ تہِ زیادٕ وکھ پاتھان۔

تس چھُ مولوٗم زِ پرٛھاے گرنہٕ باووٗجوٗد تہِ چھُنہٕ تِتھِمن بچن ہمیشہٕ جان نمبر یِوان۔ تہنٛدٕی ماشٹرجی تہِ چھہٕ شکایت گران۔

پتِمین دوہن آو بچن اِمتحان ہینہٕ۔ نتیجہٕ دژا یہٕ نہٕ ٹھیکھ۔ سو اُس شرارتہٕ ہُو۔ یِیلہِ بچن ہنٛدٕی مالٕی ماجہِ تہنٛزِ تالیمہِ مُتلِق پریشانی ہُنٛد ذِکر کوٗر۔ تمہِ وِزِ کوٗر تمہِ یِہنٛدِس قابلِیتس پٮ۪ٹھ اطیمنان ظاہر تہٕ ووٚنُن۔

اگر اِمتحانس منٛز صِرف تمے کینٛہہ سوال پرٛژھنہٕ آیہِ، یِم نہٕ بچو یاد گرِی ہتی آسن تہِ تتھ کیاہ چھُ بچن ہُنٛد قوصوٗر۔

اکثر چھُ یِی سپدان زِ اِمتحانس منٛز چھِہ تمے سوال پرٛژھنہٕ یِوان یِم بچو پرٛی ہتی چھُنہٕ آسان۔



# خۄبصۄرتی

تخلیقی مضمۄنکِس تربیتی کلاسس منٛز پُرٛژھ کٔمی تام پرٛوفیسرس۔

"خۄبصۄرتی ہُنٛد مطلب وٕنی توٚ"

"خۄبصورتی؟"

تَس پیٚیہِ کلاسس منٛز کأنٛسہِ پیٹھ نظر۔نظرِ رٔلُونُے آیہِ اَکھ ہلکہٕ مُسکراہٹھ تٔمی سٕندس بُتھِس پیٹھ۔تہٕ تمہِ تھٔو نظرِ بون گُن۔خۄبصۄرتی ہُنٛد یہِ تجربہٕ مانِنے ہس منٛز پھُرِن اوس سبٹھاہ مُشکِل۔



# تنہٲیی

ہَر گاہ تَس زِندگی منٛز اَزتہٕ کانٛہہ چیز ژوٗٹھ چھُ۔ سو گٔیہٕ تنہٲیی۔ طٲلب علمی دوران ٲس نہٕ سو پٕزٕ ہ۔ سو ٲس ہمیشہٕ وبسن سُدرن ستیٚ ووتھان بیہان۔ سو ٲس اَکہِ بڈٕ پرِ وارٕچ اَکھ اَنگ۔ یِیلہِ سو پَنٕنۍ تھزٕ تٲلیمہٕ حاصِل کران ٲس تَس آیہِ وارِیہَن جاین نیترٕ گتھٕ۔ تسٕندی مٲلی ماجہِ ہیوٚک نہٕ جلدی منٛز کانٛہہ فٲصلہٕ نِتھ۔ أتھی دوران ٲج سو جنوٗبی ہِنٛدٕ چہِ گتھ تام یونیورسٹی منٛز لیکچرار۔ تَس ٲس ووٚمید زِ دون ترٕ ہِن ؤری یَن یتہِ نوکری کرنہٕ پتہٕ میلہٕ تمٔس شُمالی ہِنٛدٕ چہِ کُنہِ یونیورسٹی منٛز نوکری۔ کوٗشِش رٕوزٕ کران اَماپوٚز مِیچِس نہٕ کیٛنٛہہ۔ پتہٕ سپُدیی زِ جنوٗبہٕ پٮ۪ٹھٕ شُمالکۍ جغرٲفیٲیی دٕوٗرِرَن کرٕ سو وارٕ وارٕ شُمالہٕ نِشہِ الگ۔ ہَر گاہ تسٕندِ نیترٕچ گتھ کُنہِ تہِ جایہِ ووتھِ ہے، یہِ نوکری ہُنٛد دٕوٗر براوس سارِنے ٹھَریوان۔ یتھٕ پأٹھۍ گوٚو اَکھ اَکھ ؤری سوران۔ وٲنٛس بَڈنس ستیٚ ستیٚ سوریٮ۪ہِ کھانٛدرکرِنٕچ ووٚمید تہِ۔

اَکہِ دوہہٕ ٲس سو ریلہِ منٛز سَفر کران۔ پَنٕنی وٲنٛسہِ ہِنٛدِس کٕس تام نفرس ستیٚ سپُد تَس مُلاقات۔ سُہ اوس گمہِ تام بٮ۪یہِ زٲژ ہُنٛد تہٕ ستی ووپَر زِیاٮ۪ژ ہُنٛد۔ گم کاسہٕ زان پہچان سپَدنہٕ پتے تُج تمۍ نیترٕچ گتھ۔ تہٕ کھانٛدر سپُد۔

گمہِ تام وَجہہ ژھیوٚن یہِ کھانٛدرُک رِشتہٕ جلدٕ ے۔ تٔس باسیوٚ پٔنُن خانہٕ دار پرٛکھاونس منٛز گرٛتمہِ غلطی۔ تَس سپُد یہِ تہِ احساس زِ سو چھےٚ پنٕنہٕ تنہا زِندگی منٛز پیٛرٛ آوٕرنہٕ آمٕژ زِ سو ہیٚکہِ نہٕ اَتھ حالتس منٛز کأنٛسہِ دوٚیمس ستی رٔوٕ زِتھ۔

تَس اُس تنہأیی سبٹھاہ ٹاٹھ۔ تنہأیی منٛز اُس نہٕ کوچن بازرن ہنٛدِ ٹرٛی گیٚشہِ ستی کانٛہہ فرق پیوان۔ آ۔ یِتٕس بٔڈِس مکانس منٛز اُس نہٕ سوزیادٕ کالس کأنٛسہِ ہنٛز موجوٗدگی زٕروِتھ ہیکان۔ تَس اُس تنہأیی ہنٛز پیٛرٛ مائے زِسو اُس نہٕ پنٕنہٕ نس گرس منٛز کأنٛسہِ تہِ نفرٕ سنٛدِ پکھنٛچ آواز تہٕ بوٗزٕنی برداش کران۔

ہَرگاہ تَس کُنہِ جایہِ پٔژھی لازِ گرٛ ژھٕنُن پیٚیہِ سو چھنٕہٕ تتہِ خوش روزان۔ پَرٕوارکین باقٕے بأژن ستی رلُن میلُن تہِ چھُ تَس مُشکِل باسان۔ سو چھےٚ پٔنُن گرٕ واپس گرٛژھنٕہٕ باپتھ کنٛڈبن پیٛٹھ روزان۔ سُہ گرٕ ییٚتہِ نہٕ تَس ورأے کأنٛسہِ ہُنٛد احساس تہِ آوسہِ۔ تَس چھُ پنٕنہٕ نہِ تنہأیی ستی تیوٚت موحبتھ زِ اَمہِ ورأے ہیٚکہِ نہٕ سو روٗزی تھے۔



# چِٹھۍ

"پَتُن پٮ۪ پتاہ لیکھِو ڈایری منز"۔ مےٚ تھو ڈایری بڑ وٹھِ گنہِ تہٕ ووٚنمس۔

"کیٛاہ فائیدٕ۔ نہ لیکھہٕ بے چِٹھۍ تہٕ نہ تھوٕ تہنزِ ی چِٹھِ ہنز کانٛہہ وومید"۔ تمہِ

ووٚن ہکہٕ۔

"خوٗب! بہٕ تہٕ چھُس کہٕ چِٹھِ لیکھان۔ "تمہِ لیوٗکھ ڈایری منز ناو تہٕ پتاہ

تہٕ ڈائری کرِن واپس۔

"تسٕندِ گوژھنہٕ پتہٕ اکہِ ہفتہٕ آو تسُند ٹیلیفون۔ مےٚ سپز نہٕ کانٛہہ حاأراأنی۔

ووٚنُن۔ "بہٕ اأسس نہٕ ٹیلیفون کرُن یِوان، خاأر۔ وارٕ چھِوا؟"۔

دوٚیہِ ترٕیہِ دوٚہی آو نوِ ؤری یہِ کِس موقس پیٹھ مُبارکک کارڑ۔ تہٕ تتھۍ منز

کُنہِ ناوٕ مُخاطِب کرنہٕ ورأے اکھ خط یتھ منز لیکھِتھ اوس۔ چِٹھۍ لیکھنہٕ باپتھ۔

مےٚ لیوٗکھ نہٕ جواب۔ منس گوم واریاہہِ پھرِ زِ لیکھس۔ اماپوٚز لیکھس کیٛاہ؟

لیکھنہٕ باپتھ چھُ کیٛاہ۔ بہٕ چھُس مجبوٗری منز یہ خط لیکھان منز منز پننہٕ نِس ماأیِس تہِ

خال کُنہِ وِزِ یِیہ کانٛسہِ۔

"یِیلہِ تہِ بہٕ تَس مُتلِق سونچان چھُس، عجیب کیفیت چھم سپدان۔ تَس مُتلِق

کیاہ اُس میأنی راے تہٕ دژا و کیاہ ۔ !بہٕ رۄٗ دُس پننہِ عادتہٕ موٗجوب تَس سٍتی مذاق گران مگر تَس توٚ رنہٕ فِکرِی ۔ تمہِ کوٚڑ اَتھ بیا کھے مطلب ۔ ہَرگاہ سومےٚ ڈِنرس پیٹھ داوَتھ دِیہِ ہے نہٕ تہٕ شایدٕ ے لگہِ ہے مےٚ پےَ زِ تَس چھےٚ مے مُتلِق غلط فہمی ۔

تمہِ ووٚن ۔ "اِتہاس چھُ دوٚ ہرراونہٕ یِوان ۔ توٚہۍ کیا زِ چھوٗ یہِ گران؟ اَمہِ منٛز کیاہ نیرِ؟" ۔ اِتہاس بیٚیہِ پھرُن ۔ مےٚ زَن توٚ رنہٕ فِکرِی ۔ کُس اِتہاس تہٕ کُمۍ سُند اِتہاس ۔

میأنی بیقلاٗ زی شیرنہٕ باپتھ پرُژھ تمہِ ۔ توٚہۍ کیاہ چھوٗ مےٚ نِش یِژھان؟ ۔

بہٕ گوس ہنا بیٚیہِ ہے بنٛگہٕ ۔ مےٚ چھُنہٕ یہِ رَژھ تہٕ سوٗنٛچمت زِ بہٕ چھُس تَس نِشہِ کینٛہہ یِژھان تہٕ ۔

تمہِ ووٚن بیٚیہِ ۔ "ژےٚ کیاہ وُچھتھ مےٚ منٛز؟"

بہٕ گوس بیٚیہِ تہٕ حأرتس ۔ بہٕ رٕکھہٕ پأٹھۍ وَنہٕ زِ مےٚ چھُنہٕ ژےٚ مُتلِق زانٛہہ سوٗنٛچمُتے ۔ یوٚ تام پسند ینگ تولُق چھُ ۔ بہٕ کیاہ ہیکہِ وٕنِتھ ۔ مگر مےٚ ژٕہنٛز موٚقچ نزاکت تہٕ ووٚنمس ۔

"ژٕ چھکھ بلکُل بدل طٔر تیٚج ۔ مےٚ چھِنہٕ عام لۄکھ ٹارِ کھسان ۔ ژےٚ منٛز چھےٚ ضوٚرۄٗرکانٛہہ گتھ یوسہٕ کأنٛسہِ تہٕ پانس کُن گلوتھ ہیکہِ ------" یہِ وٕنِتھ سوٗنٛچم مےٚ ماز سٹھر اُو گتھ ۔

سو اُس مےٚ تھلہِ تھلہِ وُچھان تہٕ بوزان ۔ تمہِ ووٚن ۔

" مگر توٚ ہی کیاہ چھِوٚیُژھان؟"۔

" اَمہِ سوالہٕ ستیٚ آس بہٕ بیٚیہِ ہَن ہبنہٕ ۔ کتھ پأٹھۍ وَنس زِ مےٚ گژھ نہٕ کِنٛہی ۔ بہٕ روٗ دُس رَژِ کھنڈِ ژھوپہٕ کرِتھ ۔ تَمہِ ووٚن ۔

" توٚہہِ چھُنہٕ مَنگُن تہِ تگان ۔ ژٕ چھُکھا یُژھان مونٛ کرٕنۍ ، نالہٕ متہٕ رَٹُن نتہٕ بیٚیہِ کینٛہہ ۔ ۔ ۔ ۔ ۔"۔

بہٕ اوُسُس نہٕ یہِ تجویز بوزنہٕ باپتھ تیار ۔ مےٚ کرٕ ہمَتھ تہٕ ووٚنمس ۔

"مےٚ گژھ نہٕ کِنٛہی ۔ کانٛہہ چیز پسند کرُن یا نہٕ کرُن چھُ مےٚ پنٛنُن مَسلہٕ ۔ مےٚ چھُ پےٚ زِ مےٚ کیاہ گژھ ۔ ژٕ روز بِلا وَسواس"۔ میانہِ یمہِ کتھِ بوٗزِتھ گیہِ سو حأران تہٕ روٗ زمےٚ کُن وُچھان ۔

تَمہِ ووٚن ۔ "یہِ ژےٚ چھےٚ ژےٚ گوٚژھے تَمہِ کھوتہٕ ژوٚر آسُن"۔ دٕ ہ آسہٕ بجیمژٕ ۔ اَسہِ کھوتہٕ تہٕ آیہِ گیسٹ ہاوس واپس ۔

مےٚ چھےٚ سوٗ نہٕ تہِ گُنہِ ژیتس پیوان ۔ سوٗنچان چھس چِٹھیا لیکھہ ہأ ۔ مگر لیکھس کیاہ؟ ۔ اَتہِ چھس راوان ۔



# وبٕژار

یہِ چھےٚ اَکھ پرٲنۍ کتھ۔ بتہٕ کھتھ چھٕلۍ تٔمۍ پَنٕنۍ بانہٕ۔ تیٚپٲری آو اَکھ اَنزٲنۍ گُری سَوار۔ سُہ اوس تیٚسندِس گامَس کُن گژھان۔ تٔمۍ وبُوٕر زِ بہٕ کیٛاز سوزہٕ نہٕ پَنٕنۍ یِم خٲلی بانہٕ أمۍ سِے اَتھِ گرِ۔ یِتھنہٕ مےٚ پَتہٕ پیٚمن پانٔے ژٕلنہٕ۔ تٔمۍ کوٚر گُری سَوارس عرِض۔

توہہِ چھُ میانہِ گامہٕ کُنۍ نیرُن۔ توٚہۍ تژٕ اۆوی توٚکھ میٲنۍ یِم بانہٕ میانہِ گرِ۔

گُری سَوارن موٚنُس نہٕ۔

تٔمۍ وۆنِس۔ مےٚ چھےٚ جلدی۔ چون گرٕ ژھانڈنس چھےٚ نہٕ مےٚ موہلتھ۔

رَژھ کھَنٛڈ بڑٕ وَنِہہ پِکتھ وبُور گُری سَوارن، مےٚ گٔر غلطی۔ مےٚ پاتھے یہِ کینٛہہ رِتی بانہٕ مُفتے۔ پَنٕن گرٕ تہٕ ہیٚکہٕ ہٕکھ بہٕ نِتھ۔ نہٕ چھُسن بہٕ سُہ زانان تہٕ نَہ سُہ مےٚ۔ یہِ وبُوٲرِتھ پھیوٚر سُہ واپس تہٕ وۆنُن أمِس گرٕ ستِس۔ مےٚ سوٚنٛچ زِ مےٚ چھُ تِہنٛدِ گامہٕ کُنۍ گژھنُے۔ بہٕ کیٛاز نِمہٕ نہٕ چاٲنۍ بانہٕ تہٕ۔ مےٚ کوسہٕ فرق پییہٕ۔ وولہٕ دِیم بانہٕ۔ گرٕ سۍ وۆنُس درجواب۔ "یہِ ژےٚ سوٚنٛچتھ تہِ سوٚنٛچ مےٚ تہِ۔ بہٕ ہیٚکےٚ نہٕ وۆنۍ بانہٕ دِتھ۔"



# فائدٕ

یہِ چھےٚ اَکھ پرأنی کتھ۔ سُہ دزاو کامہِ ہنٛدِس تلاشس منٛز۔ تٔمی وُچھ اَکھ گرٕ۔ سُہ آو یہِ گُرٕ ہیتھ پٔنٕن گام واپس۔ گُرٕ وُچھِتھ گییہِ تسٕنٛز گرٕواجنی حأران۔ تٔمی وۄن پنٕنہِ آشنہِ زِووٕنی گرِ سُہ گُرٕ بن ہُنٛد باپار۔ گُری آسہِ ہوان تہٕ کنان۔ اَتھ باپارس چھُ کأفی فأیدٕ۔ دۄیمہِ دوہہٕ ڈراو سُہ گُرٕ کِننہِ۔ ہنا دۄر ریٚتھ سمٕکھ تس اَکھ نفرا۔ تٔمی گری گُری ہنٛدی تأریف تہٕ پرٛژھنس۔

"یہِ چھیا کِنٕن؟"

"آ۔ اوے دزاس گرِ۔ یہِ چھس گُری باپأری۔"

"یہِ چھسن یہِ مٕلی ہیوٚن یِژھان۔ گوڈٕ گرِ یہِ اُمِس سوٲری۔" پتہٕ گرو چھکاو مُکاو۔

"ٹھیک چھُ۔" بڈٕ آسأنی سان خرید اربنہٕ نس پتھ گو سُہ سبٹھاہ خوش۔ خرِیدارن تھو پٔنٕنی کھرٛاوتہٕ کانگرِ تٔمس نِش تہٕ کھوٚت گُرِس۔ تٔمی یتھے گُرِس کمچہِ ووے تہٕ گُرٕ ژۄل واو۔ کیٚنٛژہِ کالی پتے ڈوٚل سُہ نظرِ۔ ژیر تام پژاریو وباپأری اَماپوٚز خرِیدار آو نہٕ واپس کینٛہہ۔ شامس آو باپأری ناوُمید گرٕ ہتھ پھٹہِ متو کوٚتھو گرٕ۔

"زَنانہِ پٔرُژھنس۔"

"گُرگُن تھٕنا؟ کوتاہ فأیدٕ آوٗ ے؟۔"

تٔمۍ وۄنُس سبکہٕ پأٹھۍ۔ "گُرگُن تیتسےٕ یِتس ہیٚوٗ تمُت اوس۔ اَوٕ ووٚنۍ گوٚو فأیدٕ۔ سو گٔیہِ کھرٛ اوتہٕ کانگرٕ۔"



# حق

کوشلیاچھےٚ نمتہٕ ؤرِش۔ سوچھےٚ مکانہٕ کِس مٔنزِ یمِس کمرس منٛز چار پایہٕ پٮ۪ٹھ ڈاپھ تڑاوِتھ آسان۔ اَتہٕ پٮ۪ٹھ چھےٚ اُمِس گرٕ ہِیوان گوٚھن والین پٮ۪ٹھ پٔوٚر پاٗٹھی نظر گزرروزان۔ تَس اَندی یکۍ چھُ ضوٚرۄٚرکانٛہہ ہِتھ آسان۔ گَتھٕ کرنہٕ باپتھ یاتسٕنٛد بوزنہٕ باپتھ۔ سوچھےٚ نہٕ پھیرِتھ تھوٚرِتھ ہبکان۔ اَماپوٚ زتَس چھےٚ پَنہٕ نہٕ عیالہٕ تہٕ حق ہمسایَن مُتلِق پوٚرٕ زان کأری۔ یۄٚتےٚ یوت نہٕ بٔلکہ تِہنٛدِس پَریوارس منٛز ہیٚکہِ نہٕ ٕتسنٛزِ مَرضی وَراےٚ کینٛہہ تہٕ سپدِتھ۔ پڑتھ گُنہِ لوکچہِ کیوٚ بجہِ گَتھِ مُتلِق چھُ تَس ٕستی مشورٕ گرُن ضوٚرۄٚری۔ پڑتھ دوہہٕ کیاہ کیاہ بنہِ چوکس منٛز، تہٕ کھاندرگھنٛدرگتہٕ کمِس گرو۔ یہِ سوٗرےٚ چھُ تَس پڑٕژھِتھی سپدان۔

کوشلیاچھےٚ پَنہٕ نہٕ وبدواہ کورِشاشتس نِش پٔتۍ موٗژتجی ہوٚوٗری یوٚ پٮ۪ٹھ روزان۔ تمِس چھےٚ زٕ کورِتہٕ اَکھ نیچوٚ۔ شاشتہٕ سپزمَتہٕ یاونۍ وبدواہ۔ تَس اُسی تمہِ وِزِ زٕ بچہِ زاٗمتۍ۔ اَکھ کوٗرتہٕ اَکھ نیچوٚ۔ شاشتہٕ لٔج پَنہٕ نِس برتھاہ ٕسنٛدِس دَفترس منٛز نوکری۔ ٕتسنٛدی بچہِ رَچھنہٕ باپتھ روٗز کوشلیا ٕتسنٛدِ ہے گرس منٛز۔ تمہِ سنٛبول اُمۍ سُنٛد سوٗرےٚ گرٕ۔ تَمہِ تھوٗنہٕ بچَن صحی پرٕورش کرنس منٛز کانٛہہ کسرٕ باقٕے۔ گرِچن کامن منٛز

رۆزکورِ اَتھ شیٚہلا وان۔ ہَر گاہ سو شانٛتس مَدد کرِنہٕ باپتھ ہوٚل گنٛڈِ ہے نہٕ تیٚلہٕ گتہٕ
گرِ ہے سو نوکری تہٕ پگہِ ہبس گزارِ۔

اَوِ کنۍ اُس سو اَمہِ گرِ کی ساری فأصلہٕ پانے کران۔ سو رۆز پانس اَمہِ عیاچ
بُڈ دبد مانان۔ تسنٛزِ مَرضی وَراے اوس نہٕ کانٛسہِ دِ دِتہٕ پھوران۔

وَق گُزرنس سِتۍ گوٚ عیال تہِ بُڈان۔ شُری وأتی وونۍ بُڈی۔ تمن سپُد
کھاندر۔ پَتہٕ زا یکھ شُری تہِ۔ اَدِ یوٚت عیال بڈان گوٚ تسنٛد بن حقوقن منٛز تہِ
سپُد ہُر بر۔ سو چھےٚ وونۍ کینٛژ وَری یوٚ پیٹھ بیمار تہٕ زُورٕنگی ڈیٚج۔ گرٕ وألی رۆدِس
رَنگہٕ رَنگہٕ یلاج کران۔ تَس کوٚر رُکھ آپریشن۔ زانہِ دَے سو کیاہ زِ رۆزا آپریشنہٕ پَتہٕ
امیک دوٚش گرکین بأژن دِوان۔ تَس چھےٚ یلا جس پیٹھ یژھے رأوِمژ۔ تہنٛدِ تِتھِ
وٕطیر کنۍ چھِ ساری پریشان حال۔ تسنٛزِ کورِ شانٛتس چھےٚ تالہِ کنۍ ژھٹھ دژامژ۔ سو
چھےٚ گرِچن کامن منٛز آورِ روزان۔ تمہِ تھوٚ نہٕ یلا جس منٛز کانٛہہ پَرِ گی یہِ ڈٕلِ زِ تہٕ مُہ
اُڈِج تہٕ ژَرِ دود تام تھوٚ ونس آیتن۔ دیار تہِ لأگِنس دوژھو دوژھو۔ تہِ گرِتھ تہِ
اُسس نہٕ مأج مُجر اُہی دِوان۔ سو اُسس اکثر یِ وَنان زِ آپریشن کیاہ زِ گرِ
نو وتھم۔ مےٚ ووت نہٕ یلاج صُحی۔ مےٚ چھکھ مارُن یژھان۔ کوشلیایہِ نِش یُس
تہِ خبر پیہِ ہے تَس نِش اُس سو شانٛتس تہٕ گرِکین بأژن ہنٛز شکایت کران۔

سأری أسی زانان زِیہِ چھےٚ کوشلیٲیہِ ہنٛدِ طرفہٕ زیادتی مگرہہہٕ گونٛنِھ ٹُس کرِ میٔوٹھ! تم أسِس یہِ دِلاسہٕ دِوان زِساری چھی ژےٚ وَژِھ وأنٛجہِ سبوٗ اگر ان۔

یوٚ دوَے کانٛہہ وَنہِ ہیس ژٕ کیازِ گرِ کمن نیاین سنان تہٕ تھوتہٕ صِرف پَنہٕ نہِ صحتُک خیال تہٕ تَس أس دَنٛد پھٹرٕ اوان۔

"بہٕ چھس مأئی کیٚنہٕ۔ گرٕ بار چھُ میٚون۔ توٚہی چھوٕ یَوٗھان زِبہٕ گرِ وَتہٕ أچھ تہٕ میٲنِس حقس دِیہِ کانٛہہ تھپھَ۔"



# تِتھے گتھِ رَژھا

ٹرین دژایہٕ ۔ أسی دوٕشوے أسی اَکھا اَکس بڑ وٕنٹھ گنٛجن سیٹن پیٹھ ہیتھ ۔ سوٚ أس دارِ پیٹھ ہیتھ پَنہٕ نٮ۪ن خیالن منٛز مگن تہٕ بہٕ تہِ پَنہٕ نٮ۪ن وچٲرن منٛز ۔ ٹرین رُکے یہِ یِنہٕ والہِ سٹیشنہٕ بڑ وٕنٹھے پٮ۪ٹھن ۔ بہٕ اوسُس ہٮ۪ہٮ۪ تنگ آمُت ۔ سوٚ تہِ أس گٕہے گرِگُن وُچھان تہٕ گٕہے نبرَ گُن ۔

"توہہِ کوٚت چھِوٕ گڈھُن ؟" ۔ مےٚ پرٛژھمُس ہنجٲری ۔

"دِلہِ ۔ تہٕ توہہِ ؟"

"مےٚ تہِ چھُ دِلہِ گڈھُن ، توٚہی چھِوا پرٛان ؟" ۔

"نَہ ۔ نوکری چھُس کران" ۔ تمہِ ووٚن ۔

"نوکری ! وُنہِ چھےٚ تہنٛز وٲنس ۔۔۔۔" ۔ میانہٕ موکھہٕ دژاو ۔

سوٚ أس وُہ زِ تووُہ وُرِش باسان ۔ أوِج تہٕ زٲوِج ، موکھہٕ پرٛزٕنی ۔ عٲنکھ لاگِتھ تہٕ موختہٕ پھٹٕلی دنٛد ۔ تمہِ اوس ہلکہٕ سبز چھیٹہِ ہُند سوٗٹ لوگمُت ۔ تمہِ ووٚن أسٕنہناہ تژ أوِتھ ۔ بہٕ چھُس پٕتی موبٕ شیٚنےٚ وِے رِبتوٗ پیٹھِ نوکری کران ۔ مےٚ کوٚر پٕتی مہِ وُری یہِ انگریزی یَس منٛز ایم ۔اے تہٕ لُجس نوکری ۔ توٚہی کیاہ چھِوٕ کران ؟ ۔

"یہ چھُس پرٛوفیسر"۔ مےٚ دیُتمُس جواب۔

"کتہِ؟"۔ تمہِ پرُٛژھ۔

مےٚ کوٚڈ پرٛسہِ منٛز پنُن وِزِٹنگ کارڈ تہٕ کوٚرمس حوالہٕ۔

"یہ تہِ اٲسس پی۔ایچ۔ڈی کرُن یژھان۔ اَماپوٚز یپاٲری بنے یہِ یم نوکری تہٕ پرُن پیوٚم ترٛاوُن"۔ اوہِ چ یوہِ چ گتھا کرِتھ ووٚنمس مےٚ زِ مےٚ چھِ کوٚنسلِنگہِ ہندِس شوٗبس ستی دِلچسپی۔

تمہِ پرُٛژھ کیاہ توہہِ چھا علمِ نجوٗمس پیٹھ برٛوسہٕ۔

مےٚ ووٚنمس نہٕ۔ جیوٚتشی ہندِس مأدانس ستی چھےٚ نہٕ مےٚ دِلچسپی۔آ۔ لوکچارس اوسُم اَتھہِ وُچھنک شوق تہٕ ووٚنی ڈیکھہٕ رکھ۔

"میوٚن بُتھ وُچھِتھ ہیکوا مےٚ مُتلِق کینٛہہ وٲنِتھ؟"۔

"کیاز نہٕ۔ توٚہۍ چھِو سوباوِکی سیدی تہٕ ساد۔ کأنسہِ ہُند تہِ ویشواس ہیکِو زینِتھ۔آ۔ کُنہِ کُنہِ چھِو فأصلہٕ وُتاوٕلی سان کران۔" خبر یہ کیاہ کیاہ روٗدُس وَنان۔ سو اٲس دیانہٕ سان بوزان۔ اَتھی دَوران رُکیہِ ٹرٛین اَکِس سٹیشنس پیٹھ۔ تمہِ ووٚن۔

"سٹیشنہِ پیٹھ نیرنہٕ پتہٕ چھُس یہ توہہِ ستی اَکھ گتھ کرٕنی یژھان"۔ کافی وول ژاو اَندر۔ اَسہِ چیہِ کافی تہٕ ٹرٛین دراےِ۔ بہٕ ووٚتھ کنٛہِ سیٹہِ پیٹھ وٕتھتھ پیٹھ سو

مےٚ نگھ۔ بہٕ اوُسس تِسنٛز کتھ بوزنہٕ خاطرٕ بیتاب۔

سو بنییہ ہَنا سنٛجیدٕ تہٕ ووٚنُن۔

"بہٕ چھُس أکِس سٔنِس آوٕلِنس منٛز ہینہٕ آمُت۔ کیٛاہ توٚہی کری وامےٚ مَدد"۔

"وُچھِو مےٚ چھُنہٕ پَے زِ بہٕ کیٛاہ مَدد ہیکہٕ کٔرِتھ۔آ۔پَنہٕ نہِ مسلک واشکاف بیٚیس نِش کرُن چھُ ٹھیکھ روزان۔ کُنہِ کُنہِ چھُ یتھٕ پأٹھی مَسلہٕ أنٛزراونس منٛز مَدد میلان"۔

"مَسلہٕ چھُ یہِ زِ بہٕ یتھ دَفترس منٛز کأم کَران چھُس تتہِ گیہِ راکیش ناوٕ کِس أکِس لٔڑکس ستی زان۔ سُہ چھُ راجستھانُک۔ گوڈٕ گوڈٕ اوس سُہ سخ مَند چھہِ بُڈ۔ سُہ اوس سبٹھاہ کم کتھٕ کَران۔ وارٕ وارٕ بڈٕ یییہِ اَسہِ تولقات۔ بہٕ أسس دفترس منٛز نوٚ نوٚے آمُت۔ تمٕ ہیٚژ مےٚ ہیچھناوِنٛج کأم مَتہِ۔ گوڈٕ سپٕز کینٛژن دوٚہن کامہِ متلقےٕ پانہٕ وأنی کتھ باتھ۔ پتہٕ أسی أسی کامہِ ہنٛز کتھٕ کم تہٕ اورچہِ یورچہِ کتھٕ زیادٕ کَران۔ گوڈٕ اوس سُہ دوہدِش میٛأنِس کمرس منٛز أڈِس گنٹس بیٚہان پتہٕ ہُر بوٚ أہنٛدِ بیٚنٛہک وَق زیادٕ زیادٕ۔ سون سمکھُن تہٕ کتھٕ باتھ کَرنہِ، بنوٚ سأرِہے دفترس منٛز عام گفتگوٗہُک موضوٗ۔ تمہِ وٗنی مےٚ پَنہٕ نِس مألس ماجہِ بیٚنِن باین سأرِنے ہنٛز کولاولی، تِتھے پأٹھی ووٚنُس مےٚ تہٕ پانس مُتلق۔ اَسہِ ہیٚوٚن پانہٕ وأنی مامے گنٛنی۔

"أکہِ دوٚہہٕ ووٚن مےٚ تمٔس۔ میٛأنی گرکی چھِ میٚون کھانٛد رجل جَل کَرنِکہِ کھٕہِ۔ چوٚن یَرادِ کیٛاہ چھُ؟۔ تمٕ ووٚن جان گو۔ مألس ماجہِ وَن مےٚ مُتلق۔ میٚون

مول مأج مانہِ یکدم۔

توٚہی گرِو۔ ہہ کتھ پأٹھی ہیکہِ پنہٕ نس مألس ماجہِ یہِ بأوِتھ۔
تمہِ مون تہٕ ووٚنُن ۔ اچھا۔ ہے یمہٕ چون گرٕ "۔ کینٛہہ دوہ گزرییہ۔

میٲنہِ ماجہِ ووٚن اکہِ دوہہٕ۔

سانہِ زأژ منٛز چھُ اکھ لڑکہٕ۔ پوٚرمت۔ لیوٚکھمُت چھُ تہٕ أکِس
پرایویٹ کمپنی منٛز چھُ جان نوکری گران۔ سُہ تیٖی ژےٚ پگاہ وُچھنہٕ۔ ماجہِ ہٮ۪ژ یہِ
کتھ بوٗزِتھ کڈٕ مےٚ دوٚدھ ہش۔

مےٚ ووٚنمس۔

ممی! میٲنس دفترس منٛز چھُ اکھ لڑکاہ۔ سُہ چھُ مےٚ ستی کھاندر کرُن

یژھان۔۔۔۔۔

میٲنہِ ماجہِ ووٚن۔ وُچھی سیما! ژےٚ کیاہ زِ ووٚنُتھ نہٕ گوڈے۔ یہِ لڑکے ییہِ
پگاہ۔ وُچھن۔ ہرگاہ ژےٚ پسند تیٖی نہٕ تیلہِ چھاہنگہٕ منگہٕ زبردستی آنکار کرُن۔
چأنی ماماجین چھُ لڑکہٕ وُچھمُت۔ بڈٕ تأریف اوس گران۔ چانہِ دفترُک لڑکہٕ ماچھُ
اسہِ وُچھمُت۔ خبر چھا کُنتھ آسہِ۔ تسندی گرٕکی کتھی چھِ۔ یتھ منٛز چھِ صِرف چأنی یأژ
مرضی۔ خأر لڑکہٕ تہٕ وُچھن ہہ۔

"دوٚیمہِ دوہہٕ آو راجیش سون۔ واریاہس کالس روزٕ اور یور چہِ کتھ

چلان ۔ بتھ اوس ننٛدٕ بون ۔ اسوٗن آسنہٕ کھوتہٕ اوس تسُند گتھ باتہِ ہُند ؤطیرٕ منس مُہتھ نوان ۔ تِمس اُھڑس بہٕ ٹارِ ۔"

میٚانہِ ماجہِ ووٚن ۔ راجیشس چھکھ ژٕ پسند ۔ ووٚنی چھے پانس تام ۔ بہٕ روٗزِس دوٚن ترٛن دوہَن گتھِ ڈول دِوان ۔ بہٕ اٚسس راکیشس ہتی گتھ گرٕنی یٚژھان ۔ سُہ اوس روخصتس گومُت ۔ یٚیلہِ سُہ دَفتر آو ۔ مےٚ باٚوتس نِش راجیشنی گتھ ۔ تَس پھیوٚر بُتھس تِمن تِمی ووٚن ۔ بہٕ اوسُس گرٕ گوٚمُت تہٕ مےٚ گرٕ پَنہٕ نِس ماٚلِس ماجہِ ہتی ژےٚ مُتلق گتھ ۔ تِم چھِ کھاندرٕ باپتھ تیار ۔۔۔ تہٕ ژٕ ۔۔۔؟

" یَپاٚرۍ اوس گرِ کہن سارِنے باٚژن تہٕ اَنگن اٚشناوَن راجیش پسند کھوتمُت ۔ تِم اٚسۍ گتھِ پیٹھ تہنٛدٕ بن گونَن ہنٛز وکھنٕے گران ۔ تَس چھےٚ نوکری تہٕ جان تنخاہ تہِ موقوٗل ۔ سُہ گرِ ترقی ۔ بیٚیہِ چھُ خوش خُلق ۔ بہٕ آیس دُژیٚتس منٛز ہیٚنہٕ ۔ منس منٛز وہٕ ورُم زِ راجیش چھنہٕ ناکارٕ کیٚنہہ ۔۔۔ نوکری چھس جان ۔ سو باورُت ، اَسوٗن گِندوٗن تہٕ رَلہٕ وٗن میلہٕ وٗن ۔۔۔ مگر راکیش ۔۔۔۔ اٚنٛدرۍ اٚنٛدرۍ اوس مےٚ پیٹھ ماٚلِس ماجہِ تہٕ اَنگن اٚشناوَن ہُند دَباو بڑان ۔ اَتھ دوران گر راجیشن مےٚ ہتی ٹیلیفونس پیٹھ دوٚیہِ ترٛیہِ لٹہٕ گتھ باتھ ۔ سُہ روٗد پھیرۍ پھیرۍ پرٛژھان ۔ بہٕ چھس چون فٲصلہٕ زانُن یَژھان ۔ بہٕ روٗزِس واریہَن دوہَن بوٗزِتھ ژُر لاگان ۔ پتہٕ ووٚن مےٚ اَکہِ دوہہ راکیشس ۔ بہٕ چھس مجبوٗر ۔ میٚانۍ گرِ کی چھِ مےٚ پیٹھ دَباو ترٛاٚوِتھ ۔ تِمن چھُ راجیش پسند آمُت ۔

راکیشن ژٕنۍ یہِ گٔژھ تہٕ دژا و میانہِ کمرِ منٛزٕ رَسے نیبرٕ ۔ دۆیمہِ دوہہٕ سۆزٕ تمۍ

پنٛد اہَن دوہَن ہنٛزٕ عرضی ۔

مےٚ کۆر راجیشس ستۍ کھاندرٕ کرنس آنٛکار ۔ اُوٚترٕ گۆنٛڈ کھ اُسہِ کھاندرُک

تأریخ سپُد مُقرر ۔ ژور رِتۍ سپُد کھاندر ۔ بہٕ دژ ایس دِلہِ واپس ۔ مےٚ ہیوٚت

زَیادٕ دے گابُرن ۔ مےٚ چھُنہٕ فِکرِی تران زِمیوٚن فاصلہٕ چھا صحیٖ کِنہٕ غلط ۔

یتھُے بہٕ پنٕنہِ نِس بَنَن وأرِلِس بَرتھاہَس راجیشس مُتلِق سوٚنچان چھس ،

تِتھُے چھم راکیشنۍ شکل ذیہنس منٛزٕ یوان ۔ بہٕ ہیکن نہٕ راکیش أکِس ژٕہس تہٕ

مٔشرأوِتھ ۔ مےٚ چھُ وارِ پَے زِ راکیش وُچھ تھے ژھٔٹہِ باکہٕ ۔ مےٚ روزِ نہٕ پانس

تام ۔ راجیشن چھَن بہٕ صرِف کیٛنژہ ودوہو پتہٕ زانان ۔ مگر راکیش زانن بہٕ پتۍ موٚ

شیٛو رِتو پتہٕ ۔ بہٕ ہیکن نہٕ سُہ ڈیٛتھ کیاہ کرِتھ تہٕ مُشرأوِتھ ۔

"راتھے بوزِ ناوٕ مےٚ پنٕنہِ لوکچارِ چہِ أکِس وبہٕ سارِ ے ڈٔلیل ۔ تمہِ وۆن

زِ مےٚ پزٕ راکیش یگدم مُشراوُن تہٕ راجیشس مُتلِق سوٚنچُن ۔ سورُٕ زِ مےٚ باند باند

گران ۔ ژٕ ے کُس رِشتے چھے راکیشس ستۍ روٗدمُت ۔ بس ہی نا ۔ زِ دفترس منٛزٕ

أسو پانہٕ وأنۍ گٔژھ باتھ ۔ اَمہِ پیٛو لوکچہِ گٔژھ باپتھ کیاہ زِ ژٕہۍ پریشان" ۔

میانہِ وٕیسہِ ہنٛدِ باپتھ أسہ یہِ اَکھ لوکٹ گٔژھ ۔ مگر میانہِ باپتھ ۔۔۔۔۔

سیما أسہ یہِ سورُے وَنان ۔ مےٚ وُچھ تَس أسۍ أشی ٹأرۍ بَرنہٕ آمتۍ ۔



# ہَرُ پھ

تِم اٲسۍ اَکھ اٲکِس کیٚنٛہہ ودوہو پیٛٹھے زانان۔ رَما اٲس گمہِ تام تحقیقی کامہِ باپتھ رَمیش نِس اَدارَس منٛز آمٕژ۔ گوڑٕ گریمو تحقیقی گتھ تہٕ پَتہٕ گربکھ باقٕے گتھٕ تہِ۔ دوشوے یۆت یۆت پانہٕ وٲنۍ نکھٕ نکھٕ آیہِ تیۆتاہ اٲسۍ تِم پانہٕ وٲنۍ بحثا بحثی تہِ گران۔ گُنہِ تہِ گتھِ پیٹھ اٲسۍ نہٕ دوشوے ہارُن یَژھان۔ اَز اٲس رمیشن رَما کاٛچن پُٹن گرِ سالہٕ اٲنۍ مژ۔ شامُک بتہٕ کھبتھ اٲسۍ دوشوے سٲلس دژ امتی۔ اورٕ چ یورٕ چ گتھا باتھا اٲس چلان۔ رَمایہِ پیو ہنگہٕ منگہٕ کیاہ تام ژٕبتس۔ تِمہِ اوس گس تام نِشہِ بۆزمُت زِ رمیش نِس لانس منٛز اوس اَکھ ہَرُ پھ دژ امُت۔ تِمہِ وۆن نَس۔

"لُکھ چھِ وَچھس منٛز ہَر پھ پالان۔ مگر بوزان چھِ زِ تۆہۍ چھِوٕ پنہٕ نس باغس منٛز پالان"۔

"صحی چھُتھ بۆزمُت۔ پَنہٕ نِس گرس منٛز چھُسکھ نہٕ رَچھانٕے اوت ٹلرکہِ چھُسکھ کبھاٲوِتھ چاوِتھ سٲل تہِ گرٕناوان"۔



# صَلاح

تَس اُس نہٕ مینایہِ ہٕنٛدِس گٔٹ گٔرِی ہٕتِس مَستِس مَنٛز تھَوُنہٕ آہِو بُڈ کلِف خوش گَران۔ اَکہِ دوہہٕ ووٚن تٔمۍ دَنٛدٕ ٹوُٹوُ مینایہِ۔

" توٚہۍ کیٛازِ چھِوٕ اَتھ پَنٕہٕ نٔس پٲڈۍ مستِس یہِ کلِف لاگان؟ یِیٚہ یِلۍ شوٗبہِ۔۔۔۔"

"وُچھِو جناب یہِ چھُ میٛون ذاتی مسلہٕ۔ مےٚ موٚ نگاہ صلاح کٲنٛسہِ"۔

تَس گٔیہِ ژھوپہٕ۔ گرِ ہے تہِ کیٛاہ۔

دوٚیمہِ دوہہٕ اُس نہٕ مینایہِ مَستِس کلِف کینٛہہ۔



# سوکھ

مےٚ اوس آگرا گژھُن تہٕ تمِس غازِیاباد۔ أسی دوٚشوے دژایہِ یکوٹہٕ بَس

اَڈس کُن ۔ مےٚ روٚٹ سکوٗٹر تہٕ دوٚشوے بیٖٹھی تَتھ مَنٛز ۔ اورٕ چ یوٗرٕ چ گَتھا گر ۔ بس

اَڈس پیٹھ واتِتھ گیہِ أسی گوڈٕ تَتھ جایہِ یۄتہِ پیٹھٕ غازِیاباد بسہٕ نیران آسہٕ ۔ بہٕ گوس

جلد کوٗنٹرس پیٹھ تہٕ أنِم ٹِکٹ ۔ سو بیٚہناوٕم بسہِ مَنٛز تہٕ ٹِکٹ گرمس حَوالہٕ ۔ کینٛژھس

کالس روٗزس وژھوپہٕ گرِتھ ۔ پَتہٕ ووٚنُن ہکہٕ ۔

"بہٕ چھُس دِلہِ پیٹھ غازِیاباد اکثر گژھان ۔۔۔۔ پرٛتھ وِزِ بسہِ مَنٛزٕ ے ۔

گوڈنچہِ پھِرِ چھےٚ کٔمی تام مےٚ کرِتھ ٹِکٹ أنی ہٕژ تہٕ بہٕ بسہِ مَنٛز بیٚہناوہٕژ ۔ گوڈنچہِ لٹہِ

دِتُو ہ توہہِ مےٚ احساس زِ دوٚیمس پیٹھ ستھ تھاوَنس کوتاہ سوکھ چھُ میلان" ۔

بسہِ ہنٛدِ نیرنک وَق ووت ۔ بہٕ ووٚتھُس بسہِ مَنٛز بون تہٕ اِچھِ دارِنش

روٗدُس کھڑا ۔ بہٕ گوس یہِ وُچھِتھ حأران زِ تسٕنز ن أچھن مَنٛز اوس اوٚش ۔



# مَطلَب

تَس وُچھتھے ہنیِہ تَس بو کہ تہ پھوٚج۔ دَرواز س پٹھ یِتھ "جیجا جی، جیجا جی" وَنان وَنان کوٚر تمہِ تمِس چیٖر نالہٕ موٚت۔ سُہ گوٚ حٲران۔ سُہ اوس تَس زٕ رِبتھ برٕ وٕنہہ گوٚڈٕ بچہِ لٹہِ سَمکھیوٚمُت۔ سو اُس تسنٕز زنانہِ ہنٕز ٲو شاگرِد، مگر تَس اُس

"جی جی۔ جی جی" ناو وَنان۔

تُسُند رَنگ رِپھ، اَسہٕ وُن بُتھ، بچہِ بچہِ بادام چشمہٕ کس کرہن نہ پانس گن کُشِش۔

تمہِ ہیوٚ اَسان اَسان اور چہ یورچہ گتھ گرنہِ۔ تمۍ ووٚنُس اَنٛہنا تژ اُوِتھ۔

"سال چھکھ بنے مٕژ۔ یہ رشتہٕ چھُ بڈٕ نوزُک۔ اَمیُک مطلب چھکھٕ زانان؟"۔

"کیٛا زِنہ۔"

"کیٛاہ مَطلَب چھُ اتھ؟"

"اَتھ وَتھ ہبگھ رٕ تھ تہ بیٚہ کیٛاہ!"



# رِشتہٕ

اَدار ِکس حاطس منٛز اوس لو کُٹ دُکمری گرِ ۔ کھیٚنہٕ چنٛگ اوسنہٕ تتہٕ کانٛہہ اِنتظام ۔ شامنس اوسُس بہٕ نیٚبرَ ے بتہٕ کھبتھ آمُت ۔ چودھری جیٖن ووٚن زِ صُبحس سوزِ سہٕ چاے تہٕ ناشتہٕ چھُ تسٕی ستی گرُن ۔

چودھری جیُن گرِ اوس بلکُل نکھے ۔ صُبہس ستہٕ بجہِ گوس بہٕ پانے چودھری جیُن گرِ ۔ گنٹی وآیم ۔ گمہِ تام لڑ ِکیہِ تُل پَر دِتھوٚ دتہٕ وُچھن دارِ کنٕی ۔ پتہٕ مژٕ روُن اَسان اَسان درواز ۔ بیہنہٕ باپتھ ہووُن اِشارِ ۔ بہٕ بیوٚٹھس صوفس پیٹھ ۔ سو گیہِ دوٚیمس کمرس منٛز تہٕ سوٚزن چودھری جی ۔ کیٚے کالہٕ پتہٕ اٰئی تمہِ ٹرٕیہِ منٛز چاے ۔ اَکھ پیالہٕ دیتٕن مےٚ گُن تہٕ دوٚیُم پلہٕ نووُن چودھری جیس ۔ سو آسہِ ہے یہے اَرداہ وُہہٕ وٕرِش ۔ بُتھِ ڈوگرِ ڈوگرِ تہٕ خولہٕ خط تیز پَہن ۔ بُتھ موصوٗم آسنہٕ باوجوٗ دٲس تَس اٰچھن منٛز شرارتھ اَکھ ہلکہٕ گژا ے ہش ۔ بہٕ اوسُس تَس متلق زانُن یژھان ۔ یہِ کوسہٕ چھےٚ ؟ مےٚ اٰس نہٕ سو بزٕ وُنہہ زِنہے چودھری جی ِنس گرس منٛز وُچھمٕژ ۔

دوٚیمہِ دوہہٕ ییٚلہِ بہٕ کھنہٕ ِکس میزس نِشہِ بیوٚٹھس تہٕ تمہِ اوٚن کھن ۔ اَز پرٛژھ مےٚ چودھری جیس لوتہٕ لوتہٕ ۔

"یہِ کوسہٕ چھےٚ ؟ توہہٕ گرٕناوٕ نہٕ اُمی سٕنز زانیے ۔" تٔمو وۄن لوتہٕ لوتہٕ ۔

"اُمِس چھنہٕ کِنہیے ۔ پٔتی موٚ دہ یوٗ ورٕ ی یو پیٹھ چھےٚ سائنس گرس منٛز ۔ یہےٚ چھےٚ

گژ ییک ساٲرے کاٗم کارگران ۔"

سو ییٚلہِ دُبارٕ سبزی ہیتھ آیہِ تٔمہِ وِزِ اوس تسُنٛد موکھ ہنا زیادے خوشیوٗ ن ۔

یہٕ اوسُسن تَس غورٕ سان وُچھن یُہ ھان اماپوٚ ز تٔمہِ تھوٚ و سبزی ٹۄ ر میزس پیٹھ تہٕ

دژ ایہِ چوکس گژن ۔

چودھری جین وۄ ن ۔

" کٔنٛژن چھےٚ اکھ سیٚز تہٕ ساد کورِہَن ۔ گامہٕ سکوٗلس چھےٚ گمُت ۔ میاٗنی آشٕنیٚ

اُس پٔژن مالیُن گمٕژ ۔ تتہِ سپدِس تَس ستی مُلاقاتھ ۔ تٔتی پیٹھ اُنن پانس ستی یور ۔ تٔمہِ

چھےٚ پیٚتی ساٲرے کاٗم کوٚٹ ہیچھِ مٕژ ۔ رَنان پاکہٕ وان چھےٚ ۔ پلوٚ دَلوٚ چھےٚ چھلان تہٕ

شُرِ تہِ چھےٚ رچھان ۔ اَسہِ دوشونی چھےٚ یہِ سبتھاہ ٹاٹھ" ۔

دوٚیمہِ دوہہٕ صُبحاے گوٚ میاٗنس بَرس ٹھک ٹھک ۔ بہٕ گوس ہُشیار تہٕ اُچھ

موٗران موٗران مُژ رووُم درَواز ۔ حٲران گوس ۔ کٔنٛژن اُس چایہِ ٹرے ہیتھ بٕرٕ ونٛہہ

گنہِ ۔ مےٚ وۄ نمس ۔

"ہے ۔ ژٕ کیاز ِ آیکھ یور ۔ بہٕ یِمہٕ ہاٚ پانَے ۔"

تٔمہِ وۄ ن اَسان اَسان ۔ "بوبوٗ جین وۄ نہٕ نم ۔۔۔"

تٔمہِ تھوٚ ڈرے ٹیبلس پیٹھ تہٕ لٔج فلاسک کھولنہٕ ۔ بہٕ گوس دَندن بُرش گرنہ

باتھ رُومس منز ۔ییلہِ واپس آس تہٕ تمہِ اوس میوٗن بسترٕ شۄ رمُت ۔تمہِ اوس کملہِ تہہ کۄرمُت تہٕ گرِٹ وَہرو ومُت ۔تمہِ پھِر یگدم چاے فلاسکہِ منز کپس منز تہٕ پلہٕ نوُوُن مےٚ ۔تمہِ پرٗژھ ۔

"بوبٕ جی چھُ پرٗژھان زِ کانٛہہ کاٗم۔۔۔؟"

"نہ، کنہیں نہٕ ۔۔۔اَوِ ۔کینژَن پلوَن چھےٚ گُنڈی کرناوِنی ۔۔۔مگر۔۔۔"

"دِیو یہ اَنہٕ ناوِ گرِتھ ۔بوبٕ جی سَنٛد بن تہٕ چھےٚ گرناوِنی ۔"

مےٚ دِژس سوٗٹ کیسہٕ منز ژِ قمیضہٕ تہٕ پینٹ کڈِتھ ۔سو دراےِ ژھوپہٕ دوپہٕ گرِتھ پلوَ ہتھ ۔ شامنس ییلہِ بہٕ گرِ گوٚھنچ تیاٗری گران اوسُس ۔سوٗ ژاےِ پلوَ ہتھ کمرس منز ۔ٹیبلس پیٹھ پلوٚ تھَوان تھوان ووٚنُن ۔

"اچھا صاحب ۔توہہِ چھوٚ نیرُن ۔؟"

"اَوِ ۔شاچ فِلایٹ چھُم ۔"

"پیٚیہِ گرییو؟"

"خبرٕ ے چھےٚ نہٕ ۔ژٕ کیٛازِ چھکھ پرٗژھان؟"

"بوبٕ جی سوزن مےٚ گام جلد"

"کیٛازِ؟ییتہِ چھکھ ناژٕ خوش؟"

"بہٕ چھُس خوش ۔وَنان چھِ زِمیٚاٗنی ماماجین چھنس بہٕ بُلاوِمٕژ ۔"

"چون ماماجی ۔؟ ۔تِمس کیٛاہ چھیٚٹ پیٚیہِ ۔؟"

"کیاہ تام گتھ چھےٚ ---"

تسٕندِس بُتھِس پیٹھٕ اُس پریشانی بوزنہٕ یِوان۔

"کیاہ توٚہی ہیکیٚوٗن نا بوبٕ جی سمجاوِتھ مےٚ سوزٕہَن نہٕ گام۔ بہٕ چھس ییتہٕ روزُن یژھان۔" مےٚ وُچھ تَس اُسی اَشی ہکہٕ آمتی۔ میانہِ کینہہ وننہٕ برٚونٹھے، پَننہِ ڈُپٹہٕ ستی اوٚش ووتھراوان ووتھراوان ژٕج سو۔

گژھے کالہٕ پتہٕ آیہٕ چودھری جی مےٚ ہوٲیِ اَڈس پیٹھ ننہٕ خاطرٕ۔ مےٚ کُرتس ستی کنٛچن نس مُتلِق گتھ تہٕ پرٛژھمَس۔

"توٚہی کیا زِچھو ون سو گام سوزان یہ نہٕ سو یژھان چھےٚ؟"

"تہٕندی مامن چھےٚ اَمی ہٕندِ کھاندرٕچ گتھ گنٛڈمٕژ۔"

"توٚہی اَے اُسی وٕ وَنان زِ اَمِس چھِپنہٕ کنٛہے۔"

"اَکھ دوٗر رَدراز مام چھُس۔ سُہ آوراتھ۔ اُسی اُسِن نہٕ پانہٕ تہٕ یہ سوزُن یژھان۔ اُسی اُسی اَمی سُند کھاندرتہٕ وَقتس پیٹھ کرنک سونچان۔ اَماپوٚز تمی مون نہٕ۔ سُہ آو وُٹھنہٕ۔ اُسی کیاہ ہکہٕ ہو رِشتس منٛزٕ تِتھ؟ اَخرٕ اَے سُہ اَمِس مام چھُ۔ دوٗر رِدَرازے صَحی۔ اَسہِ ستی کُس رِشتہٕ چھُ اَمِس -----؟"



# ہَمدردی

دھرم تہٕ سماجی کامبن منز آوٚر آسنہٕ موکھ چھےٚ نہٕ تمن پَرنہٕ لیکھنہٕ خاطرٕ مہَل۔ تہٕنٛدِس کمرس منز چھےٚ دون ترٛبن شیشہِ المارِبن منز کِتابہٕ ضوٗرۍ رسجاۓوِتھ۔ تہٕنٛدِس ٹیبلہٕ کِس أکِس کوٗنس پیٹھ چھُ پی۔ اچ۔ ڈی ہُک اچھوپ تھیسِس تہٕ۔ کُنہٕ کُنہٕ چھُ املکۍ وَرکھ تہٕ سُہ پھِرِ ان تھُران۔ تھیسِس لیکھنہٕ علاوٕ چھےٚ شایدے تِمو کانٛہہ بیا کھ سکہٕ تحقیقی کام کٔرمٕژ۔

پرٛوفیسر آسنہٕ باوجوٗد چھنہٕ تمن پَرناونہٕ باپتھ تیاری کَرنُک وَکھ میلان نہٕ چھُ تمن یہِ ضوٗرۍ باسان۔ اَگر مسلہٕ چھُ تہٕ سُہ چھُ یِی زِ ہیچھن وألۍ چھِنہٕ تہٕنٛدِ پَرناونہٕ ستیٚ مطمئین۔ وٕری وادو پیٹھ چھِ تمن مُتلِق رازگوار رپورٹن منز یہِ تام لیکھنہٕ آمُت زِ یم کیٛازِ چھِ پَرناونہٕ باپتھ مقرر کَرنہٕ آمتۍ؟ یم گوٚھن نوکری نِشہِ بَرطرف کَرنہٕ ینٛۍ، بہتر۔ خأر سرکأرٕ ئی نوکری چھےٚ مُستقِل آسان۔ کانٛہہ کِتھٕ پأٹھۍ ییہِ نوکری منزٕ کڈنہٕ۔

اَز شامَس پیوٚمے اَکہِ تاجلی کامہِ باپتھ توہنٛد گرٕ گژھُن۔ دَروازِ پیٹھ بجاوُم گنٹی۔ أنٛدرٕ پیٹھ أس ڈول تہٕ باجہٕ سازس ستیٚ کیرتن کرنچ آوازِ یوان۔

واریاہس کالس مُژرُنہٕ کأنسہِ تہٕ درَواز۔ لوتہِ دَکہٕ ستی مُژرووٕ مے درَوازٕ تہٕ کیٚاہ وُچھُم۔ پرٛوفیسر صأب اوس کھچھس تہٕ اَنڈَ رشُرٛ ٹہِ منٛز ڈول وایان تہٕ تہنٛز زنانہٕ اُس باجہِ وایان۔ دوشوے بأژ اُسی کیٚہ تن گرنس منٛز مست۔ اُچھو ستی ہووُن مے بیٚہنہٕ باپتھ۔

تمن اَتھ حالَژ منٛز وُچھِتھ آو مے ہنگہٕ منگہٕ تمن پیٹھ ترٕس۔ میأنس دِلس منٛز وو تلیہِ تربیت پرٛاون والین ہنٛدِ باپتھ ہمدردی۔ یمن پرناوُنٕچ کأم اُمس مٹہِ اُس۔



# وَق

تَس وُچھ تھےٚ چھِ اکہِ فِلمی بأتِچ لأان۔" کبھی نظر مِلاے کبھی نظر چُراے" یاد پیوان۔ گتھ گرِ نہٕ وِزِ چھےٚ سو پُرٕ کُشِش اَند اِز گہےٚ نظرٕ رَلاوان تہٕ گہےٚ کھٕٹ کھٕٹ تھوان۔

اَز پچھ سو گیسٹ ہاوٕسس منٛز میانہِ گمرٕ برٛونٛہہ کنہِ۔ مےٚ وۆن تَس اَندر اَژنہٕ باپتھ۔ سو ژایہِ اَند رتہٕ بیٹھ صوفس پیٹھ۔ سو چھےٚ دِلہِ روزَن واجنہٕ۔ جالے سپزٕ تسنٛز تقرُری ییمہِ اَدارٕکس گتھ تانٛی شوبس منٛز۔ مےٚ پُرٛژھُس ہنٛجأری پأٹھی زِ ییتہِ کیُتھ چھےٚ ژےٚ باسان۔

تمہِ وۆن۔ ٹھیکھ چھُ۔ اَما پۆز گُنہِ گُنہِ چھُس تنگ لتہِ گژھان۔" کیٛازِ یِژھ کیٛاہ گتھ چھےٚ؟"

تمہِ تُجہِ نظرٕ تھۆد تہٕ وۆنُن۔" ییتہِ چھِ سأری پَنٕنِ پَنٕنِ کامن منٛز پیتٕرٛ آورٕ زِ کأنٛسہِ چھنہٕ کأنٛسہِ باپتھ فُرصتھے۔"

" وَق! مےٚ اوس نہٕ اَمہِ گتھِ ہُنٛد ظونٕے زِ، یِژھَن خوٗبصوٗرت کوربن تہِ چھُ کأنٛسہِ ہنٛدِ وَقتُک موحتاج روزُن پیوان"۔ مےٚ وۆنُس اَسٕنہنا ژأ آوِتھ۔ سو وُژھ ہکہٕ۔ ییتہِ چھُ گتھ باتھ گرِنس منٛزٕ ے وَق گزران۔ کیٛاہِ فأیدٕ"۔

مےٚ زَن کھۆت نہٕ تسنٛد ہزٕل ٹارِ۔



# زَبان

پٔتِمہِ ربتہٕ گوٚمے تٔتھۍ گیسٹ ہاوٗسس مَنٛز نِشایہٕ سٟتۍ مُلا قاتھ۔ سو چھےٚ ژٕکہِ بھارتی، اَمریٖکَچ شہری۔ حال حالے چھےٚ سو تحقیقکِس سِلسِلس مَنٛز ترٛبن ربتن بھارت آمٕژ۔ سوٗ اُس ہِیٚنٛدی ہیٚچھن یٔژھان۔ مے کٔرٕ اوٗ تسٕنٛز زان اَکِس مُقاٗمی دوستس سٟتۍ۔ تَمہِ کوٚر ہِیٚنٛدی ہیٚچھن شوٗروٗ۔

أزی چہِ لٔٹہِ سمکھییہ تہٕ سوٗ اُس ہِیٚنٛدی پاٗٹھۍ کتھ کران۔

"مے چھُ نِشاناوتہٕ بہٕ چھُس ہِیٚنٛدی ہیٚچھان۔۔۔"۔

سوٗروٗ زوَنان۔ مے کوٚر یہِ خوش۔ مے وٚنمس۔

"سبٹھاہ جان۔ ژےٚ چھےٚ ہِیٚنٛدی سبٹھاہ جان پاٗٹھۍ ہیٚچھ مُت۔ بھارتس مَنٛز کیاہ چھُ چون پرٛوگرام؟"۔

"ہِیٚنٛدی پاٗٹھۍ چھُس نہٕ ؤنِتھ ہیٚکان"۔ تَمہِ وۄن یگدم۔ دَراصل اُسۍ تَمہِ ہِیٚنٛدی زباٗنۍ مَنٛز کینٛہہ جُملہٕ ڈٕرراوۍ متۍ۔ تووے ہیوٚک نہٕ تَمہِ پنٕنِس پرٛوگرامس مُتلِق کینٛہہ ؤنِتھ۔ انگریزی پاٗٹھۍ وۄنُن۔

مے دیُت تَس کینٛژھن دوہن میسوریِنگ داوتھ۔

"کیاہ تِتہٕ تہِ آسیا ہِیٚنٛدی بوٗلن؟"۔

"ضروٗری چھنہٕ۔ تِتہِ پکہٕ کاٗم گنڈٕ زباٗنۍ سٟتۍ"۔ مے وٚنمس۔

"کینٛہہ پَراوے چھنہٕ"۔ "تیلہِ ہمہٕ بہٕ گنڈ ہیٚچھن"۔ تَمہِ وۄن اَسان اَسان۔



# رِیایتھ

گتھ تام ترییٔتی کورسس منز ہِصہٕ ہِنہٕ باپتھ اوس سُہ سِڈنی (اسٹریلیا) منز۔ اَکہِ دوہہٕ شامس اوس سُہ کِنکس کرٛاسِکس فاشنی شاپنگ سینٹرس منز چکرِ ہنا گران۔ ژوپأری أس رونقے رونق۔ اَکہِ خوبصوٗرت نوجوان گوٗ رِووٗنس نکھہٕ یتھ۔

"ہیلو ڈارلِنگ۔"

"ہیلو۔"

سُہ پوٚک بڑ وِنٹھ پٔہن تہٕ أمِس نوجوان کورِ ہنٛدِس کمرس پٹھ نٔرتھأوِتھ ووٚننس۔

"کتیٚ پونسہٕ؟"

"وٚہ ڈالر" ۔ نَوجوان کورِ دیُتنس جَواب۔

"پٔرٕ ونِس لۆرکس سَپدِ یاہ کاتہہ رِیایتھ؟"

تمیٚ پُرٛژھنس۔



# موت

شامَن اوُسس بہٕ یوٗنیورَسٹی ہٕنٛدِس احاطس مَنٛز پھیران۔ یگدم سپُد لوناہس ءستۍ مُلاقاتھ۔ أسۍ دوٕشوے أسۍ فرٛنچ کلاسس مَنٛز یکوٹہٕ۔ تسُنٛد پأراوتہٕ ربوأیتی پوشاکھ وُچھِتھ پرٛژھمُس اَسان اَسان۔

"اَزکَمُس چھُ موت آمُت ؟"

"مَرُن چھُکھا یَژھان؟"۔ تمہِ پرٛژھ۔

"سُہ گتہِ آسہِ مےٚ قسمتھ زِ چانوٕ اَتھو۔۔۔۔۔!"

اَکھ زیوٗٹھ ووش ترٛاوِتھ دیٛتُٛ مَس جَواب۔

اَتھ پٮ۪ٹھ کوٚر تمہِ مےٚ اَکھ زَلہٕ وُن موٗنۍ تہٕ ژٕج۔



# گۆرۄ دیو

"بہٕ چھُس گۆرۄ دیو بولان"۔

"کُس گۆرۄ دیو؟"

"میٲنۍ اصلی ناو چھُ سُریش مِشرا۔ بہٕ چھُس تہُندِس پٲتی دیوس بنگلور سمکھیوٚمُت۔ تِموے چھُم دِلہِ منٛز سمکھنہِ باپتھ وۆنمُت"۔

شریمتی شرمایہِ توٚر فِکرِ۔ تِمۍ موٚن کانٛسہِ پیٹھ یُن۔ تِمہِ کٔر بتہٕ رنٛنج تیاری۔ کِہے کالہٕ پتہٕ آیہِ تِم دۄتی تہٕ زیوٚٹھ کُرتہٕ لاگِتھ تہٕ وٲتۍ دَروازس پیٹھ۔ شریمتی شرمایہِ بیٛہناوۍ تِم دیوانس پیٹھ۔

گورۄ دیون وۆنُکھ۔

"مےٚ چھُ تہُندی برتھاہَن وۆنمُت زِ تہُند شریر چھُنہٕ ٹھیکھ روزان۔ اوَے چھُس بہٕ آمُت۔ توٚہۍ وٲنۍ توٚہۍ پنٕنہِ بیمارِ مُتلِق"۔

شریمتی شرمایہِ اٲنۍ تِمن چاے۔ تہٕ بڑوٚنٛٹھہِ گنہِ ہیتھ وۄنہٕ نُکھ پننہٕ نِس دادِس مُتلِق۔ تِم رۄدۍ اکِس کاغذس پیٹھ کیٛاہ تام لیکھان۔ منٛزۍ منٛزۍ اٲسۍ کیٛاہتام منترٕ گنگراوان۔

اَو تتام وأنی شرماجی تہٕ ۔ گورۄ دیون وۄن ہمن ۔

"مے تھوٚ سارییٚ کتھہٕ دٲرِج کٔرِتھ ۔ بہٕ ہیکہ یم بلکُل ٹھیکھ کٔرِتھ ۔ وۄدی سان پرٚبکھ گوٚرۄ دیو مانُن ۔ مےٚ نش پییکھ گورٕ شبدرٕتُن ۔ واریاہ ممبرٕ پارلیمنٹ ، ممبر لیجس لیٹو اسمبلی تہٕ منسٹرِ چھہٕ مےٚ گورمانان ۔"

اَو تتام ووت بتہٕ کھہنک موقہٕ ۔ شریمتی شرمایہٕ تھوٚ ویٹبلس پیٹھ کھمن چَن شیرِتھ ۔ شرماجین اوس نہٕ وُنہٕ اَنہٕ دیوتاہس پرٕنام تہٕ کوٚرمُت زِ گوٚرۄ دیو متنوٚتس ۔ تمی وۄن ۔

" مےٚ ووت سَداہو دوہو پتھہٕ وۄپہٕ واس گران ۔ بہٕ چھس نہٕ بزٕہمنو وَرأے کأنسہٕ ہندا تھک کھوان" ۔

" کیاہ تہنٛدی سأری چیٛہلہٕ چھا بزٕہمنے ؟" نَہ تہٕ چھنہٕ ۔ میأنی چیٛہلہٕ چھہٕ بیوٚن بیوٚن دَھرمَن تہٕ زأژن ہنٛدی ۔ آ ۔ دۄیمن دَھرمَن تہٕ زأژن ہنٛدین چیٛہلن چھس بہٕ دۄری أشرِ واد دِوان" ۔

" بہٕ کرٕ تہنٛدِ رسمی داعوتک اِنتظار ۔"

بہٕ وُنتھ دزٕ اوگوٚرۄ دیو ۔



# شرٛدانجلی

کارڈ پٔرتھ سپُد مےٚ افسوٗس۔ ڈاکٹر گریوال اُسی سورگواس گٔمتی۔ تِہندِ آتماچہِ شأنتی باپتھ اوس شوک سبھایہِ ہُند اہتمام کرنہٕ آمُت۔ یتھ منٛز کیرتن تہٕ پاٹھ بیترِ کرنہٕ علاوٕ شرٛدانجلی پیش کرنٕکی تقریر تہٕ شأمِل اُسی۔

یہِ شوک سبھا اُس تمی اِدارٕ طرفہٕ مُنظم کرنہٕ آمٕژ یتھ ہتی ڈاکٹر گریوال وارِیاہن وٕریٚن وابستہٕ روٗدِمتی اُسی۔ یہِ اِدارٕ اوس اُکی دھرم، ادب تہٕ تحقیقس متلِق پَنٕہ نہِ وقتچ نامور ادٕبن شورٕ کوٚرمُت۔ ڈاکٹر گریوالن اُس یونیورسٹی گوڈنہٕ برٛونٹھہ اُتھی ادارس منٛز کأم کٔرمٕژ۔ییلہِ یونیورسٹی منٛزٕ ریٹایر سپدی تہٕ دوبارٕ کٔرکھ اُتھی ادارس منٛز کأم۔

ییلہِ ڈاکٹر گریوال ہنٛز تقرری یونیورسٹی منٛز دھرم تہٕ ادبس متلق شوبس منٛز سپٕز تہٕ وارِیاہ کتھ آیہ کرنہٕ۔شایدٕ اوکھٕ زِ تم اُسی پلو پوشاکھ لاگنس لسنس بسنس تہٕ وۄہارس منٛز پٔنٕن اَکھ الگ انداز تھوان۔ تِنہٕ پٔتھ اُسی سفید کھٔدرٕ ہُند کُرتہٕ پأجامہٕ،کلس دستار تہٕ کھورن چپنٕز لاگان۔ وٕنٛدس اُسی کھٔدرٕ ہُند واسکٹ لاگان۔ ژادر ہیٚوٗ شال وَلان۔ تِہندِ کتھ کرنک انداز اوس الگ۔ تم اُسی زورٕ زورٕ

اَسان ۔ کتھ گَران گَران أسی اکثر دۄیمہِ ہنٛزٕ رٹان یا کمرس اتھ لاگان ۔ گرس
منٛز تہٕ أسی سیٹھ دساد پأٹھی روزان ۔

کتھ ہیکہٕ ہن تم گُنہٕ تہٕ موضوع ہس پیٹھ گٔرتھ ۔ دھرم تہٕ ادبہٕ پیٹھ أزی کِس
فشینَس تام ۔ تم أسی یونیورسٹی کیمپس منٛز روزان تہٕ جان جان لۄکن أسی گرٕ
بُلاوان ۔ تم أسی دوٚن کمرن ہندِس فلیٹس منٛز کُنی زٕنی روزان ۔ گرس منٛز گرسی جوراہ
تارٕ ۔ رننہٕ پاکہٕ نہٕ باپتھ أسکھ اَکھ کورِ رہنا تھوٚمٕژ یوسہ صُبحہٕ شام کأم کوٚٹ اُس
کران ۔ییلہِ کانہہ پۄژھ ییہِ ہے تسنٛدِ باپتھ اُس چاے بیترِ بناوان ۔

دۄہہ کھوتہٕ دۄہہ یۄتاہ یۄتاہ تہنٛد بن یارن دوستن ہُنٛد دأیرٕ بڑان گوتیوٚتاہ
تیوٚتاہ بڑے یہِ تہنٛدِ ی دُشمن تہِ تہنٛد بن یارن ستی ۔ یمن منٛز أسی زٕ تم سنٛگی پرٛوفیسر
تہِ شأمِل یم پَنہٕ نِین پَنہٕ نِین مضمونن ہنٛدی ماہر أسی ۔ تمن اُس نہٕ ییہِ کانٛسہِ ستی
بنان ۔لۄکھ أسی حأران زِ تم دۄشوے کتھٕ پأٹھی آیہِ ڈاکٹر گریوالس نزدیکھ ۔

ڈاکٹر گریوالس منٛز کیاہ اوس تیُتھ زِ تم أسی جلد دوس تہِ بناوان تہٕ دوستن
ستی ستی دُشمن تہِ ۔ یہِ راز اوس نہٕ کأنٛسہِ تہٕ فِکرِ تران ۔ اَکھ کتھ اُس ضرورٕ زِ تم أسی
وبد وانن یزتھ تہِ گران تہٕ وَڈِھ وأنٛجہِ تأریف تہِ ۔

یۄنیورسٹی منٛز روزِنس دوران رؤدی تم پَنُن تحقیقی عمل جأری تھٲوِتھ ۔ تہنٛز واریاہ
کِتابہٕ تہِ سپزٕ چھاپ ۔ تہنٛزِ لیکھن کامہِ پیٹھ أسی کینٛہہ لۄکھ ناراض تہِ تم أسی تہنٛدی گٹر نقاد ۔

مےٚ ہتی اوس نہٕ تِہُند وۄتھُن بہُن۔ ییلہِ تہٕ تم زانٛہہ سمکھِہن تیلہِ اۜسی موحبتہٕ سانۍ سمکھان۔ تِہنٛدِس پنہٕ نِس پریوارس مُتلِق اوس صرف یہِ مولوٗم زِ تِمن چھُ اَکھ نیچُو وِلایتس مَنٛز تہٕ تِہنٛز آشنی چھےٚ گامس مَنٛز روزان۔ اَکہِ دۄہہ پییہِ بیمار۔ تم پییہِ ہسپتال نِنۍ تہٕ تِہنٛزِ آشنی تہِ روٗز ہسپتالس منٛزے تَس ہتی۔ ییلہِ تم ٹھیک سپدۍ پتہٕ روٗدۍ تم بییہِ گُنۍ ژٲنۍ۔

اَتھ تعزیتی مُجلسہِ مَنٛز اۜسی سٮ۪ٹھاہ لوٗکھ آمتی۔ ڈاکٹر گریوالہٕ سُنٛد اَکھ بۄڈ فوٹو اوس ٹیبلس پٮ۪ٹھ بَرٛ وَنٛتھِ کٔرِتھ۔ تتھ پٮ۪ٹھ اۜس اَکھ پوشہٕ مال ترٛاونہٕ آمٕژ۔ کیٛرتن تہٕ پاٹھ سپُد۔ تِہُند رُت کانچھن والیوٚ کٔری تقریر۔ تِمن ہِندِ سپدۍ سخ تٲریف۔ کٲنٛسہِ کھور تِمن سنت سُنٛد القاب تہٕ کٲنٛسہِ وۄن تِمن سادھو، کٲنٛسہِ وۄن تِمن دھرم ادیٚک بۄڈ وِدوان تہٕ کٲنٛسہِ وۄن تِمن انسانٛیتُک بۄڈ فرِشتہٕ۔ تِمن آیہِ باگہِ برٛژ شرٛدھانجلی ارپن کرنہٕ۔ شرٛدھانجلی پیش کرن والین مَنٛز اۜسی تم سٲتھی تہِ شامِل یِمو زِنٛدِ ژُوس یِمن صرِف نوکتہٕ چینی کٔرمٕژ اۜس۔

بہٕ اوسُس سوٗنچان زِ اگر تم یتھی تٲریف پننو کنو بوزٕہن تم ترٛاوِہن ٹھہہ ٹھہہ کٔرِتھ اُسن۔ تعزیتی مجلس سپٕز اَرداسس ہتی ختم تہٕ لوٗکھ ؤتھی تھۄدتہٕ دژاپہِ شامِیانہٕ مَنٛز نیبر۔ نیبرٕ نیرنہٕ برٛونٛتھ اۜسی تم ڈاکٹر گریوال ہِندِس فوٹوس برٛ وَنٛتھِ کٔرِتھ گُلی گنٛڈتھ روزان۔ مےٚ تہِ گنٛڈۍ دۄیمبےٚ ہِندۍ پاٹھی گُلی تہٕ روٗدُس فوٹوس برٛونٛتھ کٔرِتھ استادٕ۔

ڈاکٹر گریوال سُند نیچُو تہٕ اوس وِلایتہٕ پیٹھٕ آمُت ۔ سُہ اوس کلس سفید رُمال وٗلتھ دروازس پیٹھ گلی زٕ گنٚڈِتھ ۔ مےٚ تہٕ گنٚڈ ی گلی ۔ مےٚ اوس سُہ گوڈٕ نیچہٕ لٹہٕ وُچھمُت ۔ تَس اوس سفید کُرتہٕ پاٗ جامہٕ لاٗ گتھ ۔ تَس اوس عاٗن تہٕ غاٗن ماٗلی سُندٕ ے انہار ۔ تِمس نکھٕ اَس تسنٚز ماج اَکس کُرسی پیٹھ کلہٕ نۆمرِتھ بِہتھ ۔ تسُند بُتھ اوس سفید ساڑٕ ستیٖ وٗلتھ ۔ سو اَس گلی گنٚڈِتھ بُت ہِش ہُتھ ۔ تسنٚزٕ اَچھ آسہٕ بنٚد ۔ سو اَس نہٕ کانٛسہِ تہِ پرٛزٕناوان ۔



# وَاپسی

گاٗمی گامَس گیہِ کرٛکھ زِ رحمان چھُ پنٛجابہٕ پٮ۪ٹھٕ واپس آمُت۔ وُچھان وُچھان گیہِ عزیز میرٕنس آنگنس منٛزلۄکی کٔھو بڑٕ جماہ۔ بچہٕ ٹُل چُری گیٛش۔ رحمانٕنۍ مأج ساجہِ اُس سمے متنٛن شُرٮ۪ن شیرٮ۪ن، بادام کھۄرٕ رتہٕ جلگوزٕ بأگران۔ بڑٕ اُسی گَرٕم گَرٕم قہوٕ چوان۔ رحمان اوس اَکہِ اَکہِ سارِنٕے ستۍ ڈٔسی بۄسی تہٕ نالہٕ مُتی کَران۔ گاٗمکۍ زِٹھۍ اُسی تمِس اٗہی گَران تہٕ پنٛجابس مُتلِق سَوال پرٛژھان۔ سُہ اوس تِہنٛدٮ۪ن سوالن موخصر جَواب دِوان۔ تِہنٛد مول مأج چھِ وۄسہِ آمٕتۍ۔ رحمان اوس دۄیہِ ؤہرِ پَتہٕ گَرٕ آمُت۔ سُہ تہِ یِیلہِ گَرِ کٔھو واریاہ چِھہِ سوزٕ ہَس تہٕ تارٕ دِژٕ ہَس۔

رحمانس اوس سورُے ماحول عٔجیب باسان۔ گرِژلنٕہ وِزِ اوس تمۍ یہِ فأصلہٕ کۆرمُت زِ سُہ یِیہِ نہٕ توٚت تام گرِ واپس یوٚت تام نہٕ سُہ نٔسیمس ستۍ کھانٛدر کَرنس قأبِل بَنہِ۔ گلزار اوس نہٕ پَنہٕ نہِ کورِ اُمس ستۍ توٚت تام کھانٛدر کرُن یژٕھان یوٚت تام نہٕ سُہ جان پَہن نوکری گَرِ ہے۔ یِیلہِ نہٕ کٔشیرِ منٛزٕ تَس واریاہس کالس نوکری بنے یہِ تہٕ سُہ ژوٚل پنٛجاب۔ گوڈٕ گوڈٕ آیہِ تَس نوکری ژھانٛڈنس منٛزٕ سخ تھوس۔ اَماپۆز پَتہٕ میٛج تَس اَکِس کارخانس منٛزٕ جان نوکری۔

رحمانَس گرِ واپس اَنہٕ باپتھ کھنیہِ عزیز میرن کھونہٕ وٹہٕ کھوڑ۔ اَماپوٚز ژھِچھ
تہٕ شیٚچھ وأتتھ تہٕ رٲدسہ مأل ہٕندِس ونُنس ہٕیون کلہٕ دِوان۔ ووٚنی اُس عزیز میرن
تَس تارسوٚز ہٕز زِسہ تُرِن واپس گرِ تِکیاز تسنز مأج چھےٚ وتھرِنس لارہٕمٕژ۔
تاروأتی تھےووت رحمان واپس۔
گرِ وأتھتِے ننبوٚ تَس زِ ژَ کہِ اُسنہٕ تَس مأج بیمار کینٛہہ۔ یہِ اوس صرف تَس گرِ
اَنہٕ ناوُنہٕ باپتھ اَکھ ژَھل۔ رحمان سپُد سبٹھاہ مویوٚس۔
شام سپُد۔ گاٚہکی سأری انگ اُشناو تہٕ حق ہمسایہِ دژ ایہِ پٔنُن پٔنُن گرِ
واپس۔ رحمان تہِ اوس اُتھی پژ اران۔ سُہ اوس ماجہِ نسیمس مُتلِق پرٛژھُن یژھان
مگر ہمتھ اُسس نہٕ پیٚوان۔ مأل ماجہِ تہِ اوسُس نہٕ اَتھ مُتلِق کینٛہہ ووٚنمت۔
رحمان بیوٚٹھ پَنہٕ نِس مألِس ماجہِ ستی بتہٕ کھیٚنہِ۔ مأج اُسس بژ وٛنہہ گنہِ
ہِتھ کمولوٚلہٕ چشموٚ وٚچھان۔ گَتھ گَتھ پتھ اُسس بَلایہ لگان۔
بَتہٕ کھیتھ نیوٚ سُہ ماجہِ پَنہٕ نِس کُٹھس منٛز۔ کمرُک دَرواز مُژ رِتھ گوٚ سُہ
حأران۔ بژ وٛنٛھہ گنہِ اُس نسیم۔ تَس وُچھِتھ گوٚ سُہ گُمہٕ شری۔ سُہ پیوٚ اَسمانہٕ زِ نسیمہٕ
اُس تتہِ ژھوپہ دوپہ گرِتھ۔ نسیمس آیہ اُشہ ٹأری۔ رحمانہٕ ماجہِ رٔٹ سوٚ وٚچھس ستی
تہٕ کَرناوُن ژھوپہ۔ رحمان گوٚ بییہ ترٛن تہٕ ترٛ وہَن منٛز۔ ماجہِ ووٚننس۔ "پوترا!۔ یہِ
کیاہ سأچھُ اَسہِ نِش چون اَمانتھ۔ اَہندی مألی چھےٚ یہ اَسہِ حَوالہِ گرِمٕژ"۔

رحمان آو بیٚیہِ دولابس مَنٛز ہہنہٕ۔ تَس باسیوٚ یہِ سورُے زَنتہٕ اَکھ سوٚپُن۔

رحمانَنہِ ماجہِ ووٚن۔

"گُلزار گوٚ پٔتِمہِ ہفتہٕ رحمتِ حق۔ تسٕنٛز اٰخری خاہِش اٰس زِ نسیمُن اَتھ گرِژھ چاٲنس اَتھس مَنٛز دِنہٕ یُن۔ تسٕنٛز حالتھ وُچھتھ دِژ اٰیہِ اَسہِ ژٕرے تار۔ اٰسۍ اٰسۍ زانان زِ یہِ بوٗ زِتھ یکھنہٕ ژٕ سہٕل سہٕل۔ اَوٕ موجوٗب پیٚیہِ اَسہِ اپٕز تار دِنۍ۔ مگر افسوٗس چانہِ یور واتنہٕ برٛونٛہہ گوٚ سُہ بیٚیمہِ عالمہٕ۔ مَرنہٕ برٛونٛہہ کٔرٕمٕژ اَسہِ نسیمہٕ حَوالہٕ"۔

نسیمہٕ اٰس لوتہِ لوتہِ وَدان۔ رحمانس تہٕ آیہِ اَشہِ ہٕکہٕ۔ سُہ اوس ماجہِ نِش پَتھر بِہتھ۔ تَس اوس نہٕ فِکرِ تَران زِ سُہ کتھٕ کٔنۍ گرناوِ نسیمس ژھوپہٕ۔



# دَکہٕ

گرِیش اوس پننہٕ نںن ہمسفرن پنُن داستان بوزِناوان ۔ تمےٚ گٔتھ ۔ سُہ کیاہ چھُ گران ۔ گتہِ پتھ چھُ سُہ پورٹ بلُیرس منٛز تہٕ تَس کیاہ چھُ پسند ۔ نیوی منٛز نوکری گرنہٕ کنٛز چھِ تہندی تولقات واریاہَن مختلِف زبانہٕ بولن والین ستی رۄدی متی ۔ اَوے چھُ سُہ واریاہَن زبانٔین منٛز گیوٚتھ ہبکان ۔ تَس چھُ سیتاروایَن تہِ تگان ۔ اَمی ستٛز نوٚہر شمٛو مہرنٛز شوٚیتا اَمِس نکھہ گرسی پیٹھ یتھ تنگ ہش گاٚمٕژ ۔ سوأس پھیری پھیری گرِیشُن توجہہ پانس کُن پھرِنچ کوٗشِش گران ۔ منٛزی منٛزی اُس سو پنُن گلہٕ گرِیش ستہٕ بن پھیکِن پیٹھ تھوان ۔ اَماپوٚز گرِیشس اوس نہٕ امیک کانٛہہ تہِ اثر گژھان ۔ سُہ اوس پننہٕ نی دزاڑِ لوکھ دِوان زِیلہِ تہِ تَس فُرصَتھ میلان چھےٚ تہٕ سُہ چھُ گیوان ۔ کھاندرَ سپدنہٕ پتے ہیوٚ تَس شُینٛز رتِن منٛز ترٛن جاین گژھُن ۔ گلکتہِ ، چناپی تہٕ پورٹ بلُیر ۔ شوٚیتایہِ ہنٛز بے قرٲری گیہٕ نہٕ مےٚ بَرداش ۔ مےٚ پرٛژھُس منٛزی ۔

"کیاہ سأ چانٛی آشینٛز تہِ چھا گیوان"۔

شوٚیتایہِ کٔڑیہٕ بوٗزِتھ ووٚٹھ ہش ۔ گرِیشن ووٚن ۔

"اُمِس چھُ گھوٗنٛگ شوق ۔ یہِ چھےٚ باتھ روٗم سِنگر ۔ آ۔ گرس منٛز چھےٚ میأنِس گھونِس تہٕ وایِنس منٛز دلچسپی تھوان"۔

یہِ بوٗزِتھ پھیوٗ رشویتایہِ ہندِس بُتھس بیٚیہِ تہٕ بیٚاکھے رنٛگ ۔ بور گرٕ ہِتھ دِژن گرِیش سِندِس اَتھس مُرن ہش ۔ گرِیش اوس پنٕہ نبن کتھن منٛز مست ۔

جوالی بواے زُوِس پیٹھ رُکیو و بوٹ ۔ اَسی تریٚشوے اَسی بیٚین کینٛژن لۄکن سٟتی بٔتھس کُن لوکٹِس بوٹس منٛز یِوان ۔ لوکٹس بوٹس منٛز یم شیشہِ لگِتھ اَسی تمو کنٕ اوس سمندرُک پوٚنی چمکہٕ وُن باسان تہٕ بیٚیہ اوس پأنس تل گوٗریل تہٕ رنٛگا بہٕ رٔنٛگی گاڈن ہندِ پکنٛگ منظر وُچھن لایق ۔ شویتایہِ گیہِ وُتاوَل بچہِ سِندی پأٹھی یہِ مأری موٚند منظر وُچھتھ کٔشش ہش پأدِ ۔ تسنٛزن اَچھن منٛز آیہِ اَکھ چمک ہش ۔ سمندرَس تل اوس اَکھ لۄبہٕ وُن رنٛگین نظارٕ واہراونہٕ آمُت ۔ گرِیش تہٕ روٗداز گوڈنیچہِ پھِرِ کینٛژن مِنٹن ژھوپہٕ گرِتھ ۔ بچس نکھے اوس اَتہِ اَکھ پکنِک سپاٹ تہٕ پیٹھی اَتی ۔ شویتا تہٕ گرِیش بیٹھی لوٚب کُن ۔ بتہٕ کھیتھ بیٚلہِ بہٕ شرٛان کرنہٕ باپتھ سمندرس منٛز وۄتھس ۔ گرِیش تہٕ شویتا گٔیم بٔٹھس پیٹھ دژٔھی ۔ گرِیش اوس پأنس منٛز غوطہٕ غوط گران تہٕ شویتا تہٕ اَس بٔٹھس سٟتی سٟتی پانہِ منٛزی پکان ۔ تسنٛد قمیض شلوار اوس اُدریومُت ۔ تَس اوس اَتھس کنبھ اَکھ شیشوٗ جار ۔ یتھ منٛز سو کوریلکی ٹکرٕ تہٕ ہأنٛگنہِ جماہ گران اَس ۔ گرِیشن کوٚر مے آلو ۔

"تلہٕ ساۓ یہِ وُچھوِ مے کیاہ لوٚب؟"

تَس اُس اَتھس مَنٛز اَکھ لوٚکُٹ سِٹار فِش۔ مے ووٚنمس۔

"زِنٛدٕ چھا؟ یَتھ جارس مَنٛز ترٛاوِیوٚن"۔

جارُک گوٚل اوس تنگ۔ شوٚیتایہِ اوٚن دَوِدَوِ اَکھ گلٕی کھوٚل ڈبہٕ۔ سِٹار فِش ترٛاوِن تتھی مَنٛز۔ اَسی روٗدی کوریلکی ٹُکرٕ تہٕ سیپ ہوی چیز پانہٕ مَنٛز سوٚمبروان تہٕ شوٚیتا روٗز تمہ جارس مَنٛز ترٛاوان۔ واپسی پیٹھ پیٹھی تمہ بوٹس مَنٛز مے سِتی۔ گرِیشن لاج نکھے کس تام آسٹریلین ٹیوٗرِسٹ خوتونہِ سِتی دٕنٛدرٕ۔ مے ووٚن وارٕ وارٕ تہٕ اَسوٕنہِ ہونٛجہِ شوٚیتایہ کُن۔

"ژے پیٚیی بَرتھاسُند خاص خیال تھوٗن۔ یم چھِ دوس بناونس مَنٛز طاق"۔

"اَو۔ یمن چھُ یہِ عادَتھ۔ کتھہِ کُتوٗل چھُ۔ مگر کانٛہہ پَرواے چھنہٕ۔ گژھہِ کوٚت"۔ اَتھی مَنٛز ووٚتھ گرِیشنہٕ۔

"وُچھو کوتاہ بروسہٕ چھُ اَمِس مے پیٹھ۔ لو میرتج چھَن ناگرہو۔ کیُتھ لو مرتج؟ توٚہی دوہشوے گَتہِ سمکھیوٗ"۔ مے پرٛژھمَس۔

"اَسی دوشوے اَسی اَکی ہے دَفترس مَنٛز۔ ٹریننگہِ پتہٕ سپٕز میانی پوسٹِنگ مُمبیہِ مَنٛز۔ شوٚیتا اَس میانِس اَفسرس سِٹونو۔ لفٹس مَنٛز کھسان کھسان اَنٛج تمِس اَکہِ دوہہٕ میانہِ تِتھے زیر ہِش۔ سو گیہِ ناراض۔ تمہِ کر میانِس افسرس نِش میانی شکایت۔ میانی باسن ووٚننس۔

" گرِیشن کرِنہٕ یہِ زأنتھ مأنتھ "۔ تَمہِ موٗن نہٕ۔ میٲنی اَفسرن کوٚرمے نِش اِیج ذِکرِ۔ بہٕ ژٕمیوٗس ہیوٗ۔ سوچُھم۔ اَچھا مأفی منگوٗس۔ شوٗپتا ییٚلہِ مےٚ دوٚیمہِ دوہہٕ وُچھ تہٕ ووٚنمس۔

"مأفی دِیوٗ۔ توٚہہِ چھےٚ غلط فہمی گمٕژ۔ تَمہِ ووٚن نہٕ کَنِہی۔ وار یاہَن دوہن تژ اَواَسہِ اَکھا کَس ہتی گتھے کرٕنی۔ اَکہِ دوہہٕ سَمکھییہِ تسنز بڈ بیٚنہِ تہٕ شوٗپتا مے بازرس منٛز۔ مےٚ ہیٚرٕ ووپوٚت کھوری اورٕ یورژٲلُن۔ مگر شوٗپتایہِ کوٚر نم آلو تہٕ گرٕنم پَنٕہ نہٕ بجہِ بیٚنہِ ہتی زان۔ پَتہٕ اَسی اَسی دوہدِش سمکھان تہٕ ہتی ہتی پھیران تھوران۔ اَکس وٗری یس اَنٛد رسپُد سوٗن کھانٛد رَتہِ۔ گرِیشن واتناوُکتھ اَنٛد تہٕ ووٚنُن۔

"اَچھا یہِ وَنتم ژٕ ےدِژا تھاأمس زأنتھ مأنتھ دَکہٕ؟"۔

مےٚ پُرٕژھمَس۔

"آ۔ دَکہٕ اوس مےٚ ضوٚروٗر دیتمُت۔ مے اوس نہٕ پَے زاتھ زیٹھِ لگرِ ہُنٛدکَن"۔

" کتھ کتہِ زیٹھییہِ؟" شوٗپتاوٗژھ منٛزی۔ کتھ زیٹھِ تیٚلہِ ییٚلہِ ووٚنی دَکہٕ دِکھ۔ اَسہِ تژ یٚشوٗنی گیہِ نیلہٕ اَسی اَسی۔ بوٗٹ ووت واپس وَدوٗر۔ شےٚ آسہٕ بجیٚمٕژ۔

اَنہِ گوٚٹ اوس سپُد مُت۔ مےٚ ہیوٗت دوشوٗنی روھتھ۔ دوشوٕ ے گرمے ہتی سر کیٹ ہاوس واتنج کتھ۔



# ژھرَبرَ

بسہِ منٛزٕ بوٗن وٕستھ اوس سُہ پَٔنُن بیگ ہتھ پأدلی پکان۔ سُہ اوس پننہٕ نِنِنہٕ حأری ثاتَن تہٕ پٔتی کنٛز گیہِ آواز۔ پَتھ کُن دِژِن نظرتہٕ اَکھ سفید ماروتی رُکے یہِ نِگھے۔ کارِ منٛز اَس شیلجا۔ کارِ ہُنٛد شیٖشہِ بوٗن وألِتھ کوٚر شیلجاہہِ نمسکار۔ کارِ ہُنٛد درَوازٕ مُژٕ رِتھ ووٚنُن اَنٛدرا اَژنہٕ باپتھ۔ سُہ بیوٚٹھ شیلجاہہِ ستی سیٖٹس پیٹھ۔

"کوٚت چھُوٕ گژھُن؟" شیلجاہہِ پُرٛژھنس۔ سوال اوس غأر ضروٗری۔ تمِس آسہِ ہےوارٕ پأٹھی فِکرِ توٗرمُت زِ تس کوٚت آسہِ گژھُن۔ توتہِ ووٚننس۔

"بس پننہٕ نِس پرٛأنِس دَفترس تام۔"

"کُنہِ سرکأری کامہِ باپتھ آسِو آمتی؟"

"آ۔ اَکھ سیمینار چھُ۔ خأر۔ توٚہی وُنِو وارَے چھِوا؟"

"گرٕ پیوٗ تہٕ وَنوٕ۔" تمہِ ووٚن اَسان اَسان۔

"توٚہی چھِوٕ سبٹھاہ خوش باسان۔ ڈاکٹر صأب چھا وارَے؟"

"ٹھیک چھِ۔ پننہٕ نہِ کامہِ منٛز پرٛتھ دُہکی پأٹھی آورٕی۔"

یٖتِس منٛزٕ آو دفتر۔ تمی پرٛژھنس۔

"کتھ گیٹس پیٹھ ترٛ اووٕ؟"

"مےٚ ترٛ آوِ ویٖتی ۔ بہٕ گژھ پیدل ۔"

"نہٕ تہٕ ہیکہِ نہٕ بنٕتھ ۔ بہٕ ترٛ اوٕ توٚہی گیٹس نِش ۔"

"اچھا ۔ سبٹھاہ شُکریہٕ ۔"

"کتھ پیٹھ؟" شیلجایہٕ پرٛژھنس ۔

"مےٚ وار یہو ؤری یو پَتہٕ پرٛزِناونس پیٹھ ۔"

"دُنہٕ چھُ میٚون یادٕ وۄترسأدٕ روار ۔ یادچھوٕ ۔ اکہِ دوہہٕ بیٚنہأو واٚس توٚہہِ دُپہرچہِ تاپہٕ ژٔنجہِ منٛز پَنہٕ نِس سکوٗٹرس پیٹھ یونیورسِٹی پیٹھ گرٕتام ۔"

"اوٚہ! کیٛاہ توٚہہِ چھاوُنہٕ تہٕ یاد؟"

"کیٛا زِنہٕ ۔"

"تیٚلہِ آسوٕ توٚہہِ تتہٕ یادزِ سکوٗٹرس پیٹھ بہتھ کیٛاہ وَنیوٕ توٚہہِ؟"

"نہَ ۔۔۔ کیٛاہ اوسُم وۄنمُت؟"

"پأدِ وژنس" ۔ تشُند کلامہٕ اوس اصرارٕ بوٚرُت ۔

"توٚہہِ اوسوٕ میٛأنِس پنجأبیس مُتلِق وۄنمُت ۔" رمیشن وۄننس سنکوٗژ سان ۔

"آ ۔ مےٚ چھُ یادزِ ژٕ چھکھ صاف پنجأبی بولان ۔ یی نا ۔

وونی رُؤدی وٕ ے نہٕ توٚہی پیٚتکی ۔ خأر ۔ سون گرٕ گر ییو؟"

"وُچھو۔ کَر پیہِ فُرصَتھ؟ کاڈی کیتھ چھم واپس گوھُن۔"

"بہٕ یِموٚ وتوہہِ شامن پأنٛژن بجہٕ ننہٕ۔"

شیلجایہِ ہِندِس حُکمہٕ کِس لہجس بڑ وٚتھہ گنہِ چلیوٚ ونہٕ تس کینٛہہ۔ تمۍ وٚنُس۔

"یتھٕ پأٹھی حُکم آسہِ۔"

شیلجایہِ تژ وواُسن تہٕ پھِرِن پننی کار۔

رَمیشن کُراتھ کہِ اِشارٕ سۍتی سوالوداع تہٕ دژاو۔

شیلجا کوٚاہ چھے بدلیمٕژ! ییلہِ تسُند کھاندر کُمارس سۍتی سپُد۔ تمن دوٚہَن

کأژاہ مَنٛدِ چھونٛ أس سو! سوٚ أس کمہِ تام قصبکہِ غریب گرٕچ۔ ایم۔اے کرنہٕ

پتے أس کتھ تام پرٛایویٹ کالجس منٛز لکچرار لٔج ہمٕژ۔ ڈاکٹر کُمارس أس گوڈٕنچ

زنانہ مۆژمٕژ۔ تس أسۍ زٕ بچہٕ۔ شیلجایہ پالہ نأوۍ یم بچہٕ۔ سو أس تہُند سبٹھاہ خیال

تھوان۔ تس أس یہ اَکھ بڈٕ ذِمہٕ وأری۔ ڈاکٹر کُمار تہٕ شیلجا أسۍ اکثر سأل کران

گران نظرِ گوٚھان۔ شیلجایہِ اوس نوٚبن وأقف کارن سۍتی بولُن چالُن ہیوٚتمت۔

أتھۍ دوران سپُد رمیشہِ تبدیل۔ ڈاکٹر کُمار گوٚ رٹائیر۔ پی۔ ایچ۔ڈی

کرنہٕ پتے لٔج شیلجا اَمی شہرٕ کِس أکِس سرکأری کالجس منٛز نوکری۔ تمۍ ہندۍ

دوٚشوے نیچوِ ی تہٕ لگی نوکری۔ دوٚشونٛ سپُد کھاندر۔ اَکھ لٔڈکہ چھُ أتی پنٛنہِ ہوورِ

روزان تہٕ بیا کھ کتھ تانۍ دوٚیمس شہرس منٛز۔

ڈاکٹر کُمار تہٕ شیلجایہ ہِندِ گرٕلوٚگ رمیشس کینٛژن نوٚبن گتھن ہُند پے۔

ڈاکٹر کُمار ہنز کِتابہ چھےٚ پیاپےَ چھپے مٕژ۔ تِمن چھِ ز ترٛے تھٔدی ینامہٕ تہٕ میلِتھ متی۔ شیلجایہِ تہٕ چھےٚ ز کِتابہٕ چھپے مٕژ۔

کھین چَن گرِتھ رٔودی تِم واریاہَس کالس پانہٕ وٲنی کتھہٕ کران۔ ڈاکٹر کُمارن وۆننس باڈ باڈ گران۔

" اَسہِ چھُ دَین سورُے دیتُ مُت۔ شُری چھِ پَنہٕ نبن کوٚٹھن پیٹھ اِستادٕ۔ آزاد چھِ۔ مےٚ چھےٚ واریاہ کامہِ۔ بہٕ چھُس تِمنٕے منٛز آوُر۔ شیلجایہِ چھےٚ سرکٲری نوکری۔ تس چھےٚ ز کِتابہٕ چھپے مٕژ۔ تَمہِ چھُ واریاہ ناو کموومُت۔ پتی مِلن دوہَن تو رُس أکس کِتابہ ینامہٕ تہٕ۔"

رمیشن کوٚر شیلجایہِ مُبارک۔ تورٕ ترٛٲوِس تَمہِ اَسنہنا۔ أتھی دوران وۆن رمیشن شیلجایہِ۔

"توہہِ چھِوٕ اعزاض میلان، اَتھ پیٹھ چھُس بہٕ خوش۔ تُہنٛز کِتابہٕ چھےٚ چھپان تہٕ یِمن پیٹھ چھِوٕ توہہِ ینامہٕ تہٕ ترٛان۔۔۔"

" آ۔ ژھربرپرُوٚنک چھُ یہِ جان وصیلہٕ۔"

یہِ وَنان وَنان پھیرٕ گی ہِندِس سوٕنس بتھس پیٹھ مویٚوٚسی ہش۔

شیلجایہِ ہٕنٛدی یِم لفظ بوٗزِتھ وٕژھہ رمیشس تھَرٕ ہش۔۔۔

أتھی دَوران آو ڈاکٹر کُمار اَکھ میڈل تہٕ سرٹیفکیٹ ہیتھ۔

"یہِ وُچھِو۔ شیلجایہِ ہُنٛد ینامہٕ۔



# نوکری

کالجس منز وُچھون سُہ ۔ پریشان حال روے، لوٗ ژ آواز، رُمَس رُمَس منز صرِف ناوومیدی ۔ تمِی چھُ یَرادِ کوٗ رمُت زِ سُہ گرِ نہٕ موموٗلہٕ کھوتہٕ زیادٕ کاَم ۔ تمِس چھُ اَکھ مقصد ۔ جماژ منز گوٗھُن (وقتس پیٹھ نہٕ زِیٕہے) مقررٕ سبق پرناوُن ۔ اور چوٗ یورچوٗ گتھو نشہِ پرہیز کرُن ۔۔۔۔۔۔ شاگرِدن چھےٚ نہٕ تسُنز کانٛہہ تہِ شکایت ۔ سُہ چھنہٕ صرِف ژیرِی جماژ منز گوٗھان ۔ البتہٕ چھُ جلدٕے کلاس تراوان ۔ دَفترس منز چھنہٕ بُلاونہٕ وَرأے پرنسپلس سمکھان تہٕ نہٕ باقےٚ پرٛوفیسرن یا کاَم کرن والین مُلاۂ زِمن ۔

آ ۔ییلہِ تہِ موقہٕ میلبس تہٕ پنٛنی کامہِ ہَن گرِتھ چھُ اَدارٕ منز سُہ ژلان ۔ وَقتہٕ برٛونٛٹھے دَفترٕ پیٹھٕ نیرنہٕ باپتھ نہٕ چھُ سُہ کانٛسہِ اِجازت ہوان تہٕ نہٕ کانٛسہِ نیرنٕچ خبر تھوان ۔ اَفسر چھِ یہِ زانِتھ تہِ زَن تہِ انٛز اَنی ہوی لاگان ۔ واریاہس لٕکہِ چھُ یمن امہِ باپتھ اَپٕز تہِ وَنُن ہوان ۔

تمِس چھُ بیا کھ بُتھ تہِ ۔ سبٹھے اَلگ ۔ یہِ بُتھ چھُ دَفترٕ نمبر یم ۔ سُہ چھُ پننہِ نہِ آشینٛہٕ ہندِس کارٕ بارس منز تَس اَتھٕ روٚٹ گران ۔ اَتھٕ روٚٹ کیاہ! سُہ چھُ گم

کاسہٕ سارِیے کامہِ پائے اَنٛد واتناوان۔ تسنٛز آشینٛز چھےٚ بٔنی بَنٲئلی پلوَ کنان دٕنان۔ تٔمہِ چھِ اتھ واریاہ دَرجہِ تھوٚد متہٕ۔

آرڈرٕ مُطابِق چھےٚ پلوَ سوناوِتھ بازرس فراہم کران۔ اَمہِ کارٕ بارٕ ستہٕ چھس جان آمدنی بَنان۔

کٔمی تانی پرٛژھس۔ "نوکری ترٛاوِتھ کیاز چھِہٕ توہی پٔنٕن سورے وَکھ کارٕ بارس کُن لاگان۔"

تٔمی سُنٛد جواب اوس سیٚود دتہٕ سادٕ۔

"وُچھو سأنے چھےٚ نوکری سرکٲری تہٕ کارٕ بار زنانہِ ہُنٛد۔ بہٕ کیاز ترٛاوٕ سرکٲری نوکری تہٕ کرٕ زنانہِ ہنٛز نوکری۔"



# پڑٲے ژٕتھ

أزی چہِ لٔبہِ اوس أکِس لوکٕٹِس قصبکِس تہٕ أرتِھی مَندرَس منٛز أکی نیٛبرِ ی مہاتماہَن ہوَن گرنو ومُت ۔ دوٗرِ دوٗرِ پیٹھہٕ أسی شرٛدا وان آمٕتی ۔ سأری أسی مہاتماجی سُنٛد درشُن گرنہٕ پتہٕ تَس نِش أہی پڑٲوان۔

مہاتماجیس وُچھتھے کنٛڈ ہیمالہٕ ووٚٹھ ہش ۔ مہاتماجیس اوس سفید مَس تہٕ زٕہٹھ دأر ۔ تَس اوس کھٔدرِ ہُنٛد کرتہٕ پأجامہٕ نألی ۔ تِمَن تہِ پڑٕ زنأ وہیمال وُچھتھے ۔ دوشوِے آسہٕ ہَن اکھأکِس کم کاسہٕ ترٛہہِ وِہرِی سمکھے ہتی ۔ ہیمال ٹھُھر ییہ رَژِ کھنٛڈِ تہٕ پتہٕ پَچھ بڑوتھہ گَن ۔ مہاتماجین تہِ ووٚن نہٕ کٔنہی ۔ ہوٚنکس نُوپڑس پڑارنہٕ وَرأیِی دژ ایہِ ہیمال مَندرٕ پیٹھہٕ گرٕگَن واپس ۔ گرٕ وأتتھ آس نہٕ قرارٕ ے۔

سو أس دُبارٕ مَندر گوٚہتھ تَس وُچھن یِوان ۔ تَس أس خبر اُترِ پڑٕ ژھنٛژ یِوھان ۔ اَماپوٚز تِمہِ کوٚر نہٕ جُرتھے ۔ کینٛہہ تہِ کھنہٕ چِنہٕ روٚستے ترٛأوتِمہِ بسترس پیٹھ لَر ۔ تَس أس نہٕ نینٛدرٕ ے یِوان ۔

ہیتی وٗری کتھ پأٹھی گژ رییہ یِوٗت جلد ۔ سوأس أرداہ وٗری شی ییلہِ تہنٛز بجہِ بینہِ سو مالِنہِ پیٹھہٕ پَتِن وأرِیوٚ نہٕ ۔ تیٛنز ماج أس سبٕتھاہ غرہب ۔ تَس أس

ہیمالہِ ہِنٛدِ کھانٛدر چ سٕنٛز فِکرِ ۔ مگر کانٛہہ جان تان اوٗسس نہٕ پاتھان ۔ ہیمالہِ ہٕنٛزِ
بجہِ بیٚنہِ ژھونٛڈ گوٗپی ناتھ ۔ مگر غریب آسنہٕ سٕبہٕ آونہٕ سُہ ماجہِ پسنٛد ۔ بجہِ بیٚنہِ کوٚر رپنہٕ
نہٕ ماجہِ ہٕنٛزِ مرضی خلاف مجبوٗر گوٗہِتھ ہیمالہِ گوٗپی ناتھس ستی کھانٛدر اَکس منٛدرس
منٛز پوٗشید پاٹھی ۔ اَتھ کھانٛدرس منٛز سپدی گوٗپی ناتھنی کیٚنٛہہ اَشناو تہٕ شامِل ۔

کیٚنٛہہ دوہ گُذریہٕ تہٕ ہیمالہِ ہٕنٛزِ ماجہِ لٔج خبر سورُے زِ مجبوٗری سٕبہٕ ژھوپہٕ
کرِتھ ۔ یہِ گٔتھ پھٔہلیہِ ساریٚسے علاقس منٛز ۔ ژوپاری گٔیہِ کتھ ۔ نگہٕ کِس گامہٕ کِس
اَکس نامی سیٹھ تاراچنٛدس آیہِ نہٕ یہِ گٔتھ پسنٛد ۔ سُہ اوس ناوٕ کُے سماج سیوک ۔ سُہ
اوس نہٕ یژھان زِ تسنٛدِس علاقس منٛز گژھہ یژھ گٔتھ سپدٕنی ۔ اَتھ منٛز اُس اَمہِ سارِی
علاقچ بدنامی ۔ سُہ گو ہیمالہِ ہٕنٛزِ ماجہِ سوکھ مالہِ نِش ۔ سو ہیٚچھناوُن زِ تٔس پزِ تھانس
منٛز رپورٹ لیکھناوُن ۔ سوکھ مال بوٚ ہریہِ نہٕ ۔ تاراچنٛدن کٔر سو تھانس منٛز رپورٹ
کرنس پیٹھ مجبوٗر ۔

بس پتہٕ کیاہ اوس ۔ تاراچنٛدن کٔر باقے کاروائی پانے ۔ پُلسن کٔری نو
مہر ینٛز تہٕ گوٗپی ناتھ گرِفتار ۔ گوٗپی ناتھ آو تھانس منٛز بنٛد کرنہٕ تہٕ ہیمال آیہِ تسنٛزِ ماجہِ
حَوالہِ کرنہٕ ۔ تاراچنٛد روٗد ہیمالہِ ہٕنٛزِ ماجہِ سمکھان ۔ تٔس دیتُن مشورٕ زِ بدنامی نِشہِ
بچنہٕ باپتھ پزِ تٔس ہیمالہِ جلد کھانٛدر کرُن ۔ تاراچنٛدن وٚنُس زِ تٔمۍ چھِ یتہِ سماج سیوک
چھس نہٕ پانہٕ ہیمالہِ ستی کھانٛدر کرنس تیار ۔

تاراچَندس اُس زِ ژورۆری بڑونِہے زنانہٕ موٚمژ۔ تٔمس اُسی تڑے بڈی بُڈی شُری۔ وأنِس اُسس ژتجی پأنٕژ تأجی وٗری۔ سو کھٕ مالہِ کرِیِہ گوڈٕ ژھرٕ بٕہ ژھرٕ ٹھ اَماپوٚز پٔتہٕ سپز رأضی۔ سوأس پنہٕ نہٕ سفید پوٚشی کنٕز تنگ آمژ۔ تَس اوس ہیمالہِ ہنٕدِ باپتھ جان گرٕبک تہٕ تانک تلاش۔ تاراچنٕد اوس اوسوٚدٕ حال۔ اِدٕ۔ وأنِسہِ اوس ہنا ژورُے پہٕن۔ یتھٕ پأٹھی سپُد ہیمالہِ ہُند کھاندر تاراچَندس ستی۔

گوٚپی ناتھ آو تاراچنٕد تہٕ ہیمالہِ ہنٕدِ کھاندر پتہٕ کینٛژٕ دوہی تھانہٕ منٛز تژاونہٕ۔ ہیمال روٗز گرٕ ہستہٕ چَن کامین منٛز آوٕر۔ گوٚپی ناتھس ستی کھاندر اَکھ حأدی شہٕ تہٕ سوٚ پناہ زأنتھ منٛشر ووٗن وارٕ وارٕ۔ تٔمہِ اوس ووٚنی یُتے بوٚ زمت زِ گوٚپی ناتھن کوٚرنہٕ دوٚیم کھاندر۔ سُہ اوس ووٚنی پنہٕ نہٕ گرٕ تہٕ گامہٕ پیٹھٕ کیہے پہٕن اور یور گوھان یِوان۔ تَس اوسنہٕ شاید پنہٕ نہِ کھاندرُک حأدی شہٕ موٚتھمُت۔ کٔر تام اوس یہِ تہِ ووٚنمُت زِ تٔمی اُس پننٛز زمین تہٕ سأرے گروِیتھٕ کِنٛتھ کتھ تام مَندرس دان دِیتمُت۔ پتہٕ اوس سُہ ووٚنی سادھُٔتھ فقط دھرمہٕ کرمہٕ چَن کامین منٛز آوٕ ررُوزان۔

سبٹھاہ کوٚشِش کرٕنہٕ پتہٕ تہِ آیہٕ نہٕ رأتی راتس ہیمالہِ نٔیٛدٕر۔ سوأس گوٚپی ناتھس صرف اَکہِ لٔہِ سمکھُن یِوٕھان۔ ہیمال وٗژھ دوٚیمہِ دوہہٕ صُحٲے نیٛندرِ تہٕ وأژ مَندرس پیٹھ۔ مَندرس نکھے اُس اَکھ دھرمسال تہٕ۔ تٔمہِ وُچھ دھرمسالہٕ ہنٛدِس دَروازس پیٹھ مَندرُک پوٚزأری تہٕ زِ ترٛے نفر اِستادٕ۔ تٔمن وُچھتھ زانہِ دِے کیٛازِ

ہێون ہیمالہِ ہنٛدِس دِلس ٹاسرابے وۄٲنی۔ سو گیہِ پھُٹ ہتھو کوٹھو تمن گُن تہٕ پُرٛژھن پۄٚ زاآرِس۔

"پٔنڈِت جی! کیاہ ڈلیل چھےٚ؟"

"مہاتماجی چھِ گذُر رٕمتی"۔ پٔنڈِت جین دیُتس جواب۔

" مہاتماجی!" ہیمالہِ ژٕج زورٕ کرٕ کھ نیرتھ۔ سو چٕھ بڑٕ وٕنہہ گُن۔ دِلچ دبُرابے ہێرٕنس تیزٕ نی۔ تَس گیہِ گُمہٕ شرٛان۔ سو ہێتھ گٔلی زٕ گنٛڈِتھ گۄپی ناتھنِس شوس نِش۔ تَس اوسنہٕ یہِ فِکرِی تران زِسو کتھٕ کٔنی کرِ پٔنُن مَن شانت۔



# رام کہانی

ٹرین ٲس صُبحِ ساڈِ شیٚیہِ ہنز۔ تتھ اوس اَمی سٹیشنہٕ پیٹھ نیرُن۔ بہٕ بیٚوٹھُس دٕہ پنٛداہ مِنٹ برٛونٹھے ٹرینہِ منٛز۔ اَمہِ پتے آو اَکھ قُلی کاٚفی سامانہِ ہیتھ تہٕ کھوٚت۔ ترٛے اٹیچیہِ تہٕ کیٚنٛہہ ٹھیلہٕ ٲسس۔ قُلی یَن تھوٚو پیٚٹھمِس برٛتھس پیٹھ سامانہٕ۔ اٚمِس پتہٕ کھوٚت کیٚنٛہہ سَوارِ۔ یہِ اوس سِکھ پرِیوار۔ تقریبن شیٚتہٕ وُہر بُڈٕ آولۆر ڈکھہٕ وان تہٕ بیٚوٹھ مےٚ دٕچھنِس کِنی سیٹس پیٹھ۔ تَس سٟتی کھوٚت اَکھ اَڈ وٕرِ نفر، تسنٛز زنان تہٕ بیٚیہ وُہہٕ زِتو وُہہٕ وُہر اَکھ لٔڑکہٕ تہٕ۔ یہِ زنانہٕ بیٹھ مےٚ سیٚدِ سیوٚد دارِ نِش۔ پتہٕ بیٚوٹھ تسُنٛد برتھاتہِ تَس سٟتی۔ تِمی تھوٚو تِکیہِ تہٕ کملہِ ٹھیلہٕ پَنہٕ نِمن شانن پُتی کِنی۔ تِہنٛد جوان لٔڑکہٕ بیٚوٹھ مےٚ تہٕ بُڈِس درمیان۔

بُڈٕ بیٚوٹھ سیٹس پیٹھ ٹھیکھ پاٹھی۔ تِمی تھوٚو پَنٕنی لۆرِ سیٹس پتہٕ گنہِ۔ تِمی موٚنگ تَس اَڈ وٕرِ نفرس (یُس تَس نیچُو آسہِ ہے) کیٛاہ تام چیز۔ اَمہِ پتہٕ دیُت تِمی اَڈ وٕرِ نفرن تَس کرٛہُن ٹھیلہٕ۔ تِمی کوٚڈ کُستام دَواہ تہٕ تھوٚوُن ٹھیلہٕ پانس نِش۔ مےٚ وُچھ وارٕ بُڈِس کُن۔ تسنٛز داٗر تہٕ بُمہٕ آسہٕ چھتیٚمٕژ۔ تِمی اوس سفید کُرتہٕ تہٕ پاجامہٕ لوگمُت۔ بیٚیہ ٲسِس کرٛہنی صدٕری تہِ نالِی۔ دَوالِفافہِ مُرٛاران ٲس تَس اَتھن تھرٕ تھرٕ

ووتھان ۔ تمۍ کڈ ٹھیلہٕ منٛز اَکھ لوٗکٹ پانٛ بوتَل تہٕ ۔ دَواہ پلہٕ کھیٚین تہٕ پیٹھہٕ چیٚنۍ نَس زٕ ترٛےٚ ترٛیشہٕ گلۍ تہٕ ۔ اَڈوٚرٕ سردار جیس ہیوٚتُن کیٛاہتانۍ پرٛژھُن ۔ سُہ روٗد مُزی مُزی تَس آنکار تہٕ نکار کران ۔ دَراصل اوس سُہ پَنہٕ نہٕ زَنانہٕ ستۍ گتھن میٹھیوٚمُت ۔ بُڈ روٗ دتَس بار بار کینٛہہ نَتہٕ کینٛہہ پرٛژھان مگر یہٕ اَڈوٚرٕ سَردارجی اوس گَنہٕ ڈول دِوان ۔ تسٕنٛز زَنانہٕ زَنتہٕ کھنٛی فِکرِ تران ۔ سو اُس پَنہٕ نِس بَرتھاہس اِشارَن منٛز کیٛاہتام وَنان ۔

"اَءخر وَنان کیٛاہ چھُ یہٕ؟" تمۍ سُند بَرتھاوس گتھِ ژھوٹر ۔ بُڈ تہٕ روٗد پانٕسے ستۍ کیٛاہتام کیٛاہتام وَنان ۔

اَتھی منٛز ووت گُستام سٹیشن ۔ بُڈن وُچھ مےٚ کُن تہٕ پرٛژھنم سٹیشنگ ناو ۔ مےٚ ووٚنمس ۔ تمۍ ڈول پَنہٕ نہٕ سفید دارِ اَتھہٕ تہٕ اَسنٛہناتھ اُوِتھ ووٚنُن ۔

"مےٚ چھےٚ یتھ شہرس منٛز واریاہَن ؤریٚن نوکری کرٕمٕژ ۔ بٕ وَنٛہہ گَنہٕ ہِتھ سردار جیس کُن اِشارٕ ہاوِتھ ووٚننم ۔ میٛانۍ تیٚمی لُڑکَن چھُ یتھی شہرس منٛز پوٚرمُت ۔ اَمی سٕنٛز ماجِ اُس گوڈٕے گُذرِمٕژ" ۔

یہٕ وُنتھ ہیوٚت تمۍ پَنہٕ نِس نیٚچوِس کیٛاہتام ہیٚیہٕ وَنُن ۔ مگر تمۍ دیُتُس نہٕ کانٛہہ دیان ۔ بُڈن کڈ ٹھیلہٕ منٛز ہیٚیہٕ پانٛ بوتَل تہٕ نٹہٕ لداَتھو چون ہیٚیہٕ اَکھ ترٛیشہٕ گوٚل ۔ تمۍ ووٚن ہیٚیہٕ ۔ "مےٚ اوس اَکُے لُڑکہٕ ۔ سُہ کوٚرُم کانونٹ سکوٗلس منٛز درٕج ۔ سکوٗل

اوس جان۔ اوَے گرٕنأونہٕ مےٚ پٔنٕز تبدیلی۔ ترقی میلنہٕ پتہٕ تہٕ گوس نہٕ بہٕ بێیس شہرس منٛز۔ أمِس لوٚگ نہٕ ہائ سکوٗل پاس کرنہٕ پتہٕ پڑایہِ کُن دِل۔ پتہٕ لوٚگ کارٕ بار کرنہِ۔ کھانٛدر کوٚرُن۔ یمن تہِ چھُ کُنۍ نێچو۔ (بڑونٛہہ کنہِ کِس سیٹس پٹھ ہێتھ لڑکس کُن اِشارٕ کران)۔ یہِ چھُ کالیجس منٛز"۔

خبر سہٕ کیازِ اوس مےٚ پننہٕ نہٕ پرٕیوارٕچ کتھ وَنان۔ بُڈس ہتی کتھٕ کران کیاہ آسن أہنٛدِ پریوارٕکی لۆکھ مےٚ مُتلِق سوٗنچان۔ تمن اوس شاید یہِ ناگوار گوٗھان۔ مےٚ نیِہ نہٕ زأنتھ مأنتھ دِلچسپی۔ تہٕ مٔنٛزی مٔنٛزی اوسُس شیشہِ مٔنٛزی نێبرٕ کُن وُچھان۔

تسُنٛدی نێچوی تہِ ووٚن وارٕ وارٕ مےٚ کُن وُچھتھ۔ "یہِ گرٕ وتوہہِ تہِ تنگ۔ أمی سنٛزٕ رام کہانی چھےٚ نہٕ آسأنی سان موکلن واجٕنۍ"۔ مےٚ وُچھ بُڈس کُن۔ سہٕ اوس بڈٕ عارٕ ہێتھ وَنظرو مےٚ کُن وُچھان۔



# کمی

میر ہن ڈژ ایو پیٹھ شامک ساٗرگرِتھ پھیوٚ رسہ چُرچ گیٹس کُن ۔ سہٕ اوس پَنہٕ نِنہٕ خیالن منٛز ہنہٕ آمُت ۔ فُٹ پاتھَس پیٹھ پکان پکان پُرژھنس کمٕی تام لوتہٕ لوتہٕ ۔ "وانٹ اے گرٕل ۔۔۔ گُڈ گرٕل ۔۔۔" تمیٚ وُچھ کھوٚو رکُن ۔ اَکھ سیٚو دساد ضُحاکہٕ نفراہ قمیض پنٹیٹ لاگِتھ ۔ "یم اَسی تمیٚ ہنٛدی لفظ ۔ سہٕ اوس عارٕ ہژ و چشموتس کُن وُچھان ۔ تمیٚ اوس یُتھ ذٔلیل دَلال گوڈنچہ لٹہٕ وُچھمُت ۔ سہٕ گوٚ اتھ گتھٕ پیٹھ حاٗران ۔ اَکھ اَڈ وٲرٕ نفر تیمس بُتھس پریشانٕی ہو کنٕی گوژ گمُو آسہٕ ، سفید مس گرِتھ ، زُو زہتہٕ وَرٲے ۔ تس پزٕ ہے اُمس یژھ گتھ وَنٕی ! خبر تمِس اوسا اُچھن اِنیوٚ وۄتھمُت زِ تمیٚ ہیٚچ ہے نہٕ جوانس تہٕ اَڈ وَرنفرس منٛز فرق گرِتھ ۔

پَنہٕ نہٕ عادتہٕ کنٕی اوس تس یہٕ پوٚر یقین زِ سہٕ چھُنہٕ غلط ۔ تمیٚ چھُ اَکھ صَحیٚ خرپدار پژٕ زِ نو وُمت ۔

خاٗر سہٕ دژاو کانٛہہ جَواب دِنہٕ وَرٲی بڑ وٚنہہ کُن ۔ ہنا بڑ وٚنہہ کُن پکِتھ پوٚت تَظر دِتھ وُچھن نہٕ سہٕ نفر کُنی ۔ تمیٚ تژ وو پھرٕ کھ ہیوٚ ۔

دوٚیمہٕ دوہہٕ شامنس اوس سہٕ ہوٹلہٕ کِس کمرس منٛز تہٕ دروازس

گوس ٹھک ٹھک ۔ تمۍ مٔژ رووٕ دَرواز تہٕ اُکھ ترٛہہ پاْنٛژ ترٛہ وٕرِس زنانہٕ اُس بڑ وٕنٛھ

کَنہٕ کھڑا ۔ تِمَس وُنٛچھتے ترٛ اُوتمہِ زنانہِ اَسنٛہنا ۔

تِمۍ پرُٛژھنس ۔

" کیاہ ڈلیل چھےٛ ؟ ژٕ کوسہٕ چھکھ ؟ "

" بہٕ چھُنس ہوٹلکی مینیجر صاٰبن سوٗزمٕژ " ۔ یِ وَنان وَنان ژایہِ سو درواز اندر ۔

" مگر کیازِ ؟ مےٚ اوس نہٕ کاٰنٛسہِ کینٛہہ وۄنمت " ۔ تِمۍ وۄن گابران گابران ۔

" واہ ! مےٚ چھا پتاہ ! یژھ کتھ چھا وَننہٕ تہِ یوان ۔ ہوٹل وول چھُ پانٛنے

زانان زِ تِمَس کیاہ گژھ ۔ " تمہِ وٕنی یہِ کتھ ترٛاسہٕ کرنہٕ ورٲے اَکِس شاہس

منٛز ۔ تِمۍ وۄن نس نہٕ کیٛنہیں ۔

سہ وۄتھ درواز یلے ترٛ اُوتھ یون ۔ سَوا گت کوٗنٹرس پیٹھ اوس سے اُڈوَرٕ

دَلال ہوٹلہٕ کِس گستام مُلازِمَس ستۍ کتھ کران ۔

تِمۍ پرُٛژھس ۔ " مینیجر کتہِ چھُ ؟ "

" مینیجر ! جناب کیاہ ڈلیل چھےٛ ؟ لڑکی آیہِ ناپسند جناب ؟ "

" بہٕ دڑاس یہِ ہوٹل ترٛ اُوتھ " ۔ تِمۍ وۄن بڈٕ بڈٕ ۔

" اٰخر کیازِ ؟ توٗہۍ اَے چھُو راتھے آمٕتۍ ۔ یتہِ کَمہِ چیزٕچ کمی چھےٛ ؟ "

" کمی چھےٛ نہٕ ۔ بس اَوَے ۔ " تیٚسنٛز آوازِ منٛز اُس تلخی ۔



# وۄنڈٕ باوَتھ

کینٛژ ون دوہنے منٛز اۄسی تم دوشوے اَکھ اَکِس سبٹھاہ نکھہٕ آمِتۍ۔ گوڑٕ نبتھ پَرنہٕ لیکھنچہٕ کٔتھ تہٕ تمہِ پتہٕ اورچہٕ یورچہٕ۔ تم اۄسی نہٕ صِرف پَنہٕ نے اوت کٔتھ گران بلکہِ اۄسی گنٹہٕ وادَن یکجاہ بِہتھ ستۍ ستۍ کأم گران تہٕ سأل گران۔ دوشونی دژمیان اۄس وانسہِ ہنٛز تہٕ فرق۔ آننداوس یوہے پنٛژاہ وُہر تہٕ بیلا ژوٗوُہ وٕرِش۔ دوہہٕ پتھ دوہہٕ رۄزی تم اَکھ اَکِس نکھہٕ یِوان۔ تہنٛزٕ پانہٕ وأنی نزدیکی وُچھتھ ہیٛوٚن دفترس تہٕ ہمسایہِ گری منٛز وُتھہٕ پھسرا ے سپدِنۍ۔ دوشوے بوٚرنہٕ امیک کانہہ تہِ پروایہِ۔ کورَس تہٕ شیٖشہِ ہِنٛدِ بن تولقاتن چھُ اَکھ حد آسان۔ پَزی اۄسی تم دوشوے اَمہِ حدٕ ڈٔلی متۍ۔

آننداوس نہٕ بیلایہِ رۄس الگ رۄزِتھ ہیکان۔ بیلایہِ ہیو بیٚنیس اَکِس ریسرچ سُکالر اُمیشس ستۍ مُمبۓ گوٚمُت۔ بیلا تہٕ اُمیش اۄسی کم کاسہٕ گنی وأنسہِ۔ تم اۄسی اَکھ اَکِس ؤری وادو پیٹھ زانان۔ تم اۄسی کالیج تہٕ یُنیورسٹی منٛز یکوٹہٕ رۄزی متۍ۔ دوشونی اۄس پانہٕ وأنی جان دۄستی۔ یہِ سورُے زأنتھ تہٕ چھنہٕ پےٚ زِ آنندس کیٛازِ کھوٚر یمن دوشونی ہُنٛد سیمنارس منٛز شرکت کرنہِ مُمبۓ گوٚمُت۔ تِکیٛازِ یہِ سیمنار اوس سبٹھاہ

اَہم تہٕ بیلایہ اوس اَتھ منٛز مکالہٕ پرُن ۔ اَوے ہیکیٔ نہٕ تمہِ تمس رُکاوِتھ ۔

بیلایہِ تہٕ اُمیشن نیوٗ سیمنارس منٛز حِصہٕ ۔ پٔنٕنۍ پٔنٕنۍ مکالہِ کٔرِکھ پیش ۔ واپسی پتہٕ گیہِ تم پرٛوفیسر آنٛندس سمکھنہٕ ۔ دوشوٕے کٔر سیمنارس مُتلِق کتھ باتھ ۔ پَنٕنٕن مکالن پتہٕ سپدۍ تِمن تبصرَن مُتلِق کٔرکھ پرٛوفیسر آنٛندس نِشہِ باوتھ ۔ دوشوے اَسۍ سبٹھاہ خوش ۔

شامن یِیلہِ بیلایہِ تہٕ آنٛندس بیٚیہِ مُلاقات سپُد تہٕ آنٛد اوس سبٹھاہ بیتاب باسان ۔ تمۍ وۄن بڈٕ بیتابی سان بیلایہ ۔

" اُمیشس ستی مُمبے گژھنس پتہٕ چھُکھ ژٕ سبٹھاہ خوش ۔ ژٕ آسکھ نہٕ کُنہِ وِزِ پِمُو ۔" بیلایہِ وۄننس کھورٕ ژٕھکرِتھ ۔

" آ ۔ جان رۄد ۔ سیمنارُک انتظام اوس جان ۔ جان وَق گُزرٕ بوتہٕ سأنۍ مکالہٕ تہِ کھُتی بوزَن والین ٹارِ ۔"

" میوٗن غرض چھُنہٕ مکالہٕ وِزِہناوِنۍ ۔ اَتھ سفرس منٛز آسہِ توہہِ دوشوٕے خوٗب لطف تُلمت ۔"

آنٛدٕ سُند پُرمانے اَسُن رۄدنہٕ ووٚنۍ بیلایہِ نِش کھُٹِتھ ۔ تمہِ ژیوٗن زِ آنٛدٕ سٕنٛدِس دِلس منٛز کُس ژوٗر چھُ ۔ تَس اَس نہٕ آنٛدس نِشہِ یہِ وومید ۔ تمہِ ووٚننس سبٹھاہ بُردبأری سان ۔

"اوہو۔۔۔تُہنٛز گتھ اَے ترٕمؠ ووٚنۍ فِکرِ۔ اَکھ گتھ چھُس بہٕ وَنٕنۍ یِژھان زِ نَو جوان دِل چھِ باہِتی لگو نِشہِ سبٹھاہ صاف آسان۔ ساٚنِس دِلن منٛز چھےٚ نہٕ یِژھن ژھوٚژ گتھن رٕژھ کانٛہہ جاے"۔ یہِ وٕنتھ وژ ایہِ دَزان دَزان بیلاپژ وفیسر آنٛنٛدٕ سٕنٛدِ کمرٕ منٛز نبرَ۔



# مَشوٗرِ

پیٹر تہٕ بہٕ اُسی ریلوے سٹیشنکِس بیچنِس پٔتھ بِہتھ گٔتھ تام موضوٗس دَل دِوان۔ اَکھ درمیاٗنی قدُک اڑِ ورِ کمزور نفراہ بیوٗٹھ اَسہِ نکھہٕ۔ اتھس کٔبتھ اوٗسُس اَکھ ٹھیلہٕ۔ بیٚہان بیٚہانے ہیوٗت تٔمۍ پیٹرس کُن وَنُن۔

"توٚہۍ گٔتلِکۍ چھِوٕ؟۔توٚہۍ چھِو ہیٚنٛدی زانان۔"

تسنٛدِ اَسہٕ مٔنٛزٕ اُس شرانٛچ گانٛد یوان۔سُہ اوس دوہلی چھتھ۔

"بہٕ چھُس اَمریکن۔"پیٹرن ووٚنُس۔

"یِم چھِ ہیٚنٛدی علاوٕ مرٕ اُٹھی تہٕ کاشُر تہٕ زانان۔"

مے ووٚن گٔتھ برٕ وٕنہہ پگنا وان پگنا وان۔

"بہٕ چھُس ہیٚنٛدی زانان۔تمِل چھےٚ میاٗنی ماجہِ زبو۔گنٛڈ تہِ چھُس بولان۔"

"توٚہۍ کیاہ چھِوٕ کران؟۔" پیٹرن پرٕژھُس۔

"بہٕ چھُس پرٕوفیسر۔"تٔمۍ دیُت جواب ٹھیلس ساران ساران۔

"پرٕوفیسر!۔باسان چھُم زِ توہہِ چھِوٕ چوٗمت۔"

پیٹرن ووٚنُس حاٗراٗنی سان۔

"آ۔ مےٚ چھُ چۄمُت۔ مےٚ چھےٚ تھیلس مَنٛز تہٕ اَڈ بوتل۔"

"تۄہیٚ کیاز اَوِ یور سٹیشنس پیٹھ شوراب چَتھ۔؟"

"بہٕ چھُس نہٕ چَنہٕ ورأے روٗزِتھ ہیکان۔ بہٕ اوسُس گَس تام دوستَس رۄخصتھ کرنہِ آمُت۔ سُہ دزا اور ژھ گھنٹہ بڑ وۄتھے مدراس۔ اَسہِ کھو ہوٹلس مَنٛز بتہٕ۔"

"تۄہہِ پَزٕ ہے گرے گژھُن۔" مےٚ وۄنمس۔

"گرِ!" تُمیٚ وۄن اَسان اَسان۔ "میأنس گرس مَنٛز چھُ یی کیاہ۔ بہٕ چھُس اکثر گرِ نیبرٕ ے روزان"۔

"گرِ گُس گُس چھُو؟ پیٹرن پرٛژھس۔

"ناوٕ خأطرِ چھےٚ مےٚ زَنان تہٕ اَکھ نیچُو تہِ۔ مگر میأنی زنانہٕ چھےٚ مےٚ ستیٚ ہمیشہ لڑأے کران۔ بہٕ چھُس گرِ کنیٚ تنگ آمُت۔"

"أخرٕ کیاز؟ اَوٕ کنیٚ ہا تۄہیٚ چھُوٕ شرابہٕ چَوان۔" پیٹرن وۄپرٛژھس۔

"بہٕ چھُس گرِ تنگ یِنہٕ موکھے شراب چَوان۔ میأنی زنانہٕ چھےٚ نوکری کران۔ سو چھےٚ نزیٹڈ آفیسر۔ میأنہِ کھوتہٕ چھےٚ نصفے تنخاہ زیاد ان مگر پانس چھےٚ تیس مارخان زانان۔ تُمیٚ چھُ نیچُو تہِ پانس کُنہ پھیرُ مُت۔"

"نیچُو کوتاہ بوڈ چھے؟" مےٚ پرٛژھس۔

"سُہ چھُ دٔہ ؤہر جماعژ پَران۔ پَنٛداہ وُہر چھُ۔"

"کیاہ چون نیچُو چھُ ناماجہ مأجہِ ہنٛزِ لڈایہِ ستیٚ پریشان گژھان؟"

پیٹرن پرٛژھس۔

"سہ اوس بے حد پریشان روزان۔ سہ اوس سانہِ ژوننہٕ ستیٚ سخ ناراض گژھان۔ سہ اوس ودان رِوان۔ مگر وونی چھُ سہ پننہٕ نہِ ماجہِ ہنٛزٕ ے طرفداری گران۔ سہ تہِ چھُنہٕ مےٚ ستیٚ بولان چالان"۔ تمۍ وۅن۔

"مےٚ چھُ باسان تخصیر پچھے ژیٚنے۔ کانٛہہ تہِ زنانہٕ کتھٕ ہیکہِ پننہٕ رنس شرأبی رنس ستیٚ خوش روٗزِتھ۔ اٰخر کیاز چھِوٕنہٕ توٚہۍ شراب چوٚن ترٛاوان۔"

"واریاہہ لٹہِ کرتیم کوٗشِش۔ وونی چھُ یہِ میٚون عادتھ بنیٚومُت۔ بہٕ ہیکہٕ نہٕ امہِ وَرأے روٗزِتھے۔"

"کیٚاہ توٚہہِ کریٚو وایلاج؟۔ مےٚ پرٕژھمس۔

"کینٛہہ وٗری بڑ وٛنہہ کرٕناویوم یلاج۔ شرابہٕ گیوورَژھاگم۔ پتہٕ گوٚ بیٚیہِ عادَتھ۔ دواچھِ سأری بیکار۔ مَنس گژھِ شأنتی آسٕنۍ۔"

"توٚہۍ چھِوٕ ٹھیکھ وَنان۔ توٚہۍ کیازِ چھِوٕنہٕ آشنہِ ستیٚ صلاح گران؟۔"

مےٚ پرٕژھمَس۔ "یہِ مشورٕ دیتُٛتھ واریاہو۔ توٚہۍ تہِ چھِوٕ امۍ کتھٕ۔ مےٚ کرٕ کوٗشِش تہِ، مگر بے سوٗد۔"

"باسان چھُ توٚہہِ ستیٚ کتھ گرنہٕ نیرِ نہٕ کینٛہہ۔ "پیٹرن وۅنُس۔

"بہٕ تہِ کوٚسہٕ گتھ چھُس یژھان کرِنۍ ۔۔۔؟"۔

یہِ وٗنِتھ تُل تمۍ وٗلۍ وٗلۍ ٹھیلہٕ تہٕ دڑاو۔ سہ دڑاو ہنا دوٗر پاٹھن تہٕ بیوٗٹھ بینٛیس اٰکِس بنٛچس پیٹھ ییتہٕ زِنفر گوڈے بِہِتھ اوٚس۔



# وٲرکشاپ

منٛجیتس ووت اَکس تٲلیمی وٲرکشاپس منٛز شاٲمل سپدنہٕ باپتھ دعوتھ۔ چِٹھی وُچھِتھ گوٚو سُہ سبٹھاہ خوش۔ اَمہِ کنٛزنہٕ کیٚنٛہہ زٟتس چھنہٕ یِتھی موقہٕ میلان ٲسی کہِ یہِ دعوت نامہٕ اوس نِرملایہِ ہُنٛد یوسہٕ اَکہِ تٲلیمی اَدارِچ پرٛنسپل آس۔ نِرملایہِ ہُنٛد خط پٔرِتھے زَنتہٕ وٲژھ اَہنٛدِس دِلس منٛز اَکھ خوشی ہٕنٛز لہر۔ سُہ سنو سبٹھاہ۔ نِرملا آس تسنٛز ہَم جمأتی۔ یہِ چھےٚ سوٕے نِرملایس سٟتؠ گتھ گرنہٕ باپتھ سُہ کرٛیشان اوس۔ تیٚمس پیٹھ تمٕی نظمہٕ لیچھ مژ آسہٕ تہٕ یتھ پیٹھ تمٕس پٕرٛھن بیہوٕ دحرکرٛن پیٹھ ڈانٹنہٕ تہِ آمت اوس۔ نِرملایہِ تہِ ووٚننس اَکہِ لٹہِ روب گران گران۔

"کیاہ ژےٚ بَنی نایمو فوٚضوٗل نظمہٕ وَراے کانہہ کاربار اگرُن؟"۔ منٛجیتس لوٚگ یہِ بوٗزِتھ منٛس دَکہٕ ہیوٗ۔

ایم۔اے پاس کرنہٕ پتہٕ گیہِ تہنٛزِ وَتہٕ بیوٚن بیوٚن۔ الگ الگ شہرن منٛز لگی روزنہِ۔ دوشوٕے لٔگی نوکری۔ پنٕنن پنٕنن شہرن منٛز۔

منٛجیتن کرٕ ے یہِ واریاہہِ لٹہِ نِرملایہِ سمکھنٕچ کوٗشش۔ سو روٗزٕ ہون گلہٕ دِوان۔ اَکہِ لٹہِ آو سُہ تسُنٛد گرِتہٕ۔ تمٕی تھوٚ ونس بزونہہ گنہِ پنٕہٕ نہِ کھاندرُک پرٛستاو۔

مگر تمہِ کوٚرنا منظوٗر۔ منجیتس سپُد کھاندر۔ تمۍ سوٗز تمِس پَنہٕ نہِ کھاندرُک سالہٕ کارڈ

تہِ۔ دَرجواب سوٗز تمہِ تَس مُبارکچ تار۔

نِرملا روٗز پَنہٕ نہِ کامہِ منٛز آٮ۪ر۔ نوکری کرنس ستی ستی تھٲو تمہِ تھزٕ تألیم تہِ

جأری۔ تمہِ کُر پی۔ ایچ۔ ڈی ڈگری حأصِل۔

ییٚلہِ اخبارس منٛز یہِ خبر چھپیہِ تہٕ منجیتن سوٗز تَس مُبارکبأدی ہنٛز تار۔ تمہِ

دیُت نہٕ تمِس تمیک جواب۔ ییٚلہِ تسنٛز گوڈنچ کِتاب چھاپ سپٕز، منجیتن سوٗز تَس

اَکھ تأریفو بوٚرُت خط۔ نِرملایہِ سوٗزِس تتھ بدلہٕ اَکھ کاپی پَنہٕ نہِ دستخطٕ۔

ییٚلہِ وٗری وادو پتہٕ نِرملا اَتھ اَدارس منٛز پرٕنسپل بنے یہِ تہٕ منجیت آو پأنٛز

پانہٕ تَس مُبارک دِنہٕ۔

سُہ اوس أکِس نِکِس شہرس منٛز پرٚوفیسر۔ تمۍ کوٚر پَنہٕ نِنِن نظمن ہنٛز سومبرن

نِرملایہ پیش۔ نِرملایہِ ییٚلہِ تمہٕ نظمہٕ پرٕ۔ تتھ منٛز آسہٕ تمہٕ نظمہٕ تہٕ یمہٕ تمۍ سبتھاہ برٕ وٕنٛتھ

لیٚچھ ہٕنٛز آسہٕ۔ تَس لَجہِ یمہٕ نظمہٕ اَز سبتھاہ جان۔

اِز میوٗل وٗری وادو پتہٕ منجیتس نِرملایہِ ہنٛدِ طرفہٕ یہِ سرکأری دعوتی کارڈ۔ یہِ اوس

ورکشاپس منٛز شرکت کرنہٕ خأطرٕ تیار۔ ورکشاپس منٛز اوس کینٛہہ تألیمی مَوادتیار کرُن۔

منجیت آو ورکشاپس منٛز حِصہٕ ہِنہٕ باپتھ۔ سارِوے برٕ وٕنٛتھ آو سُہ نِرملایہِ

سمکھنہٕ تسنٛدِس دَفترس منٛز۔ تمہِ کوٚرنس اَسان اَسان سواگت۔ اَز تہٕ اُس تسنٛزن

ژئشمن منز سو کۄشِش تیچ عکاسی سہ پنہٕ نین نظمن منز گران اوس۔

وٲرکشاپس منز آسی لگ بگ دٕہ پرٛوفیسر شامِل۔ سو اُس ورکشاپچ ڈایریکٹر۔ تمہِ کوٚر وٲرکشاپک مقصد بیان تہٕ سمجاوِن سارِے کام۔ سارِوے ہیوٚر کام کرِنی۔ منجیٖت لوٚگ تنہٕ منہٕ کام کرنہِ۔ سہ اوس اتھ اَدارس منز سارِنے برٛونٹھ واتان تہٕ سارِوے پتہٕ نیران۔ سہ اوس لنچ بریکہِ وِزِ گُنے زوٚن کام گران۔ منجیٖتنہٕ بوٚرُد بٲری وُچھتھ اُس سوحارٲن۔ تمہِ پرٛژھ منجیٖتس کامہِ مُتلِق۔

"کوٚت واتژ کام؟"

"سبٹھاہ جان۔"

"ژٕ چھکھ برٛ سنجیدگی سان کام گران۔"

"آ۔بس ژےٚ ہیی وننہٕ باپتھ زِ شاعری گرنس ستی ستی چھس بہٕ دوٚیمہِ سنجیدٕ کامہِ تہٕ کرِتھ ہیکان"۔ منجیٖتن وۄنی یہِ کتھ لوتہِ لوتہِ نرملایہِ کُن وُچھتھ۔"ژٕ چھکھ برٛ سنجیدگی سان کام گران۔"



# أنیتا

أنیتا اُس لوکچار پیٹھے پَنہٕ نہٕ مرضی ہنٛز مألِک۔ سو اُس کانٛہہ تہٕ پرواے بَرنہٕ وَرأے یہٕ خوش ییہِ ہَیس تہٕ گران۔ مول اوسُس اِنجینر تہٕ مأج کالجس منٛز پَرناوان۔ دیا رَن ہنٛز أسس نہٕ کانٛہہ کمی۔ اَتھہِ اوسُس وۄتھ۔ ییلہِ کالج ژاییہِ تہٕ بڈ ییہِ أمی ہنٛدٕ بن دوستن تہٕ وبسن ہنٛز گرنٛد۔ سو اُس خوبصورت، اَسوٕنی، ملنِسار تہٕ مۆجھ تہٕ حأضِر جَواب۔ گَتھ کرَنک وٕطیرٕ اوسُس دِل مہٕن وول۔ سو اُس پرٛتھ کأنٛسہِ ہُنٛد دِل تھپہٕ نوان۔

بی۔ ایس۔ سی پاس کرنہٕ پتہٕ گییہِ سو أکِس کمپیوٹر کورسَس منٛز دأخل۔ اَتہِ سمکھ تِمِس انیل۔ انیلن اوس چنایہِ ایم۔ سی۔ اے کۆرمُت تہٕ اَتہِ اوس کمپیوٹر کورس پَرناوان۔ انیل اوس یوہے پنٛژ ہہ وُہر ہیوٚ۔ سہٕ اوس اَسہٕ وُن۔ أنیتاییہِ پیٹھ سپُد انیل سنٛز شخصیژ ہُنٛد سخ اَثر۔ تِم دوشوے لگی اَکھ أکِس یژھنہِ۔ کینٛژون دوہن منٛز آیہِ تِم اَکھ أکِس سبٹھاہ نکھہ۔ تِمو ہیوٚت یکوٹہٕ پارٹین منٛز تہٕ گوٚھن۔

اَنیل اوس اَکہِ درمیأنی سِندھی پریوارُک۔ پَنٕہ نِس بِبس ماجہِ ہُنٛد اَکہٕ نُنٛدن۔ سہٕ اوس چِتایہِ ہُنٛد بسکین دَر۔ نوکری کرنہِ اوس بنگلور آمُت۔

یِیلہِ أنِتایہِ پَنہٕ نِس مأئِس ماجہِ نِش اَنِلس ہِتۍ کھانٛدر کَرنُک پرٛستاوتھوٚو
تم پیٚیہِ دُژیتِس منٛز۔ تمو اوس أندری أندری ؤری وادوٚ پیٹھ سُنیٖل پَنُن زامُتر بناوُن
طےکوٚرمُت۔ سُنیٖل اوس أنِتایہِ ہٕنٛدِس ماتامالہ سُنٛد لڑکہٕ۔ سُہ اوس أنِتایہِ دون
ؤری ین زیٛٹھ۔ تم دوشوٕے أسی یِکہٕ وٹہٕ پلیمتی پرٛ تھے ہتی۔ أکی ہے سکوٗلس منٛز
أسی پَران۔ لوکچاراوسُکھ یِکہٕ وِٹہٕ گزٕ ورمُت۔ پانہٕ وأنی أسی رٕہتی۔

دوشوٕنی پَریوارن منٛز أسی سٕنی تہٕ گنٛی سمبنٛد۔ وُنہِ أس نہٕ دونوٕنی پریوارن
درمیان کھانٛدرٕچ رسمی کتھ باتھ سپزٕ ہمٕژ۔ توتہِ أسی دوشوٕے پریواری یَژ ھان۔
سُنیٖلن أس آئی۔ آئی۔ ٹی پیٹھہِ کمپیوٗٹرکس مضموٗنس منٛز انجینٔری ہنٛز ڈِگری
حأصِل کٔرمژ۔ ڈِگری حأصِل کرنہٕ پَتہٕ أس تمِس بنٛگلورٕ أکِس امریکی سافٹ
ویر کمپنی منٛز نوکری بَنے ہمٕژ۔ سُنیٖل اوس سبٹھاہ شریف لڑکہٕ، عقل مٔندتہٕ میحنتی۔

یوٚ دوَے زَن أنِتایہِ سُنیٖلس ہِتۍ جان دوٗستی أس، توٚپَتہٕ تہِ أس نہٕ سوتَس
ہِتۍ کھانٛدر کَرُن یَژ ھانہٕ سُنیٖل اوس أنِتایہِ پیٹھ موٚت گومُت۔ سُہ اوس اَنِتایہِ
اَکھ پوٚز دوس زانان تہٕ تَس ہِتۍ اِکثر صلاح مَشورٕ تہٕ کران۔ أنِتایہِ کُر سُنیٖلس ہِتۍ
اَنِلس مُتلق کتھ۔ اَنِلس ہِتۍ کھانٛدر کَرنچ پَنٕنۍ یَژھ کٔرن ظأہِر۔ سُنیٖلس پھٹ دِل
اَماپوٚز پَنٕنۍ ووٚنٛدٕ باوَتھ کٔرن نہٕ۔ تٔمۍ دیٛت أنِتایہِ دِلاسہ زِ سُہ کرِتَس مَدد۔ أنِتایہِ
ہٕنٛدی مأئی ماجہِ مون نہٕ۔ اَنِل ہٕنٛدِ بن گرِکمِن اوس نہٕ کانٛہہ ایتراض۔ أنِتایہِ تہٕ

اَنلِن کوٚ رکورٹ میرتیج کرنٕک یِراد ۔ اَنل ہِنٛدِ ی کرِ ی آسی نہٕ کورٹ میرتجکہِ حقہٕ ۔
خأرکانٛہہ چاہٕ لوٗ گٕکھ نہٕ ۔ أنیتایہِ تہٕ اَنلس سپزٕ کورٹ میرتیج ۔ أنیتایہِ ہِنٛدِ طرفہٕ اوس
صِرِف اَکھ سُنیل یُیہِ أنل سُند مول مأجٕ ۔

کھانٛدرٕ پتے گیہِ اَنل تہٕ أنیتا ہنی مۆن مناونہٕ باپتھ اوٗ ٹی ۔ تتہٕ پتھ پتہٕ
چلیَے ۔ اَنل ہِنٛدِ پریوارُک اوس اَکھ جایہِ پاوٗرا ۔ یتھ منٛزٕ اَنلنٛی مول مأج تہٕ یُیہ
لوٕکٹ یُینہِ روزان آسی ۔ اَنل نِس مألِس اوس اَکھ لوٗکٹ موٗٹ کارٕ بار ۔ تٔمی
أس صرِف پانٛژن دوہَن چھٹی ہیٚژٕ مٕژ ۔ سُہ روٗد چلیَے منٛزٕ دون دوہَن تہٕ پتہٕ گوٚ
بنٛگلور ۔ أنیتایہِ ہُنٛد ہَش ہیہُر آسی أنیتایہِ کیٚنٛژن دوہَن أتی روٗزِن یِژھان ۔
تِہنٛدِ ی کیٚنٛہہ رِشتہٕ دار آسی نوٚش وُچھنہٕ باپتھ اِنٛدورٕ پتھٕ یِنہٕ وٲلی ۔
أنل ہِنٛدِ بنٛگلور گژھنہٕ پتہٕ گیہِ أنیتا اَتھ گرس منٛزٕ دَم پھُٹی ہِش ۔ سوٚ أس نہٕ
تتہٕ أکِس ژِہس تہٕ روزٕن یِژھان ۔ تٔمہِ وٚزُن فونس پٔتھ أنلس زِ سو ہیکہِ نہٕ اَتہِ
روٗ زِتھ ۔ تٔمی وٚننس زِ سُہ یِیہِ ہفتس کھنٛڈس تام تہٕ نیس پانس سٟتی بنٛگلور ۔ زٕ دوہ
گیہِ تہٕ اَنل ہِنٛدِ ی رِشتہٕ دار آیہِ اِنٛدورٕ پٔتھٕ ۔ یِمن سٟتی أس أنلنٛی مام تہٕ مامنٛزٕ تہٕ ۔
أنیتا أس دوہے فونس پٔتھ اَنلِس سٟتی کتھ کران ۔ تٔمہِ کوٚر سُنیلس تہِ ٹیلیفون ۔ تٔمِس
اوس پَنہٕ نِس مألِس ماجہِ ہُنٛد سخ پھیران ۔ تم آسی أمِس ناراض ۔ تِس باسیوٗ زِ تٔمہِ
کوٚر مألِس ماجہِ ہنٛزٕ مرضی خلاف کھانٛدر کٔرِتھ سخ اَتُر ۔ سو روٗ زدوہَس راتس کُنی ژٔنی

اوٚش تژ اوان۔ تَس اوس نہٕ فِکرِی تران زِ ووٚنی کیاہ کرِ۔ سوٗ اَس ووداٚسی۔ اَنِلس اَس نہٕ تسنٛز اَندرِم دَگ ژٕینٛز تگان۔ سُہ اوس ٹیلیفونس پیٹھ تٔمِس پنٕہٕ نِس ہَشہِ ہیٚہرس ستی اَسان کِنٛداَن دوہ کڈُنک بانٛد بانٛد کران۔

أنیتایہِ اوس تتہِ دوہ کڈُن کوہ باسان۔ تَس سنبوٗ یہِ دَم یُٛتاہ زِ تٔمہِ کوٚر جیرٕ یتھ فأصلہٕ زِ سوٗژلہِ أنٕل سٕنٛدِ واپس پھیرنہٕ برٛونٛہہ اَمہِ گرٕ منٛزٕ۔ تَس گٔے اَمہِ راٗ ژینیہٕ تہٕ نیٚنٛدٕر۔

سوٗ گیہِ صُبحٲے تیار تہٕ ہَشہِ ہیٚہرس ووٚنُن زِ تَس چھُ تٔمہِ تام ضوٚرۄری کامہِ باپتھ بنگلور گژھُن۔ تِمو کریٚوٗ تَس ٹھہرنہٕ باپتھ ڈٲٹھ کیاہ مگر چلیو کھنہٕ۔ سٹیشن واتتھ کرٕ تٔمہِ أنِلس ٹیلیفون کرنٕچ کوٚشِش۔ مگر سُہ اوس نہٕ دَفترس منٛز کینٛہہ۔ أنیتا گیہِ پٔنٕن مالیُن۔ تٕسنٛدی مول مأج پیٚیہِ تَس وُچھِتھ اَسمانہٕ۔ تٔمہِ رُٹی تِم وَدان وَدان نالہٕ مَتہِ۔

شامَن کوٚر تٔمہِ أنِلس فون۔ أنِلس اَس گرِ کیٚو اَمہِ برٛونٛہہ خبر دِژٕمٕژ۔ تَس اَسی سَخ ژکھ کھوٚژمٕژ۔ أنیتایہِ تھوٚو رٕ پسوٗر پتھر تہٕ ہرٛ ن باکہٕ ژھَٹنہِ۔ تَس باسوٕ ژو پاسے اَنہِ گوٚٹے اَنہِ گوٚٹ۔

پٔرٛی اوس سورُے ختم گومُت۔ أنیتایہِ کوٚر پنٕہٕ نِس مألِس ماجہِ ہِشی مشورٕ۔ پھُٹمتہِ دِلہٕ کوٚرُن عدالتس منٛز طلاقُک کیس دَرٕج۔ أنِلن تہٕ کوٚرنہٕ ٹھاک۔ طلاق سپُد۔ أتھی دَوران اوس سُنیل امریکہ گژھنٕچ تیأری کران۔ تَس اَس نیو یارکس

مَنز نوکری میج ہِژ ۔ سُنیل سُند مول مأج اوس تہِندِ امریکہِ گژھنہٕ بژ وَنہہ تَس کھاندر کَرُن یَژھان ۔ أنیتایہِ ہِنٛدِس مألِس ماجہِ آس نہٕ ہِمَتھ زِ تم کرِہَن سُنیلس ہِتی أنیتایہِ ہِنٛدِ رِشتچ کَتھ ۔ سُنیلنٕز مألی ماجہِ تُل دَس ۔ سُنیل سپُد تیار ۔ أنیتامَنہٕ ناؤکھ ۔

أنیتایہِ تہٕ سُنیلُن کھاندر سپُد سیٛوٗد ساد پأٹھی ۔ أنیتا آس نہٕ وُنہِ یورٕ کیمن جامَن منٛز ۔ سُنیلن دیُت تَس دِلاسہٕ ۔۔۔۔ سُنیل گَو کھاندرٕ پتہٕ دویہِ ہفتہٕ امریکہِ ۔ أنیتایہِ اوس ترٛیِیہِ رِتی پتہٕ امریکہِ گژھُن ۔ أنیتایہِ اوس نہٕ وُنہِ تہٕ دِلُک بارلو تیومُت ۔ أکِس مِنٛژس تہِ اَنِل مُشر اوٗن اوس تَس سخ مُشکِل ۔ أتھی دَوران اوس اَنِل بنگلور پیٹھہٕ چٲنِیہِ گومُت ۔ تَس آس تَتی کَتھ تام بَجہٕ کمپیوٗٹر کمپنی منٛز نوکری میج ہِژ ۔ انیتا آس اَنِلس سمکھُن یَژھان ۔ سو آس تَس مأفی منٛگِتھ پننہٕ دِلُک بارلوٚژ راوُن یَژھان ۔ اَمہِ کوٚر اَنِلس ٹیلیفون ۔ سبٕتھاہ زارٕ پار گَرنہٕ پتہٕ موٗن اِنِلن تمِس بنگلورٕ یتھ میلُن ۔

أنیتا گیہِ تَس سمکھنہِ ہوٹل ۔ کمرس منٛز أژی تھے ژھچہِ تمہِ باکہٕ تہٕ ژایہِ کِتبن ۔ اَنِلن ینٛہأوسو صوفس پیٹھہ تہٕ کیٚنٛہہ وننہٕ وَرأیی تھوٚوٗن تسُند گَلہٕ پننہٕ نِس سینس ہِتی ۔ أنیتا رۄز واریاہَس کالَس باکہِ وَدان ۔ أنِلس تہِ ووٚتھ دارِ اوٚش ۔ وَدان وَدانٕے کَر أنیتایہِ وَدوٕنہِ ہَٹہِ أنِلس مأفی دِنہٕ باپتھ زأری ۔

أنِلن ووٚننس ۔

"یہِ گرٕ ژھُن اوس تہِ گوَ۔ ووٗنی روز ژٕ خوش۔ یہے چھےٚ میٲنی پرٛ ارتھنا۔"۔

أنیتایہِ لٔج أ چھن وٲرات، صوفس پیٹھ بیٚہان بیٚہانے رٔٹ أنلِن سو پَنہٕ نِس وَچھس ئتیٚ۔ انیتایہِ باسیوٚ زِ تَس سپُد دِلُک بارلوٚت۔ وَکھ، کتھٕ سوربو۔ تمو ژیوٗ نے نہٕ تہِ۔ أخرگیہِ أنیتا گرٕ گژھنہٕ باپتھ تیار۔ أنلِن پرٛژھ تَس بڑٕ تٲ کیدٕ سان۔

"کیاہ ژٕ ہیککھنا ووٗنی راتس تہِ ٹھہرِتھ؟"

أنیتایہِ دیُتس جَواب۔

"نہَ۔ ازٕ نہٕ۔ بیٚیہِ کُنہِ ساتہٕ۔"

انیتا یِلہِ گرٕ واپس وٲژ، تٕسنٛدِ مَنٛگ بارزَن اوس لوتیوٚ مُت۔ تَس اَس ووٗنی بیٚیہِ زُوَن گَل گنیمژٕ۔



# نظر

تَس نِش اوس پرٛتھ سوالُک جواب۔

کٲمی تام پرٛژھنس۔

"اگر زَن چانٔی زنانہٕ چانہِ کھوتہٕ تھزٕ آسہِ تہٕ تیلہِ کیاہ سپدِ؟"

"سپدِ کیاہ؟ سوٗ دٕچھِ مے کُن گلہٕ توٗمرتھ تہٕ بہٕ دٕچھِ تَس کُن کلہٕ تھوٚدتھُوتھ"۔

"ہَرگاہ کینٛہہ پتھٕ سپُد، تیلہِ؟"

"صرِف بدلن کرِدارنہٕ کہِ نظرِ"۔

"یوٗ دوَے دوشوے اَکی قدٕ اُسن؟"

"تیلہِ ہمگبن نہٕ نظرے میلتھ۔ عاُنک پیٚیہِ لاگُن۔"

"کیُتھ سَنا؟"

"دوشوے تاپک دوہلہِ تہٕ نظرِ ہُند صُحس شامَس۔"

"تہٕ راتس؟"

"ضوٗ رۄُ رتھ چھنہٕ۔ نیٚندرِ ہُند بہانے چھُ کٲفی۔"



# گرٕ ێک سۄپُن

بُڈی بأے وۄنٕس أکِس رتھس اَند راَند رگرٕ خاَلی گرنہٕ باپتھ ۔ اَنجو گیہِ ہے بنگہٕ ۔ تَس اوس نہٕ بێہانہٕ زِ کتھ واتہِ اۄت تام ۔ خاَر ۔ قونٔنی طوراوس صٔحی زِ مکانہٕ اوس پژساد نِسے ناوس پیٹھ ۔ پژسادٕ سٕندِس مأنس اوس وأنسہِ ارمان زِ سُہ بناوِ ہے یتھ شہرس منٛز اَکھ گرٕ ۔ یتھ منٛز تسٕند پرِیوار رٕزِتھ ہیکہِ ہے ۔ سُہ اوس کمہِ تام دۄرِ گامہٕ پیٹھہٕ یۄت آمُت ۔ تٔمی اوس دٔہ رمہِ تام پۄ رمُت ۔ کتھ تام سرکأری دَفترس منٛز اوس سُہ کلرک ۔ تٔمی کۄر کھاندر ۔ شُری زاییس ۔ تٔمی أسی کرایہٕ ہٕندی واریاہ مکانہٕ بدلأوی مٕتۍ ۔ یۄ دوَے سُہ کُنہِ کتھِ پیٹھ دُکھی اوس ۔ سوأس یِی زِ تَس اوس پژتھ دۄیمہِ ترٛیێمہِ ؤری یہِ مکانہٕ بَدلاوُن پیوان ۔ تَس اوس گرٕ بناوُنک اَکھ سۄپُن ۔ تَس سپزٕ ترقی ۔ پرِیواراوس بۄڈ ۔ ترٛے نێچوٕ ی تہٕ زٕ کورِ ۔

رِٹایَر گژھنہٕ برٛونٛہہ کۄر تٔمی پنہٕ نہِ زِچھِ کورِ کھاندر ۔ پژساد گرٕ نۄ ون اِنجینیرِنگ کالجس منٛز دأخل ۔ پژسادنی تألیم سپزٕ پۄرٕ تہٕ پانہٕ گوٚ رٹایَر ۔ رٹایَر گژھ وُننے ہیۄت تٔمی اَکھ پلاٹ مٔلی پژسادٕنس ناوس پیٹھ ۔ وونی اوس سُہ فُرصت سان مکانہٕ بناوُن یژھان ۔ سُہ اوس تمہی تیأری کُن لۄگمُت زِ تَس آو ہێریُم ناد ۔ سُہ

گذُ ربو۔ گرس پیو بالُ بتھ۔

پڑساد َس لُج گتھ تام پرٛ یویٹ کمپنی منٛز نوکری۔ اَنجو اُس پی۔ اِچ۔ ڈی گَران۔ تَس اُس فیلو شِپ میلان۔ انجوٗ ہنٛز لوکٹ بینہِ اُس کالجہِ پَران تہٕ سارِوٕے کھوتہٕ کوٗنس بوے اوسُکھ سکوٗلس منٛز پَران۔ گرُک سورُے بار اوس پڑساد َس تہٕ انجوٗ ہنٛد بن پھیکین پیٹھ۔ تہنٛزِ ماجہِ اوس گُم کاسہٕ پنبشن تہٕ میلان۔ پڑساد اوس پَنہٕ نِس مائِلِس ماجہِ ہُنٛد مکانہٕ بناونُک سوٗپُن پوٗرٕ کرُن یژھان۔ تمیٚ لوگ پَنہٕ نِس مائِلی سُنٛد جماہ کوٗ رمُت رَقم تہٕ پَنبشن پوٗنسہٕ مَکان بناونس پیٹھ تہٕ کوٗرُن ژُکمری مکانہٕ تیار۔

دوٗنی بَنےیہ پڑساد َس سرکاٗری نوکری۔ تنخاہ گوٗس دوگنہٕ۔ تَس سپُد کھاندر۔ تَس اُس زنانہٕ تہٕ سرکاٗری مُلاٗزِم۔ انجوٗ ہس سپٕز پی۔ اِچ۔ ڈی ڈِگری حاصِل۔ سو لُج اَکِس کالجس منٛز پارٹ ٹائیم لکچرر۔ اَنجوٗ روٗزپَٹن سورُے تنخاہ گرس لاگان۔

سورُے پرِیوار اوس خوش۔ دونوے پڑساد تہٕ تسنٛز آشنٛز گیتا اُسی پَنہٕ پَنہٕ نوکری منٛز دَنہٕ پَنہٕ لگتھ۔ انجوٗ اُس کالج پرناونہٕ گژھان۔ چوٗنکہِ نوکری اُسس پارٹ ٹائیم اَمہِ کِنیٚ اُس سوگرِچ کاٗم کوٗ ٹ تہِ گران روزان۔

گرِ کہِ پرِیوارِچ گُلھم ذِمہٕ داٗری تہِ اُس یہٕ ڈٗپی زِتہٕ انجوٗ ہس پیٹھ۔ پڑساد اوس ماہوار صرِف زٕ ساس روپیہٕ گرٕ خرچہٕ باپتھ دِوان۔ ماجہِ اوس اَکھ ساس روپیہٕ

پنشن تہٕ انجوٚہس اوس پٔژن سوٗرے تنخاہ گرس پیٹھے خرچُن پیوان۔

پرسادس تہٕ گیتایہِ زایہٕ ژ بچہِ۔ انجوٚہس پیٹھ اٗس تِہنز ذِمہٕ داٗری تہٕ۔ گرُ یک خرچہِ بڈ یوو۔ اَنجوٚ اٗس بڈٕ مُشکلی سان گر یکُ خرچہِ پکہٕ ناوان۔ پرسادن ہیوٚت نہٕ بیٚنہِ پوٗنسہِ دیُن مٔژہِ۔ اَنجوٚہس اٗس نہٕ پنٕہٕ نٕس کھاندرس مُتلِق سوٗچنہٕ سورنٛچ فُرصتھ تہٕ۔ اٗکِس دوہن جاین آییس گتھ تہٕ اَماپوٚز پرسادن بٕنیہِ نہٕ کانٛہہ دلچسپی۔ اَنجوٚ اٗس نہٕ پانٕہٕ تہٕ ساریۍ پرِوارٕچہِ ذِمہٕ واٗری یہِ وُچھتھ اَمہِ خاطرٕ تیار۔ اَنجوٚ اٗس گوڈٕ پنٕہٕ نہٕ لوکہِ بیٚنہِ اَنوٚہُند کھاندر کَرُن یژھان۔

مگر ووٚنی اَے سو گرِ تہٕ کیاہ۔ تَس اٗس نہٕ روزَن جاے تہٕ۔ بُتھِ اوٗسس اَنہِ گوٚٹے اَنہِ گوٚٹ پھہلیوٗمُت۔ دوٗرتام اوس نہٕ کُنہی تہٕ دژیٹھ یِوان۔



# وأنس سوریہِ

تمۍ ژِیُونے نہٕ زِتمۍ سُند لوکچار، کتھ پأٹھی ووت جوأنی منز، جوأنی کتھ بدلییہِ اَڈوٕرِ آسنس منز تہٕ اَڈوٕر آسُن کتھ ووت بجرس کُن۔ وأنس سوریہِ تَس الہٕ پلہٕ سأری مگر تمۍ گزأرنہٕ زِندگی۔ وأنس سورنس تہٕ زِندگی زُونس منز کوٚتاہ تہٕ کتہِ کور فرق چھےٚ۔ کاش تَس آسہِ ہے امیک امہِ بزٕ وٕنہہ احساس سپدِ مُت۔

ازچھُ تسُند جوان نیچوٗ تَس سوال کران۔

"أخرٕ کیاہ چھتھ ژےٚ زِندگی منز حأصل کوٚرمُت؟ نہٕ چھےٚ مالہٕ دولتھ تہٕ نہٕ چھےٚ کینہہ سنز ژہتھ۔"

تسٕندِس نیچوِس چھُ پأنسہٕ ٹوٗنگ آسہٕ نےٚ زِندگی ہُند ہرتر۔ یِتہِ چھنہٕ زِتمۍ چھےٚ نہٕ دولتھ کمأوِہو۔ تمۍ اوس سبٹھاہ کموومُت۔ تَس أس جان نوکری۔ نوکری منز أسس ترقی تہِ میج ہو۔ سُہ گوٚو کس تھدِس عوہدس پیٹھ ریٹایر۔ تَس میؤل پنہٕ نہِ نوکری دوران یزتھ۔ تسنز ایمانداأریہِ، میٚنخر تہٕ پزتھ کأنسہِ مدتھ کرنہٕ کہِ غرضہٕ أسۍ تَس پیٹھ سأری خوش۔ سُہ اوس یمن اوٚصولن ہُند پوٗختہٕ پابند۔ سُہ رُوٗ دوٚقتہٕ وقتہٕ پنٕہٕ ننِ گرکِین بأژن، رِشتہِ دارن تہٕ دوٗر درازکین انگن أشناون اتھ روٚٹ

گران ۔ کینٛژٕ ن دِ ِ ناٶ ن تھٔر تاٰلیم ۔ کینٛژٕ ن دیٖتٕن تِہنٛز سختی دٕ ر کرنس منٛز مدد ۔ خاٰر یمن گتھن ہتی کیاہ مطلب چھُ تہِنٛدِس نیچوِس ۔ سُہ چھُ پَنٕہٕ نِس مأ لی ہنٛدِس سنٛز ژبتھ مأ لِس متلق سونٛچان ۔ ییلہِ تٔمی پَنٕہٕ نِس نیچوِس وَنٕن یوٚ ژھ زِ تہِنٛد بن پھکیٖبن پٮ۪ٹھ چھُ سبٹھاہ گوٚب بوررٕ دمت ۔ تورٕ رٕ دسُہ تَس اَکہِ پَتہٕ اَکھ سوال گران ۔

"اَمہِ ہتی کیاہ موٗ لے ژےٚ؟ یمہٕ ذِمہٕ داٰری یہِ کیاہ زِ ہرٕژتھ؟ پَنٕہٕ نٮ۪ن بچن ہنٛدِ مستقبلہِ بابتھ کیاہ زِ سونٛچتھ نہٕ؟"

سُہ اوس وَنٕن یژھان زِ تسُنٛد مول مأج اٰسی غریب ۔ تمن اوس صرف ہا کھ بتہٕ گزارِ ۔ پَتہٕ گرِ تٔمی وٗظیفہٕ حاٰصل کٔرِتھ پَنٕنۍ پڑاٰے مُکمل ۔

پرٕنس ہتی ہتی پونٛسہٕ ژور کماٰوِتھ کرِ تٔمی تاٰلیمی اخراجات پوٗرٕ ۔ یوٗتے یوت نہٕ بٔلکہِ کوٚر تٔمی پَنٕہٕ نہٕ بینٕہٕ ہنٛدِس کھانٛدرس منٛز پَنٕہٕ نِس مأ لِس ماجہِ اتھہٕ روٚٹ ۔ پَنٕنۍ لوکٕٹۍ باٰے پرٕناٰوِن ۔ تم ساٰری چھِ پَنٕہٕ نٮ۪ن کوٗٹھِن پٮ۪ٹھ اِستادٕ ۔

سُہ ہیکہِ ہے وارِ یاہ کینٛہہ باٰوِتھ مگر بوزہٕس کُس ۔ نیچوٕ رٕ دصرِف اَکے کتھ پھرِان تہٕ پھرِان ۔ "اَمہِ ہتی کیاہ میٛوٗ لے ژیےٚ؟"

تٔمی ہیٛوٚک نہٕ پَنٕن نیچوٕ قاٰیل کٔرِتھ ۔ آخرِ ووٚ نٮ۪نس ہاٰرِتھ ۔

"ژٕ چھکھ شاید صحیٖ وَنان ۔ مےٚ تُج خاٰری تہٕ گزاٰرِم زِندگی مگر پَنٕنۍ زِندگی زُوٗم نہٕ ۔ ووٗنی چھُ چون دور ۔ ژٕ چھُکھ پرٕتھ طرفہٕ یلہٕ ۔ بہٕ چھُسے نہٕ ژےٚ پٮ۪ٹھ کانٛہہ

ذِمہٕ وأری تڑ اوان۔ وومید چھم زِژ زوٗکھہٕ پنٕنۍ زِندگی۔

نیچو کوٗڈُن نیترٕ پأتھر۔ سُہ چھُ اَز پنٕنۍ زَنانہٕ ہیتھ دوٗیمس شہرس کُن گژھان۔

مول چھُ پنہٕ نِس کس تام دوستس سمکھنہٕ گتھ تام دوٗیمس شہرس کُن نیران۔

تَس چھُ ووٗنی پنہٕ نِس کس تام سُند تَلاش۔



# وُڈو

دِلہٕ ہٕنٛزٕ وُڈوِ باپتھ چھِکھ اِن گرنہٕ پتہٕ بیوٚٹھس بہٕ کاونٹرس نکھے أکِس گُرسہِ پێٹھ۔ سو آیہٕ اکھ ہینڈ بیگ ہٮتھ کاوٗنٹرس پێٹھ۔ تَس اوس پرٛتھ کانٛسہِ ہُنٛد توجہ پانس کُن پھرُن سہٕل۔ سو أس یہے ترٛ ہہٕ وُرِش ہش۔ تَس اوس شکلہِ شُمارٕ۔ مَس اوُسس گردَنہِ تام کرٛ پتھ۔ سو أس نوٚل جینٛز تہٕ چھِکھ کوٹ لاگتھ۔ سو گیہِ سیوٚ دُے کاونٹرس پێٹھ تہٕ چھِکھ اِن گرنہٕ پتہٕ گیہِ نکھے أکِس کِتابہٕ دُکانس پێٹھ۔

دِلہٕ ہٕنٛزٕ وُڈوِ باپتھ آو اِنٛتِظٲمی چھِکھ گرُنک ایلان گرنہٕ۔ بہٕ دژاس اِنٛتِظٲمی چھِکِس گیٹس کُن۔ سو تہٕ واٗژ ژایہِ اَنٛدرٕ۔

بہٕ بیوٚٹھس أندرٕ لانٛجہٕ چہٕ أکِس کُرسی پێٹھ۔ تتہٕ آسہٕ واریاہ کُرسہِ یہٕ خٲلی۔ سو ہیٚتھ نہٕ۔ وودنہِ وودنی زنتہٕ أس سو حاضر سوار بن سام ہوان۔ باسان اوس زنتہٕ تسنٛز نظرٕ آسہٕ تتھ پرٕ بارِ منٛز کانٛسہِ ژھانٛڈان۔ میانہِ پتہٕ گنہِ لانہٕ منٛز ہیتھ نیوٚل سوٚٹ لاگتھ اَڈوٚرٕ شخص وُچھِتھ گلہٕ نو وتمہِ پنٛن اَتھٕ۔ تَس وُچھِتھ پھیوٚرٕ تَس بتھِس نوٚ ورَنگ۔ سو آیہٕ تَس کُن تیز تیز قدمو۔ تمٕ نفرن کوٚرٕ تھوٚ دٕ تیتھ تَس ستیٚ اَتھٕ واس۔ دو شوٚبے ہیٚٹھی۔ مےٚ گرٕ تہنٛز گتھ باتھ بوزنٕچ کوٚشِش مگر صاف صاف

ہیوٗکُم نہٕ بوٗزِتھ۔ ہُم آسۍ تمہٕ تام پارٹیہِ یا کامہٕ کارِس مُتلِق کتھ کران۔ دِلہِ باپتھ گو جہاز نیرنُک ایلان۔ سارۍ مُسافِر درٛایہِ جہازَس کُن۔ میانۍ سیٹ اُس دارِ نِش۔ مےٚ تھوٚو پیٹھ گنہِ کِس لاکرس منٛز بریف کیس تہٕ بیوٚٹھس سیٹس پیٹھ۔ کُمے کالہٕ پتہٕ گیہِ سو بیہہ نظرِ۔ سو پیچ پنہٕ نہٕ مخصوٗص چالہِ منٛز بڑ وٚنہہ کُن۔ تمہِ تھوٚو میانہِ سیٹہِ نکھہِ کِس کھُلہٕ لاکرس منٛز پنٛن ہینڈ بیگ تہٕ بیٹھ میانہِ لانہٕ ہنٛزِ آیل سیٹہِ پیٹھ۔ منٛزِم سیٹ اُس خالی۔ میانۍ آمادٕگی بڑیہِ۔ مےٚ تُل اخباراہ اکھ تہٕ تمہِ چہٕ سُرخیہِ ہرٛژم سرسری طور پرٛ نہٕ۔ تُسُنٛد بُتھ اوس ویوٚ دہیوٗ باسان۔ اماپوٚز مےٚ اوس نہٕ ژٕنتس پیوان زِمےٚ گرا سۍ بڑ وٚنہہ وُچھ ہمٕ۔

اَچانک ہیوٚت تمہِ انگریزیس منٛز وورِوور کرُن۔ "اوہ ییٚتہِ چھِ مُہ۔" مےٚ وُچھتَس کُن۔ سو اُس پنہٕ نہٕ زنگہِ کشان۔ تمہِ اُس تھٕزِ کھورِدار سینڈل لاجمو۔ مےٚ وٚنمس اَسان اَسان۔

" آ۔ یم چھِ پرٛتھ جایہِ۔ یم چھِ سارِہے ہُندوستانس پھیران"۔ تمہِ پرٛژھ آمادٕگی سان۔ "کیاہ توٚہۍ چھوا کاشرِ؟"

"اَو۔ توٚہہِ کِتھ باسیو؟" مےٚ دیُتس جواب۔

"تُہُنٛدِ لہجہِ ستۍ۔"

"اَچھا۔ اَزتام پرٛزنوٚونس نہٕ بہٕ کانٛسی لہجہِ ستۍ۔"

"بہٕ تہٕ چھُس اَڈ کاشرِ۔"

"اُڈ کاشُر! مطلب؟"

"میاُنی کُن وُچھو"۔ تَمہِ کوٚر رپَنہٕ نَنبن کَنن کُن اِشارٕ تہٕ ووٚ نُن۔
تَس اُسی کُن ژوٚمبہٕ مِتی تہٕ سونہٕ واُلی اُسس لاٚ گِتھ۔

اَمیُک کیاہ مطلب! مےٚ سوٗنچ۔ کانٛہہ تہٕ زنانہٕ ہیکہِ پٔنٛنی کُن ژومبہٕ ناوِتھ۔
تَمہِ ووٚ ن بڑ ونہہ کُن۔

"میون مول چھُ کاشُر تہٕ میاُنی ماج چھےٚ جرمَن۔ بہٕ چھُس جرمنی ہٕنٛز شہری۔"
یہِ چھُ پوٚز۔ تسُند حُلیہِ اوس کاشرِس حُلیس ستی رَلان میلان۔ اَوے اُس
سوٗشاید یہے ویزٕ ہش باسان۔ مےٚ پرٛژھمس۔

"توٗہی کتھ کنیٚ آیو بھارَت؟"

"بہٕ چھُس اَکِس جرمَن بین الاقوامی کمپنی منٛز نوکری کران تہٕ اَز کل چھم
دِلہِ منٛز پوسٹِنگ۔"

مےٚ بڈٕوو یِیہِ اشتیاق۔

"توہہ کیازِ کوٚرو بھارت یِنک فاصلہٕ؟"

"یہِ چھُ اَکھ ذمہٕ واُری ہُنٛد عوہد۔ مےٚ چھےٚ زیادٕ تر مَردن ستی کام کرٕنی
پیوان۔ مےٚ چھُ مَردن پیٹھ ضبط تھوٗن خوش کران"۔ تَمہِ ووٚ ن اَسان اَسان۔
بحثُک موضوٗ اوس مَرد۔ تَمہِ ووٚن۔ زِ سو اُس گَس تام فرانٛسیسی نَو جوانس
ستی کھانٛدر کرُن یژھان۔ مگر تسُند بنہٕ وُن خانٛدار چھُ جرمَن۔

"اَخر فرانٛسیسی یی کیازِ؟"۔ مےٚ پرٛژھمس۔

"تِم چھِ سیٹھاہ نرم دِل آسان تہٕ اَسانی سان چھِ کانٛسہ تہِ پانس کُن پھِران۔"

"جرمنس مُتلِق کیاہ چھےٚ تُہنٛز راے؟"

"جرمَن چھِنہٕ سہٕل سہٕل کانٛسہ ہِندی دوس بَنان۔ مگر یِیلہِ تِم دوس بَنان چھِ تہٕ تِمن نِشہِ پان موکلاوُن چھِنہٕ سہٕل گژھان۔ اَمی کِنہٕ آیس بہٕ اَکِس جرمنس سٟتی باگہِ۔"

"بھارتین مُتلِق کانٛہہ تجرُبہٕ؟"

"بھارتی! اُف! تِم چھِ نِکھٕ ینس منٛز وُتاوٕلی گژھان مگر چھِ آسان ثابت قدم۔ یِم رِشتہٕ ییتاہ جلدٕ بَنان چھِ تیتی جلد چھِ پھُٹان تہٕ"۔ تٟہنٛدی خیال اَسی تنقید خیز۔

گژھ وُنۍ بھارتین ہٕنٛز کامہِ ہُنز۔ مَردَن مُتلِق اَس نہٕ تَس جان راے کینٛہہ۔ تٟسنٛد وَنُن اوس زِ مرد افسر چھِ گُمنٛڈی تہٕ ویقارٕ بوٚچھ۔ تِم چھِ صرف حُکم چلاوُن زانان۔ تِم چھِ پَنہٕ نہِ ذِمہٕ دأری یہٕ دوٚیمین پیٹھ ترٛاوان۔ تِم چھِ پَنہٕ نٮ۪ن یختیارن ہِندی بوٚچھ آسان۔ سوٚ اَس پَنہٕ نِس دَفترس منٛز کأم گرن والیٚن مَردن سیٹھاہ کٔٹھ کڑان۔ تِم مَرد افسر چھِنہٕ زَنانہٕ افسرَن پانس برابر مانان۔ تِم چھِ امیک باس دِوان زِ نہٕ چھےٚ تِمو پَنہٕ نہِ قأبلیژ ہُنز بُنیاد پیٹھے تھوٚ دعوہٕ پُژ دومُت۔ تہٕ زَنانن چھےٚ تَرقیہِ ہیٚیو وَجھو میلان۔

سوٚ اَس زبردس تہٕ کٹر زنانن ہِنٛدٕ حقہٕ۔ سوٚ گیہِ وَنان تہٕ بہٕ گوس بوزان۔ یِیلہِ ژٕری پیٹھی گوٚ۔ مے یوٚژھ ووٚنۍ موضوع مَرٕ دترٛ اَتھ اِقتصأدی گتھ باتھ منٛز بدٕلُن۔ تَس آو دوٚیم نوکتہٕ اَتھ تہٕ ووٚنُن۔ زِ تَس چھُ پوٚرٕ یقین زِ تیٚلی ہیکہِ اِقتصأدی ترقی مُمکِن سپدِتھ یِیلہِ مَرٕد تہٕ زَنہٕ برابر کأم گرن۔ تہٕ ہیٚیہِ ییہہ نہٕ زنانن سٟتی بہن وَرتاونہٕ۔

مےٚ روٗدنہٕ ووٚنِی برداش۔ مےٚ پٔرٕ ژٕھس۔

"اچھا وونی کَروأسی دِلہِ ہنٛز کتھ۔ توہہِ کیٛتھ چھُ باسان دِلہِ منٛز روزُن؟"

"دِل! توبہٕ توبہٕ! مےٚ پٔیٹھ کَرو یقین۔ مےٚ چھِ ہوش راوان یِیلہِ بہٕ دَفترٕ

پٔیٹھ گَژھہٕ تہٕ گَرِ پٔیٹھ دَفتر تام گاڑِ منٛز سفر کَران چھُس۔ ژٕ وپاسے چھےٚ آلوٗدِگی، شورٕ شر

تہٕ گنٛدگی۔ اَما پوٚز دِلہِ منٛز چھِ کیٛنٛہہ جانہوٹل تہٕ ریسٹوران۔ اَمہِ سٟتی پیوٚ مے یاد زِ

یِگاہ شامَن چھُ مےٚ أکِس فرانسیسی نفرس سٟتی تاج ہوٹلس منٛز ڈِنر ڈیٹ۔ بہٕ

سمکھییس أمِس نفرس کیٛنٛہہ دوہ برٛونٛہہ کلکتہٕ پٔیٹھ دِلہِ یِوان وُڈوٗ دوران۔ سُہ

چھُ سیٛٹھاہ جان۔ تِمۍ گٔر پیرِس واپس گژھنٕچ یاترا اِکہِ دوہہٕ باپتھ مُلتوی۔ یُتھ زَن سُہ

مےٚ ڈِنرس پٔیٹھ رٔٹِتھ ہیٚکہِ۔

مےٚ ووٚنُس لَبہٕ خندٕ ہَنا کٔرِتھ۔

"سُہ چھُ سیٛٹھاہ خوش قِسمتھ۔ مےٚ چھُ یقین زِ توہیٛ تُلِو سیٛٹھاہ لُطف۔"

یہٕ بوٗزِتھ ژھےٚ دیٛت تٔمہِ میٲنِس کھووٚرِس اَتھس پٔنٕنِس اَتھس منٛز رٔٹِتھ

ژٕٹھ۔ تہٕ تٔمہِ ترٛٲو مٔدٕ راسنا ہَنا۔

یُتھےٚ أسی دِلہِ ہنٛدِ ایرپورٹہٕ پٔیٹھ نٕبر دراے۔ اَکھ وردی پوش سِکھ نوجوان

اوس تَس پرٛاران۔ تِمۍ مور سلیوٗٹ تہٕ سو پٔیٹھ کارِ ہنٛدِس پٔتِمِس سیٛٹس پٔیٹھ۔ تٔمہِ

کِلہٕ نوو اَلوِداعی اَنٛداز سان منٛز اَتھ۔



# کاأنسہِ تہِ بۆزسنہٕ

جمالس نہَ اوس بتھِس جمالے تہٕ نہَ اوس پۆرمُت لیٛوکھمُت ۔ راسہٕ کتھ آسنہٕ موکھہٕ اُسی تَس خلق " باڈ " وَنان ۔ جمال باڈن مول اوس اکھ سیٛوٚد ساد گرٛؤس ۔ ظونس پیتھے لوٚگ جمال تہِ اُتھی کامہِ ۔ جمال اوس صرف پنداہ وُہرے ییٛلہِ تَس کھاندر سپُد ۔ ہوٗر اوسُس کھوڈٕنہِ ۔ کھوڈٕنی چھُ ہاٗنزن ہنٛدِ باپتھ مشہوٗر ۔ ناوِ ہاٗنزن تہٕ گاڑٕ ہاٗنزن ۔ زیبہٕ تہِ اُس تیزٕرِی واٗنسہِ ۔ مگر تَس کھوتہٕ اُس تھٕز پٔہن ۔ شکلہِ عقلہِ تہِ اُس ماٗری مُنز ۔ کھاندرٕ پتہٕ بدلییہِ جماٗلنی حالتھے ۔ سُہ اوس نہٕ گنہِ وبزاہے ۔

واٗرِو واٗتِتھے بدلوو زیبن گرٕ یک سورُے رنگہٕ ڈنگ ۔ سورٕ ؤز صُبحہٕ پیٹھ شام تام گرس جکھان ۔ سورٕ ؤز رَنان پاکہٕ وان ۔ چوٗکی بانہٕ بُتھٕ چھلان ، گرٕچ صفاٗیی گران تہٕ پلوَ دلو چھلان ۔ غرض گرٕچہِ سارِینٛ کامہِ اَنٛد واتناوان ۔ حق ہمسایَن نِشہِ رؤزنہٕ سُجان مُلی کِنہِ سُدھریمتہِ گرٕچ حالتھ کھٔتِتھ ۔ واریاہن گر زیبایہِ ہنز قاٗبلیت خوش تہٕ کینٛہن آوازاوُن ۔ جمالہٕ سُنٛد مول ماٗج تہِ اُسی خوش ۔ سُجان مُلکِس ژٔدٕل واٗنسہٕ ہُنٛد لاوٕ داوِ ۔ تاجن تہٕ ہیٛتی صاف پلوَ پوشاکھ لاٗگنی ۔

جُمائِنۍ چھےٚ نہٕ گَتھے۔ سُہ اوس ووٚنۍ ٹوٗپۍ تہٕ ہج دِوان۔

زیبہٕ آس گرس زُو وَنٛدان۔ گر کامہِ علاوٕ آس سو پَنٕہ نِس خانٛدارَس ہیٚہرس خاطرٕ کُھہس پیٹھ کوج تہٕ ساران۔ ہتی دِگرِچ چاے تہٕ۔ گرکٕن تہٕ چاروایَن تہٕ آس واتان۔ تِھنٛدِ باپتھ آس گاسہٕ بیٚترِ تہٕ اَنان۔

گوڈٕ گوڈٕ آس زیبہٕ پَنٕہ نہٕ گرٕ پَر یوارچہِ کامہِ کوچہ منٛز تیژ آورٕ روزان زِ تَس آس نہٕ پَنٕہ نِہن حَق ہمسایَن ہتی گَتھ کرنٕچ موہلتھ تہٕ یِوان۔ وارٕ وارٕ ہیوٚت مخلٕہ چَو نوشوَ کوربو پانٕے اُمس نِش یُن گژھُن۔ زیبہٕ آس سارِنٕے اَتھٕ روٚٹ گران۔ سوٗ آس وَژھِ وأنٛجہِ تِمن ہتی بولان چالان۔ زیبہٕ نِس گرس گُن وُچِھتھ ہیٚژن حَق ہمسایَن ہنٛدٕ ہن گرن ہنٛز حالتھ تہٕ سَنٛبلنۍ۔ سأری ہَمسأے آسی زیبس تأریف گران۔

وَق گوٚسوران۔ زیبس زایہِ شُری۔ تِسٕنزن ذِمہٕ وأری ہن منٛز سپُد ہُرٕ ہُرٕ۔ تِمہِ سوٗزی شُری مَدرس۔ سوٗ آس شُرٕ ہن جان تألیم دِنۍ یژھان۔ پانٕہ آس نہٕ پرٕ مژ لیٚچھِ مژ۔ اَوٕ کِنۍ آس نہٕ گرس منٛز پَنٕہ نِہن شُرٕ ہن پَرنأوِتھ ہٮ۪کان۔ زیبن کوٚر رأمی گامکِس ماشٹر موہَن لالس زارٕ پارٕ زِ سُہ پَرنأوِن رشیدس سکوٗلہٕ پَتہٕ شامَس گرِ۔ موہَن لال اوس نہٕ ٹیوٗشن گران، اَما پوٚز زیبس ہیوٚک نہٕ تِمۍ اِنکار کٔرِتھ۔ رٔشیدن لوگ شامَن موہَن لالُن گرٕ پَرنہِ گژھُن۔ موہَن لالَن رٔڈٕ نہٕ زیٚبس پوٗنسہٕ۔ زیبہٕ

کوٚت مانہِ ہبس۔ سورُٕے زموہَن لالُن گرِ گُنہِ نَتہٕ گُنہِ ہیتہٕ لوکٕٹ موکٕٹ چیز مثلن راز ماہ، وارِ مُٹھ، ٹھوٗل تہٕ سبز یہِ بیٚتر سوزان۔

رُٕشید اوس پرٛنس کٔتھ جان۔ موہَن لالن اوٚتس رٕژ وَتھ۔ سُہ اوس دُٕہی مہِ جمأژ پرٛان زِ کشیٖرِ منٛز بَدلییہِ حالات۔ آتنکواُدی ییٚن ہنٛدِ بیٚمہ کِنۍ ہیوٚت گاموٚ منٛزٕ ہیٚنٛد بوٚ ژٕلُن۔ اَتھ گامَس منٛز اُسی ہیٚنٛد بن ہنٛدی کُل دُٕہ ہے ہہَے گرِ۔ موہَن لال تہٕ ژوٚل اَکہِ راتھ ژٕٹر کہِ منٛز سامانہٕ ہٮ۪تھ۔ ییلہِ اَمہِ گامہٕ منٛزٕ ہیٚنٛد بوٚ ژٕلُن ہیوٚت تہٕ زیبس پھُٹ دِل۔ تَمہِ ہیوٚت بَڈ بَڈ وَدُن۔ سوٗ اُس اَکی ہے مِنتہٕ کران زِ پٔتُن گرِ بارتہٕ گام تر اُوتھ مہٕ نیرِو۔ اُسی دِموتہُندِ باپتھ پٔتُن زوٗتام۔ گوڈٕ مارن تم اَسہِ تہٕ پتہٕ توہہِ۔ مگر افسوٗس تمۍ سُند مون نہٕ کأنٛسہِ تہِ۔ ژوپاسے اُسی حالاتھ بگڑیمتی۔

اَتھ گامَس منٛز گییہِ سأرِی بٹہٕ گرِ خأٔلی۔ پَنٛداہَن دوہَن منٛزٕ ے زاجکھ ہیٚنٛد بن ہنٛزٕ لرِ جایہِ تہِ۔ سورُے سامانہِ لوٗٹو وہکھ۔ دَپان لرِ جایہِ زالن وأٔلی تہٕ جاداد لوٗٹن وأٔلی اُسی دوٚیموٚ گاموٚ پیٹھ آمتی۔ پوٚز کیاہ تہٕ اَپُز کیاہ! وَنان چھِ زِ تَمہِ وِزِ تہٕ آو زیبس یوہے جیٖرِ تہٕ جوٚ نوٚن ہیوٚ۔ تَس آو مۄر رَزَن۔ تَمہِ ہیوٚ ناردِنہٕ والین تہٕ سامانہٕ لوٗٹن والین بَڈ بَڈ لبکہٕ کڈٕنہِ۔ تیٚسنٛز کتھ بوٗزنہٕ کأنٛسہِ اَکی تہِ۔

اَمہِ پَتے ژھُنہِ مأس بُوترٛ ٹھ۔ تسُند نیچُو رُٕشید اوس نکھے اَکِس گامَس منٛز کس تام اُشناوٕ سُند گرِ گوٚمت۔ سُہ موٗر ہَس آتنک وأدیو۔ تیٚنٛدِس بَدنَس کوٚ رُکھ گولیو

ۂستی پَرٕیُن۔ زٕہنٕژ حالتھ گیہِ أ کِس چھو کہٕ لَد سیمنہٕ ہٕش۔ سو گیہِ مُژ ہٕش۔ حَق ہَمسأے لگٕی تَس ژٕو رِژھیٚپہِ ہَمدردی ہاونہِ۔ گأمی گامَس سپُد وٕہَشتھ۔ وونی پھُٹ زیبس پۆرٕپأٹھی دِل۔ وَنان چھِ زِسو چھےٚ دٕہی دوہس کولہٕ بُٹھس پیٹھ ہِتھ بٹَن ہٕنٛد بن نارٕ بُزی گأمتیٚن مکانن کُن مُدَ ے گنٛڈِتھ وُچھان آسان۔ تَس چھےٚ پَنہٕ نِس نیٚچوِ ی ہٕنٛز گولہٕ ہستی پُژپأری سپزٕ مٕژ لاش أتھی دٕ دی ہِتس سۆرٕ ڈیَرس مَنٛز اَلأنٛز بوزنہٕ یِوان۔



# گِنٛدن تماشہٕ

سُہ اوس جلدی مَنٛز کُس تام چیٖز ژھانڈان۔ تٔمۍ چھکرٲوی کمرِ کی سٲری
چیٖز۔ ماجہِ کوٚرُن آلو۔

"مٲجی! مےٚ اوس میزس پٮ۪ٹھ اَکھ چیٖز تھوٚومُت گتہِ چھُ؟"

"ییٚژِ ہُنٛد تماشا؟" ماجہِ پرٕژھنس۔

"مٲجی! سُہ چھُنہٕ میژ یُو تماشہِ۔ کتہِ چھُ؟"

" گوٚبڑیا! بہٕ اٲسس صفٲیی کران۔ سُہ پھُٹ تہٕ مےٚ ژھُن تر اٲوِتھ۔"

ماجہِ ہنٛز یہ کتھ بوٗزِتھےٚ گوٚو رمیش ناروناز۔ تٔمۍ دِژ کرٕ کہٕ۔

"مٲجی! ژٕ چھکھ نادان۔ ژےٚ چھےٚ نہٕ خبرٕ زِ کُس چیٖز کیاہ لو۔ سُہ اوس
موٗلُل توفہٕ۔ سوٚیتا یہِ اوس میانہِ باپتھ پننہٕ اَتھہٕ بنوومُت۔"

سوٚیتا اٲس کالجس منٛز رمیشس سٟتۍ پران۔ دوشونی اوس پانہٕ وٲنۍ
دوستانہٕ۔ کالجس منٛز اٲسۍ دوہس یِکوٹے روزان۔ شامن اٲسۍ اکثر ژیر تام پانہٕ
وٲنۍ ٹیلیفونس پٮ۪ٹھ کتھ کران۔

ماجہِ وُچھ زِ رمیش اوس خشمہٕ ہوٚت۔ تَس اوس پےٚ زِ تَس چھُنہٕ کرٕ دٕسہٕل

سہٕل ہمان۔ سو رٗو زأندری أندری سوٗنچان۔ رمیش چھُ ژوٗوہ وُہر۔ وُنہِ چھےٚ تس شُری لأزی۔ اَکھ میٚژ یُو تماشہِ پھٹنَس پتھ کھڑِس ییڑ ژکھ۔ سو آس پننہِ نبنےٚ خیالن منٛز تہٕ رمیش دژاونیے بوٚ کھُے وورو ور گران گرِ نبر۔ ماجہِ ییژ ھأیوو سُہ مَنہٕ ناوُن تہٕ رُکاوُن مگر سُہ کتھ مانہِ ہبس۔

ماجہِ کوٚ ڈ ژھوٹہٕ بَنہِ منٛزٕ سُہ تماشہِ ژھأنڈِتھ۔ یہِ اوس کس تام جنٛگلٕچ جانور سُند آکار۔ زِ زنگہٕ آسس پھُٹمٕژ۔ تَمہِ کرے یایہِ زنگن واٹھ دِنہٕ خأطرٕ جستہٕ خأز مگر چلیٛوس نہٕ کینٛہہ۔

رمیش آورأ ژپہٕرن گرِ واپس۔ ماجہ ہٕنٛدِ بار بار ضِد کرنہٕ پتہٕ تہٕ کھونہٕ تٔمی بَتہٕ وَتہٕ کھٔنی۔ مأج تہٕ شوٗنج فاقہٕ فری۔ صُبحس تہٕ رٗو دیوہے حال۔ رمشین کوٚر شرٛان دیٛان تہٕ کھنہٕ چنہٕ ورأیی دژاو گرِ۔

ماجہِ گونہٕ یہِ برداش۔ سوٗئج پنہٕ نِسے پأنس ملامتھ کرنہٕ زِتَس کیاز پھُٹ سُہ تماشہِ۔ تَمہِ کوٚر سَو یتایہِ ٹیلیفون تہٕ تمِس وٕنن سأرِے دٔلیل۔ سو یتایہِ ووٚن تمِس زِ میٚژ یُو تماشہٕ اوس نہٕ تَمہِ پنہٕ نہِ اتھہِ بنوومُت بٔلکہِ اوسُن سُہ اَکہِ نکھے گامہٕ دُکانہٕ پیتھہٕ مٔلی ہیوٚتمُت۔

مأج دژایہِ کھنہِ چنہٕ ورأیی گرِ۔ سکوٗ ٹرس پیٹھ گیہِ تتھی گامس منٛز۔ تتہِ ہیوٗتن ہوٗ بہوٗ تمی رنگُک تماشہِ مٔلی۔ سُہ تہِ صرف پأنژہِ روپین۔ گرِ یتھ تھوٚ وتمہِ سُہ

# سکوٗل

نٔوۍ مُنتخبہٕ موقدٕمن کوٚرگامہٕ والین بڑ وٕنہہ گنہِ تقریر۔ تِمۍ ووٚن گامہٕ والین گوڈٕ اَنوارِ گرٕٛھ گامَس منٛز سکوٗل کھولنہٕ یِن۔ ہَرگاہ سکوٗلچ عِمارتھ آسہِ تیلہِ ہیٚکہِ ووٹ ترٛاونہٕ باپتھ گامَس منٛزٕ پوٗلِنگ بوٗتھ تہِ قٲیِم گرنہٕ یِتھ۔ گامہٕ والین پیٚیہِ نہٕ دوٚیمس گامَس منٛز ووٹ ترٛاونہِ گرٕٛھن۔ یِتھَے پٲٹھۍ ہیکن وَقتہٕ وَقتہٕ گامَس منٛزٕ گامہٕ کیٚن شُرٕ ہن پولِیوٗ تہِ شُتلین روٚٹ گرنہٕ باپتھ اِنجکشن تہِ گرنہٕ یِتھ۔ سکوٗلس یوٚ دوَے کھیلہِ مٲدان آسہِ تیٚلہِ ہیکن گامہٕ شُرۍ کرِکٹ، کَبڈی تہٕ باقۍ کھیلہٕ گِنڈتھ۔ تِمن پیٚیہِ نہٕ دوٚیمس گامس منٛز گٕژھنٕچ ضروٗرتھ۔ گامٕکۍ بٔڈۍ دوہ تہِ یِن یٚیتی مَناونہٕ۔

بیٚیہِ چھےٚ اَکھ کتھ زِ بٔڈِس گامَس منٛز یٚیتہِ سکوٗل آسہِ چھُ اَکھ ماسٹرجی روزانہٕ۔ اَمہِ سٟتۍ چھُ تِمہِ گامُک وقار بڈان۔ گامَس منٛز اَکِس ووستادٕ سُند آسُن چھُ سبٹھاہ ضروٗری۔ ووستاد چھُ گامہٕ کیٚن ہنٛزٕ چِٹھہِ بیٚترِ پَران تہٕ لیکھان بیٚیہِ چھُ تِہنٛد ہن لوکٕٹن نِیاین اَنٛد بوٚر دِوان۔

آخر سکوٗلس منٛز ہیکن شُرۍ تہِ دٲخلہِ نِتھ۔ کانٛہہ نَتہٕ کانٛہہ پَرۍ اَتہِ۔ اَمہِ موٗجوٗب گرٕٛھو سکوٗل کھولناونہٕ باپتھ پگاہ ممبرِ اسمبلی یَس نِش۔ گامہٕ وٲلۍ سپدۍ سکوٗل کھولناونہٕ باپتھ تیار۔



ِگندن تماشہِ رمیشِنس میزس پٹھ تہٕ رۄزرمیشس بے صبری سان اِنتظار گران۔

شامن آو رمیشہِ تھکِتھ ژھینٛتھ ژیری گرٕ۔ تس اوس سأری ہے بُتھِس لیٛدریر پھیٛو رمُت۔ باسان اوس زِ تمیٚ اوس نہٕ نیبرٕ تہِ کینٛہہ کھیٛومُت۔ سُہ گوژھو پہ دوپہِ گرِتھ پنٕہٕ نِس کمرس منٛز۔ مأج تہِ گیس پتے۔ رمیشن وُچھ میزس پٹھ سُہ ِگندن تماشہِ۔ تمیٚ تُل سُہ تھوٚد تہٕ کرِنس کوٗچہِ۔ تماشہِ پھٕٹرٲ وِتھ رٕٹن مأج نالہٕ مَتہِ تہٕ ہیٛوٚتُن باکہِ وَدُن۔



دَچھ بیٚترٕ چیزن ہندۍ مول پرٛژھان۔ مےٚ کریاو تس ٹھاک اَماپوٚز سُہ گژھ بوزِ ہے۔

گژھ روٗز نہٕ اوٚتے تام۔ سُہ روٗد ٹیکسی والین، رکشا والین تہٕ کرایہٕ

پرٛژھان۔ ریسٹورینٹن تہٕ ریڈ والین تہٕ روٗد چیزن ہُند مول پرٛژھان۔ خبر کَمن

کَمن چیزن ہندۍ۔ تٔمۍ اوس کمپیوٹرس منٛز سارِنے چیزن ہُند مول مولوٗم کوٚرمُت۔

تٔمِس ستۍ چکر گران گران آس بہٕ سخ تنگ۔ اَخرٕ کیاہ زِ سنا چھُ سُہ یہِ

سورُے گران؟۔ نہٕ اُسۍ تَس چیز ہیٚنۍ، نہٕ سبزی تہٕ نہٕ موٚوے۔ مےٚ پرٛژھ تَس

ہنا ترٛ کجارٕ سان۔

"اَخر کیاہ زِ چھُکھ ژٕ یہِ گران؟"۔ تٔمۍ ووٚن۔

"بس تِتھے۔ ہندوستان کیٚن چیزن ہند ہن قیمتن ستۍ چھس مُقابلہٕ گران"۔

"اَمیُک فایدٕ؟"

تٔمۍ سُند سیُو دجواب اوس۔ "یِیکہِ لسنہٕ بسنگ میٔیار زانُن۔"

کانفرنسہِ دَوران ییلہِ تہٕ تَس موقعہٕ میلہِ ہے، سُہ اوس پرٛوفیسرن تہٕ

ریسرچ سکالرن ہندِ تنخاہ تہٕ باقے آمدنی مُتلق تہٕ زانکاری حاصِل

گران۔ کانفرنسہِ منٛز پوٚر تٔمۍ پنُن مَکالہٕ۔ سوالن ہُند جواب دِنس اُس نہٕ تَس کانہہ

دِلچسپی تہٕ نہٕ پرٛژھ تٔمۍ کأنسہِ کانہہ سوال۔

ترٛن دوہن ہنٛزِ کانفرنسہِ پتہٕ اُس تٔمِس کاٹھمنڈوٗ ہَس مُتلق تمام

زانکأری۔ تٔمۍ ہیوٚت پنُن پان افلاطوٗن زانُن۔ تٔمِس اُس قیمتن ہنٛز زانکأری

# مول

أسی أسی أکس عالمی کانفرنسہِ منز شرکت کرنہٕ باپتھ کاٹھمنڈو آمتی۔ کانفرنس أس ترٛن دوہَن ہنز۔ کانفرنسہِ منز أسی وۄپرٛ مُلکو پیٹھ الہٕ پلہٕ أکھ ہتھ ممبر حِصہٕ نوان۔ أکی سے ہوٹلس منز اوس ٹھٔہرنُک ایہتمام کرنہٕ آمُت۔ ہوٹل اوس منز شہرس۔

گوڈنکہِ دوہہٕ شامَن درٛایہِ أسی ہوٹلہٕ نبر چکر ہنا کرنہِ۔ بازرٛ اوس وۄپرٛ مُلکو سائلانوٕ ستی برٛتھ۔ ژۄپأری أس خوب ووسہٕ درٛوس۔ دوکانن ہنز شیرِ پأرتہٕ سجاوَٹ وُچھتھ تنبلوٕ رٛوی سُند دِل۔ دوکانن منز تھوَنہٕ آمتین چیزن وُچھِتھ کڈ تہٕنٛدی دِلن ووٗٹھ۔ سُہ رٛۆدُکنہِ تہِ سنکوٕ ژ ورأے دُوکانن منز أژِتھ چیزن ہُند مول پرٛژھان۔ ووٗٹہِ اوس واریاہَن چیزن تہِ اَتھہِ لاگان تہٕ چیز پھِران تھٕران۔ پتہٕ پأٹھی اوس دُکانن پیٹھ کھۄستھ صرِف چیزن ہنٛدی مول پرٛژھان۔ چندس منز تھٔوی مِتس نوٹ بکس منز اوس کینٛژن چیزن ہنٛدی مول دَرٕج کران۔ زیادٕ تر دُکان أسی ریڈی میڈ گارمینٹن، سوینٕر بانہٕ بٔنٛہ، کرٛاکری تہٕ الیکٹرانِک چیزن ہنٛدی۔

أسی درٛایہِ کینٛہہ دوٗر برٛونٛہہ کُن۔ بازرس منز وأتی أسی سبزی تہٕ میون ہُندٕ بن دُکانن نِش۔ رٛوی پۆک تمن کُن تہِ اولو، گنٛڈٕ، پھوٗل گوٗبی، ژۄنٛٹھ، کیلہٕ تہٕ

حاصِل کرنچ تہٕ زانکاری فراہم کرنٕچ خاص دِلچسپی۔ سہٕ اوس بھارت واپس یتھ پنہٕ نِس اَدارس منٛز کاٹھمنڈوٗکین قیمتن مُتلِق لکچر دِنٕچ تیاری کران۔

ییٚمہِ دوہہٕ اَسہِ واپس ییُٚن اوس، میأنی فلایٹ اُس ترٛیہِ بجہِ تہٕ تسنٛزٕ پانٛژٕ بجہِ۔ سہٕ گوٚتمہِ دوہہٕ صُبحے بازر کینٛہہ چیز ہیٛنہٕ باپتھ۔ مےٚ اوس نہٕ کینٛہہ زیادٕ ہیوٚن۔ ہوٲیِ اَڈس پیٹھ گرٛھنہٕ برٛونٛہہ گوس بہٕ اَکس نزدیک کس بازرس منٛز۔ زٕ ژور لوکٕڑ موکٕڑ چیز ہیٚتم مٕلی۔ زٕ ترٛے سونیر تہٕ اَکھ چینی چھیٚترٕ ی۔ میانہِ فلایٹہِ گوٚ رٕژھ کھنڈ ژیر۔ بہٕ اوٚسس ایرپورٹکس لانجس منٛز اِنتظار کران تہٕ ژٕ وی وُچھم۔ تسنٛدِس اَتھس منٛز اُس اَکھ چھیٚترٕ ی۔ تمیٚ ووٚن زِ تمیٚ کر کاٹھمنڈوٗہَس منٛز سو جاے دٕریافت یتہِ چیز سستہٕ میلان چھِ۔ اَوے اوس سہٕ توٚری چیز ہیٛنہِ گوٚمُت۔ تمیٚ ووٚن مِثالہٕ کنِ زِ تمیٚ اَنی یہٕ چھیٚترٕ ی صرف دوٚن ہَتن روپین۔

"دوٚن ہَتن روپین!"

مےٚ کڈٕ پنہٕ نہِ ہینڈ بیگہٕ منٛزٕ پنٕنی چھیٚترٕ ی یوسہٕ زَن عأن تہٕ غأن تژھے اُس تہٕ ووٚنمس۔

"مےٚ ہیٚژ یہٕ صرِف ڈوڈس ہَتس۔"

پزٕ ی یا؟ تہٕ کتھٕ کنِ بنہِ؟ مےٚ چھکاوٕ یہِ چھیٚترٕ ی ڈٕ ہَن دُکانَن منٛز تہٕ پتہٕ ہیٚژم مٕلی"۔ مےٚ پرٕژھمس اَسٕنہنا ترٛ اُتھ۔ "بنان چھُ میأنی چھیٚترٕ ی آسہِ نقلی۔" تسنٛدِس بُتھس پیٹھ اُس مویوٗسی لبنہٕ یوان۔



# یار

سُہ چھُ تِموَ نایاب تہٕ خاص لۆکو منٛزٕ یِم نکھہٕ أستھ تہٕ نزدیک چھِنہٕ آسان۔ تِم ہکو کھ نہٕ کاپہٕ أنتھ تہٕ سَنٛبألتھ۔ موچھِ منٛزٕ ٹتھ تہٕ چھِ تِم زٲلی ہارِ گرٕھان۔

یہٕ کہأنی سپٕز کینٛہہ ؤری بڑ وٕنٛتھ شۆرۆ تہٕ تِنہٕ آونہٕ اَتھ کہأنی منٛز کانٛہہ بَدلاو۔ گتھ سپٕز شُری لہِ منٛزٕ ے شۆرۆ۔ بھارٕتکس أکِس ووسہٕ دڑ وسہٕ وٲلِس توٲریٖخی شہرس منٛز آو سُہ اَکھ غاٲر زان ہُنتھ پٔنٕنہِ زَبان تہٕ کلچر کرٕ وٕہہٕ واد پتھ گُن تڑ آوتھ أکِس ڈگری ہنٛدِس تلاشس منٛز۔ زانہٕ دَے کیاہ زٲ سی تَس تمہِ توٲریٖخی شہرٕ کِ لۆکھ پھیرٕ وٕنی تھورٕ ہٕ بے زُو کھنٛڈَ رَتہٕ ستۆن ہوی باسان۔

خلقن ہُنٛد دوہِ دٕ شہٕ ہُنٛد وہٕ ہار تہٕ گتھ گرنک وٕطیر اوس گھنٛڈرَن ہنٛدی پٲٹھی واٲران جاتھ باسان۔

یتِس بڈِس شہرس منٛز گو سُہ گُنزُرک شِکار۔ رٕژر پاٹھ گرنہٕ خاطرٕ ہُر بوتسنٛدٕ ہن زٲنی کارَن ہُنٛد تیداد۔ اماپوٚز توتہٕ اوس سُہ پٔنٕن پان کُنٕے زوٚن محسوٗس گران۔

أتھی دَوران سپٕز تَس سمِپرٕس ستہٕ زان پچھان۔ گوڈنکیٕ مُلاقاتس منٛز باسوٚ تَس زِتِمس میٔول پَنہٕ نہِ مَنہٕ مُوافق یار۔ اَمہِ زٲنی ستہٕ لوٚگ أمی ہنٛدِس لاچِس

اَکھ نوٚ وزٕنم ۔ زنتہٕ اوس پزٕتھ کینٛہہ بدلوٗن باسان ۔ مگر کیٛنژن دوہن منٛز ے باسوٚ
تَس زِیژھ چھےٚ نہٕ کانٛہہ گتھ سَپدن واجنِ ۔ سُہ یوٚت یوٚت سمیرَس نکھٕ یُن اوس
یژھان تیوٚت تیوٚت اوس دوٗر بر بڈان ۔ گتھٕ آسہٕ پیٹھی پیٹھی سپدان ۔ سمیرَس اوس
ہمیشہِ أندی پکھی لوٗکن ہُند ہوٚ جوٗم آسان ۔ تِمن منٛز آسہٕ کینٛہہ ہم عمرلڑٕکیہ تہٕ لڑکہ
شأمِل ۔ یِم زَن اَکھأ کِس بزٕ وُنہہ نیرنہٕ باپتھ گِہے کینٛہہ قدم بزٕ وُنہہ پکان أسی
تہٕ گِہے پَتھ ۔ پزٕتھ طرفہٕ أسی شوشہٕ شوشہٕ ۔ او ۔ یِموٚ ہُم عمرلوٗکو منٛز اوس زیادٕ خطرٕ تِمن
ہُند یِم وأنسٕتھ أسی ۔ پھیکوٚ پٹھ ذِمہٕ وأرِیَن ہُند یہِ بوراوس نہٕ کُم گژھن وول ۔
سُہ یِیلہِ تہٕ سمیرَس سَمکھنہِ گژھ ہے تتہٕ اوس سُہ کُمرِکس ڈبسکس پٹھ فایلن ہنٛزِ کامہِ
منٛز آدٕر آسان ۔ پَنہٕ نِس ڈبسکس پٹھ کأم کرنہٕ علاوٕ اوس تَس زأنی کارَن تہٕ
یارَن دوستن ہُند یُن گژھُن پیٚہم روزان ۔ یہِ سورُے وُچھِتھ وو پدیوٚ جوأہرِ نِس
دِلس منٛز سمیرَس ہنٛزِ ہمدردی ہُند ایحساس ۔ سُہ اوس أکِس پزٕس دوستہٕ ہنٛدی
پأٹھی تسنٛد بن پھیکِین ہُند یہِ بورلوٗت کرُن یژھان ۔ مگر کر ہے تہٕ کیاہ؟ تَس اوس
نہٕ سمیرٕ ہنٛز کأم کرنک حق دِنہٕ آمُت تہٕ نہَ ہیکہِ ہے سُہ یہِ سورُے کرِتھ ۔ جوأہرِس
اوس باسان زِ سمیرٕ ہنٛدِ کامہِ منٛز آدٕر روزنِس تہٕ تِہنٛدی زأنی کاردوس چھِ تِمن
درمیان اَکھ مضبوٗط دیوار بنٛتھ ۔
اَکھ لوگُٹ عوہدٕ دار أسِتھ تہٕ أس سمیرَس مرکزی حیثیت حاصل ۔ سُہ اوس

سارِنے ہُنٛد دیان پانَس کُن پھران ۔ خاڑ جوٲہرِ ن ہاڑنہٕ ہِمتھ ۔ سُہ رُد سمیرس نِکھہٕ تیٚنچ سبتھاہ کوٗشِش کَران ۔ اَتھ اَدارس منٛز دوٚستی ہنٛدِ مُخالِف درِچ جماتھ زینہٕ باپتھ ووتلوٗ تَس اَکھ خیال ۔ تِمۍ لوگ چھکٕریَن منٛز سمیرِ سُنٛد گرٕیُن گرٕہُن ۔ گرس منٛز تہٕ وُچھنہٕ تِمۍ سمیر زانہہ تہٕ موکُل ۔ سمیر اوس گرس منٛز تہٕ بٲژونٛشہِ بدوٗن باسان ۔

سمیر اوس اَڈ ژھ اَڈ ژھ پڑوٚن پڑوٚن تہٕ اَمۍ ہنٛز نستہٕ خنجر آس کانٛسہِ اَکِس تہٕ پانَس کُن کھچان ۔ تَسنٛد پوشاکھ تہٕ اَلگے ۔ رَنگ رٕ پھ، پلوَ پوشاکھ علاوٕ اُس تَس پَنٕنۍ اَکھ کَشِش ۔ تَسنٛدِ پکنُک اَنداز، کتھن ہنٛز تُلہٕ تژ اوتہٕ ہاوٕ باوٕ چ نزاکت تہٕ نرمی ۔ تتھ توٲرٕتھی شہرس منٛز اوس تَس پَنٕن شوٗنڈ نہٕ صرِف تِمن وُٹھپٹاۓ نِگۍ لڑکنے اوت پانَس کُن اَنان ئلی کہِ لڑکین تہٕ آس تسنٛز ماے گنیمِ ۔ شاید آسی تِم پَنہٕ نہٕ پَنہٕ نہٕ آدرشچن موٗرژن ہُنٛد پڑ وٚ کھٹ روٗپ تِمس منٛز لبان ۔

اَماپوٚز سبتھاہ کوٗشِش کرنہٕ پتہٕ تہٕ ہیوٚک نہٕ جوٲہرِ سمیرس نِکھہٕ تتھ ۔ اَمہِ باپتھ آسی اصلی زٕ ے شخص ذِمہٕ وار ۔ سُریش تہٕ پڑ ہتی ۔ سُریش تہٕ پڑ ہتی آسی ہمیشہٕ سمیرس گیر رِتھ روزان ۔ تِم دوٚشوے آسی اکثر تَسنٛد گرٕیوان گرٕہان ۔ جوٲہرس تہٕ سُریشس آیہِ نہٕ پانہٕ وٲنۍ برابری ۔ جوٲہر اوس حٲران زِ سمیر کیاز چھُ سُریش ہنٛدِس گرداپس منٛز ولنہٕ آمت ۔ سُریشہِ ہنٛزِ چالاٰ کی بڑونٛہہ گنہٕ پیٚیہِ جوٲہرس ہار مانٕنۍ ۔ بیا کھ وَجہ آُس پڑ ہتی ۔

جواہرا ٔگر بیٚیہ کانسہ تہٕ نزدیک اوس اُمت سوآس پرٛیتی۔ پرٛیتی تہٕ جیوتی آسہٕ اَکِہ دوٗرشُمالی مشرکی صوٗبہٕ پیٹھ یورتھ تعلیم حاصل کرنہٕ آمٕژ۔ دوشوے آسہٕ وبسہٕ۔ جیوتی آیہِ سُریشس قریب۔ سُریش اوس یژھان زِسمیرٕ گوژھ پرٛیتی قریب یُن۔ یپأری اُس جواہرس پرٛیتی خوش کران صرف اَکِہ دوستہٕ ہنٛدِ کٔشی یتی۔

اکثر اُسی تِم پانہٕ وأنی واریاہن موضوعن پیٹھ گتھ باتھ کران۔ اَکِہ دوہ وُچھ جواہرن پرٛیتی تہٕ سمیرٕ اَکِس سایکل رِکشاہَس پیٹھ بازر گژھان۔ دوٚیمس رِکشاہَس پیٹھ اُسی جوٗتی تہٕ سُریش۔ جواہرس آونہٕ یہ پسند۔ سُریش اوس نہٕ تَس گوڈے پسند یِوان تہٕ ازگوأمس دِل سمیرس تہٕ پرٛیتی متلُق تہٕ۔

جواہرس آیہِ بیٚیہ ژوپأری صرف وأرنگی نظر۔ تِمٕ گرٕ پٔنٕز تحقیقی کأم پوٗرٕ۔ ڈِگری میلنہٕ خأطرٕ اِنتظار کرنہٕ وارأے ترٛ ووٚتِمٕ یہ شہر۔

وق روٗد گذران۔ واریاہو ؤری یو پتہٕ اُسی سمیرٕ تہٕ جواہرا ٔکی ہے ادارکین الگ الگ مرکزن منٛز نوکری کران۔ پانہٕ وأنی سمکھن پیٹھ آسہٕ پرٛانہٕ گتھٕ یاد پیوان۔ سمیرٕ اوس سبٹھاہ کم بدلوٗمُت۔ تِمَس اُسی زنان اِراتہٕ زِ شُری۔ اِرایہِ گتھٕ کٔنٕز زبان تِمٕ سُند من تتھ ستی چھنہٕ اَسہِ مطلب۔ مگر لگان چھُ زِسمیرٕ چھنہٕ بدلوٗمُت۔ پننہِ نہٕ زنانہِ تہٕ شُرین قریب روزان تہِ چھُ تِمٕ پٔنُن پان کامیابی سان الگ تھووٗمُت۔ تِمٕ ہنٛدین عادتن منٛز چھےٚ کم فرق آمٕژ۔ یِیلہ تہِ زانہہ کأتی جواہرتہٕ

سمیرٕ اُسی سمکھان تِمن آسہٕ پڑانہٕ کتھہٕ یاد پیوان۔

جواہراوس وُنہٕ تہٕ پننہٕ نِس دِلس سمیرس پٔنُن دوس سمجان۔ تِمن ستی کتھ باتھ کرنٔی اُس تَس خوش کران۔ جواہر سُند تبادلہٕ گو بیہٕ منسٹری ہٕندس اَکس ٹرینگ اِدارس منٛز۔ تتہٕ اُس اَکھ اَسامی خٲلی۔ جواہرن لاگہٕ نو سمیرٕ اَتھ جایہ۔

جواہراوس خوش۔ تِمس اُس راے زِ تِم دوشوے بنمن بییہٕ پانہٕ وٲنی جان دوس۔ دوشوے ہیتِن بییہٕ اَکھاَ کس قریب تنٛو۔ یہٕ نزدیکی اُس زیادٕ ترنیبر می۔ یتھ نَو جایہٕ تہٕ بنوٗ سمیرٕ اَکہٕ کشِشہٕ ہُند مرکز۔ تِمَن بنے یہٕ واریاہ نٔوی دوس۔ یتیٚک ماحول آو تِمس زیادے براہ۔ جواہرس باسیوٚ پٔننم پان بییہٕ لاچار ہیوٚ۔ سُہ اوس پننہٕ نہٕ منگ ژھربر بُرن یژھان۔ اَمہٕ خٲطرٕ کرن سبٹھاہ کوشِش۔ مگر یہٕ اوس نہٕ ممکِن۔

اَز اوس دوہ سمیرنہٕ الوٗداع گژھنُک۔ تِمس چھُ پننہٕ نِس پڑانِس شہرس واپس گژھُن۔ شاید تورتہٕ گژھِ واریہَن ہٕندی دِل زینہٕ نہٕ خٲطرٕ یا باقیمن ہُند منگ ژھربوٗ برنہٕ خٲطرٕ۔



# تحفہٕ

چِھٹھی پرِتھ رۄ دس بہٕ واریاہَس کالس سوٚنچان ۔ تَس چھُ فِکرِ تو رمُت زِ بہٕ کوتاہ آسہٕ یِیتہٕ ترَسان ۔ تَس چھُ پۄرٕ ظۄن زِ میٚے کوتاہ لول آسہِ آمُت ۔ تَس چھُ پتہٕ پتاہ زِ وُنہِ چھیٚہ نہٕ کانٛہہ تہِ وومید سمکھ ہٕچ ۔ تٔمۍ چھُ پرٕژھمُت کینٛہہ منگنہٕ خاطرٕ یہِ زَن سُہ سۄ زِتھ ہیکہِ ۔

بہٕ کیاہ سنا منگس ؟ میٚہ کیاہ گژھنہٕ ؟ کیا سُہ سوزِیا مێو پارسل کٔرِتھ ؟ سُہ سوزِیا جۄین ہُنْد آب یا ٹھنڈٕ ہوا، سُہ سوزِیا کلُٕمن ہنٛز پھلَے ۔ کلُٕمن ہُنْد بامُن خوش یُون پوشہِ زار یا بوٚنین ہُنْد شُہُل ۔ بہٕ کیا لیکھس ؟

میٚے چھُ پتاہ تَس تہِ چھُ گُنبر سنیومُت ۔ تَس چھُ پوشن ہُنْد یاوُن پرٕژھان زِ یار گیتہٕ چھے ۔ تَس چھُ یاربن ہُنْد ہوا اٹرِتھ گژھان ۔ جنگلن ہنٛز سوسرا ے چھس وِزِ وِزِ ژیتَس پاوان تَس رُومُت کیا چھُ ؟

بہٕ کیاہ منگَس ؟ تٔمۍ چھُم قسم دِیتمُت تہٕ کینٛہہ نہٕ کینٛہہ چھُم منگُن ۔ سُہ واتہٕ ناوِ گُنہِ تہِ ذِری یہِ میٚے نِش ۔

میٚے ٹُل کاغذ تہٕ قلم اَتھس منٛز تہٕ لیوکھُمَس ۔ "بہٕ کیاہ منگے "؟ مگر چانٛی ضِد

وُچھِتھ چھُسے بہٕ تیُتھ موٗلُل چیز منگان یُس منٛلنس میٚیے زبو چھےٚ کاٗنٛپان۔ سُہ گوٚ چون دپدار۔ بَس یوہَے اَکھ ارمان کرتم پوٗر۔ یوہَے چھُ میانہِ خاطرٕ موٗلُل تحفہٕ۔

بہٕ وُچھ ہایمن وٗرین منٛز کوسہٕ تبدیلی چھےٚ ژٕنے آمٕژ۔ میٚیے تَر ہے چون بُتھ وُچھِتھ فِکرِ زِ میٚیے منٛز تہِ چھا کانٛہہ فرق آمٕژ۔

" مگر گرِ نیر زِ بوزٕ شوژ سان۔ سفر گری زِ حراسہٕ سان۔ یتھٕ نہٕ کانٛہہ اَثر گژِھ۔ میٚیے چھُ چون طبیعت پتاہ ژٕ پرٕ ژھکھ سارِنٕے مشورٕ، ڈنڈوٗرٕ دایکھ۔ تہِ گری زِنہٕ۔ دپان وَق چھُ بدلیوٗمُت۔ ژھوپہٕ دوپہ گرِتھ یِز۔ "



# تَس ماًج میٲنۍ نظر

یتھ تتھ دڑایہِ بَس انت ناگ کُن صُبحچہ ساڑِ نوِ بجہِ ۔ مےٚ میج جاے ڈڑایورس پتہٕ کنہِ چھِ سیٹہِ پیٹھ ۔ بَس رُکیہِ ڈل گیٹہٕ ۔ اَکھ زٕ تووٕہ تڑ ووٕہ وٕرِش جوان زنان کھڑٕ دُواٚ رِشتہٕ ہش گوٚ رِہتھ بسہِ ۔ شُرس اوسُس اَتھس کیتھ اَکھ پوٹیٹو چپس پاکیٹ ۔ تمہِ تڑ اٚ وبسہِ منٛز پتھ بڑ ونہہ نظرتہٕ ووٚنُن پٔننہِ بچہِ کُن ۔

"سیٹ چھنہٕ کانٛہہ تہِ خاٚلی"

پزی پاٚٹھی اُس نہٕ کانٛہہ سیٹ خاٚلی ۔ اَکھ زٕ سوارِ آسہٕ وودنہِ تہِ ۔ سو ییٹھ بانٛس پیٹھ یتھ پیٹھ بڑ ونٛہےٕ اَکھ نفر اوس ۔ بانٛس پیٹھ بیہنہٕ روٗس اوسُس نہٕ چارٕ تہٕ کانٛہہ تِکیاز ِ کٲنٛسہِ تہِ تڑ اٚوس نہٕ سیٹ ۔ کُجا اُسی نہٕ زنانَن یا کورِہن بسہِ منٛز کھڑٕ ایا سیٹہِ ورٲے دِوان روزنہٕ تہِ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ اوس ضوٗرۄٚ رپنٕی سیٹ تڑ اوان ۔ مگر ووٚنی اوس خالے کانٛہہ اَمہِ آیہِ سوٗنچان ۔ دڑاصل یۄٚ تاہ لُکھ پران لیکھان گے تیۄٚ تاہ گوٚو تمِن پٔننِن تہِ زنانَن ہند بن حقوقن ہُند پےٚ لگان ۔ سوٗنچان آسن ییلہِ حقوق برابر گیہِ تیلہِ کُس کھٔسی پایہِ تہٕ کُس وٕسی پایہِ ۔ تَس تہٕ اوس اَمِک احساس تہٕ اوِکی ییٹھ بانٛس پیٹھ تتھ پاٚٹھی زنتہٕ آرام سان سیٹس پیٹھ بہتھ اُس ۔ سٔنجید آسنہٕ

باوٚ وجہٕ دتہٕ روٗزنہٕ تمہِ سٟز نزا اکتھ کٔھتھ۔ سو اُس خوش شکیل۔ بہٕ روٗ دس مٔنزی مٔنزی تمۍ ہٕنٛدِس بتھِس کُن نظر ٹلان۔ میٚے باسیہِ سو کمہِ تام افسانٕک کِردار ہیُٚو یُس نام لٔکن روٗ دمُت اوس۔ کنڈکٹرن رٔٹی پأنسہِ۔ اَمہِ تہِ کڈی پأنسہِ تہٕ کنڈکٹرس پِلناوان ووٗنُن۔

"اوٗنتی پور؟ اَماتہِ کُس آسہِ اُمِس؟ یہِ ما آسہِ نوکری گران، مگر کوسہٕ نوکری؟ اُمۍ ہٕنٛدِ ہلکہٕ میک اَپ، بُمہٕ کٔڈل، بتھُیک ہلکہٕ گولأبی رنگ (کیٛژھا پٔنن تہٕ کیٛژھا پوڈرُک) تہٕ سورمہٕ اُچھو تلہٕ چھہِ یہِ باسان تمہِ خاندانٛچ یتھ مٔنز نوشن فقط شیٖرِتھ پرٕتھ بیہنہٕ ورأے گرس مٔنز کانٛہہ تہِ کأم چھنہٕ آسان۔ خاوند آسیٚس کانٛہہ تھٔز نوکری گران۔ یہِ آسہِ پٔرمٕژ لیچھمٕژ تہٕ اَمہِ آسہِ پٔرتھ لیکھِتھ تہِ کانٛہہ نوکری نہ کرٕنک فأصلہٕ کُورمُت۔"

بہٕ اوسُس یمنے خیالن مٔنز زِیکدم ووٗتھ گٹہٕ کارہیُٚو۔ اَمہِ ساتہٕ اُس بس بٹہٕ دورِنش وأژمٕژ۔ نیٛبری کٔنۍ لایکھ شیٖشن کنہِ۔ شیٖشن گوٚو چکناچوٗر۔ شیٖشو مٔنزی ژایہِ گولین ہٕنٛدی پأٹھی کنہِ اندر۔ یہِ نوجوان زنان آیہِ باتٕہ پیٚٹھ بون لاینہٕ۔ کٔور پیٚٹس دوٚیمہٕ طرفہٕ۔ سو وٗژھ وارِ وارِ تھوٚد تہٕ کٔور تہٕ تجُن تھوٚد۔ گاڑِ اندر دوٚتھ ہے۔ ڈرایورَن تھوٚو پکُن جاری۔ اڈو ووٚنُس "ٹھہرسأ" تہٕ اڈو "تیز پکھ سأ"۔ واریاہَن سوار بن آیہِ زٔخم۔ اُمِس زنانہِ تہٕ اُس پھیکس کٔنۍ آمٕژ۔ شیٖشہٕ کھٔنجو ہتی

أسِس وار یاہَن جایَن چھو کھ آمتۍ ۔ سۄ آس اکہِ اَتھہِ پھیکس موٗٹھ دِوان تہٕ بییہِ

اَتھہِ بُتھِس پیٹھ لگیٖمتِن زخمن رَتھ وۄتھراوان ۔ تمۍ ہئنِد بُتھ پیٹھہٕ اوس صاف پرٕنہٕ

یِوان زِ تَس چھےٚ دگ مگر باس دِیتُن نہٕ ۔ بہٕ گوس یکدم تھوٚدۍ وۄتھنہٕ تہٕ ہیُرٛمس سیٹھ

ژاوِنی مگر میٚے بۄزنہٕ وۄتھ میٖون ہمسایہِ سیٹھہِ وول تہٕ ژاوُنس جاے ۔ میٚے تہٕ

اوس شیشہِ کھنجہِ ستۍ ڈبکس کھوورِ اَنِد رَتھ آمُت یُس بہٕ رُمالہِ ستۍ وۄتھراوان

اوسُس ۔ اَمۍ ہئنِدِس بُتھِس پیٹھ وار یاہَن جایَن رَتھ وۄچھتھ گو میٚے پننِ زخم

مشِتھ تہٕ لوگُم ہمدردی سان رُومالہِ ستۍ اَمۍ سُند رَتھ وۄتھراوُن ۔ ڈٕچھنہِ بمہِ پیٹھ تہٕ

اوسُس زِیوٗٹھ کھہہ آمُت تہٕ ڈٕچھِنس کنس تہٕ جمپرس تہٕ أسِس خوٗنہٕ داغ

پییمتۍ ۔ میٚے کوٚڈ وۄنی پننہٕ بیگہٕ منٛز کاغذورُق تہٕ لوکچہٕ لوکچہٕ تلمہِ کرِتھ لوگمس زخمہٕ کین

جایَن ۔ تَس ژوٚل بے وایہِ نیٖرتھ "واے ! پھیکس چھم سخ دگ ۔"

میٚے لاج أمِس وارِ وارِ پھیکس موٗٹھ دِنۍ ۔ موٗٹھ دِوان پرٛژھمَس "وۄنی ما

چھُو پھیکس زِیادٕ لگان ۔"

تَس آیہِ أش بَرِتھ تہٕ وۄدوٕنہٕ ہٹہِ وۄٚنُن پننہِ کھوٗنہٕ منٛز کورِ ماہ گران : "میٖون

چھُ سہلے ۔ اَتھن پھوٗکھ دِوان بچیم یہِ نچ ۔"

بییہِ ہمسایہِ سیٹھہِ وٲلی وۄنُس تسلاہ دِوان ۔

"فِکرِ مَسٲ کر ۔ أسۍ ہے ژٕے بٲے چھی ۔ مُسلمان یا بٹہٕ سٲری چھِ

اِنسانٕنے۔ اُسی ہے زٕ دِمو چانہِ باپتھ۔"

یِم لفظ بوٗزِتھ آیہِ میانہِ اُچھ تہٕ اشہِ ستی بٔرِتھ۔ پنٕنہٕ رتہٕ بٔرٕ ژِ روٗ مالہِ ژھونڈٕ م صاف کوٗن پٔنُن اوٗش وتھراونہٕ خاطرٕ۔ اَتھ منٛز نا کام گژھنہٕ پتہٕ ڈاجم اُنگجہِ اُچھن تہٕ ووٚنمس۔

"توٗہی مہٕ بٔرِو پرواے۔ اُسی ہے سأری۔۔۔" اَمہِ تلاوٕ ہیوٚ کُم نہٕ یہِ زأنِتھ کینٛہہ وٕنِتھ زِ کیاپے کتہِ تہٕ کیٛأری ییٚن بسہِ ہیٚیہِ کنہِ۔ تٕسنٛدِس بُتھس پیٹھ اوس نہٕ ووٚنی ہلکہٕ گوٗلأبی رنٛگ بٔلکہِ کھوژُن، تژ نٛبرُن۔ بَس اُس تیز تیز ژلان۔ اُمی سٕنٛزٕ کھونہِ منٛز اُس اُمی سٕنٛز کوٗر فقط تھلہِ تھلہِ وُچھان۔ تَس تہِ اوس یوٚہے وٕحشتھ ہیوٚ گومُت۔ اُمی سُند توجہِ پھِرنہٕ خاطرٕ اوفن میٚے زورٕ بُتھس پیٹھ اُسن تہٕ ڈوٗلُمس مَستس وارٕ وارٕ اَتھٕ۔ مستس منٛز اوسُس کم زیادٕ شیشہٕ چوٗ رسیٛد یومُت۔ یہِ کوٚ ڈمس تہٕ ستی دِژمس کلس پوٚ رِ نظر۔ مگر زخم اوسُس نہٕ کانٛہہ۔ میٚے وُچھس ماجہِ کُن مگر سو اُس اتھن اُستھ تہِ نہٕ زَن اتھن۔ اَمہِ نٕچہِ لوگ میأنٕبس اَتھس کِنٛدُن تہٕ پلنووَنم پوٹیٹو چپس پاکیٹ۔ یتھ تَمہِ اَتھٕ تہِ اوس نہٕ لوگمُت۔ میٚے پلنووُس واپس تہٕ ووٚنمس لولہٕ سان:

" کھیٚیہ سأ گوٚ بریاپأنس۔"

"ہو پأری لوگ ییٚیہِ سورِ پٔنن بوس لوٗ ژراوُن۔"

"یہِ کیٛا گوٚو حالاتن ؟ ژوپاۤرؠ گیہِ برباۤدی۔ کُنہِ پٔٹھ تہِ روٗدنہٕ بڑٛوٚسہٕ گَس وَنوتہٕ کُس بوزِ۔"

بس وأ ژاوٚنتؠ پورتہٕ رُکیہِ بازرس منٛز۔ سوٗ ژھوٚنچ ہیتھ بوٚن۔ پَتھ کُن دِژِن نہٕ اَکھ نظرتہِ۔ بہٕ روٗدُس پھُٹہِ مِتہِ شیشہٕ منٛزٕ تَس وُچھان تہٕ سوٗنچان زِ اَمِس ماجہِ میانٛہِ نظر۔



**( سماپتھ )**

# Mulakat

**A Collection of Hindi Short Stories** ***by*** **Dr. Omkar N. Koul**
**Kashmiri Translation** ***by*** **Piarey Hatash**

پیارے ہتاش چھ خلوص مند، مژھیل، ہمدرد، وصفو تہٕ گونو بوٚرت شخص۔ ماےِ ہندِ ناگرادٕ چھس لول وُزان۔ شرافت تہٕ نرمی چھس ڈبکہٕ طمارٕکی پاٹھی شوٗب انان۔ سادگی تہٕ شوزر چھس ماجہِ زاینٕ، وفا تہٕ اکار بکارینٕ چھس مأنلی سُند دوٚپ۔ انسأنی یژھ ہُند یہِ زِندٕ جاوید کِردار چھنہٕ ادبی حلقن منز پننہِ مخصوص تہٕ بدوٗن انداز کِنی کُنہِ تہِ تعارفک موحتاج۔ اہنز شخصیت چھےٚ پہلوٗ دار۔ یہِ کوٚتھو کأم کرن وول تہٕ شوقہٕ وول أدیب، شاعر، فنکار، صحافی، ووستاد چھ اردوٗ، ہِندی تہٕ کأشرِ زبأنی منز شارتہِ ونان تہٕ نثری تخلیقہٕ تہِ کران۔ اردوٗ زبأنی منز چھِ یموٚ زٕ شارٕ مجموعہ "لمحاتِ گمشدہ" تہٕ "کربِ وجوٗد" تہِ چھاپ کٔرِ متۍ۔ یمن ہنز مولہٕ ون چھےٚ مُلکہٕ کیوٚ ناماوار عالموٚ تہٕ أدیبو کٔرمٕژ۔

"مُلاقاتھ" ناوٕچ یہِ ہِندی افسانہٕ سوٚمبرن چھکھ کأشرِس منز پھِرمٕژ۔ امہِ برٕ ونبہ چھےٚ یموٚ ساہتیہٕ اکادمی ہندِ یژھنہٕ موجوٗبٕ زٕ کِتابہٕ انگریزی پیٹھٕ کأشرِس منز پھِرمٕژ۔ تِمہٕ چھےٚ ساہتیہٕ اکادمی چھاپ کٔرمٕژ۔ "پرٕزنتھ" چھُ یہُند مقبوٗل کأشر ادبی جریدٕ۔ واریاہن پنجأبی کہأنیَن ہُند تہِ چھکھ کأشرِس منز ترجمہٕ کوٚرمُت۔

ہتاش جیس منز چھےٚ بڈٕ بارٕ خوٗبی زِ یہ چھُ ازٕ ھینٕز پأٹھی تہٕ وقتہٕ پوٚرٕ پابندی سان مُطالعہٕ کران وزِ نِتھی گژھان۔ امتحان دِوان تہٕ سندٕ حاصل کران۔ یہ کانچھس نِچھِ ترٕ وُگن آے تہٕ تھدٕ ن پاے!

جوٗم۔

پرتھوی ناتھ کول سأیل